گوڈنیک چھاپ : سنہ ۱۹۸۰ء

یہِمہ چھاپہ باپتھ چھُ ریاستی کلچرل اکادمی مےٚ
کینہہ مالی مدد کوٚرمُت، یہِمہ باپتھ بہٕ اکادمی ہُند
شکر گذار چھُس

(شوق)

قیمتھ : پنٛدٕرہ روپیہ - /Rs. 25

مێلنٕکی پتہ :

۱. شفیع شوق ۔ کاشر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی،
حضرت بل سرینگر

۲. بزم ادب ۔ کاپرن ۔ کولگام کشمیر

خوش نویس ۔ محمد یعقوب ۔

# ترتیب

## دوٚیُم حِصہٕ

## شوٗیم حصہٕ

# سرنامہ

یمہِ کتابہِ ہُند مولہٕ خیال اوس مےٚ از برونہہ کینہہ ؤری اوسلوٚبن
پیٹھ اکھ کتاب لیکھنہٕ ییتھ منز کاشرِ شأیری ہُند لسأنی مطالعہٕ ییہِ کرنہٕ،
چنانچہِ امکہِ کینہہ قسطہٕ چھپیٚیہِ امی برأنزِ کاشر اخبارٕ ہفتوأری اخبارس منز۔ مگر
کینژن مجبوری لوٗکنی ہیوٚک نہٕ ییہِ برادہٕ وارٕیاہس کالس بامل وأتتھ۔ پتہٕ مین
دوٚن ؤرین یُس علمی تجربہٕ مےٚ یونورسٹی منز تنقید پرٛاونہٕ ستی سپُد لوٚ،
تمہِ کِس گاشس منز شیری مےٚ دُبارٕ پننی نوٹ تہٕ بیٚیہِ کور مکھ گوڈٕ دٕنگن
دوٚن تہٕ پتہٕ مین ترین مضمونن ہُنار اضافہٕ۔

میأنی کوشش چھےٚ اندٕ وَنہٕ۔ رٕ دز منز زسیوٚد تہٕ سادٕ
لفظن منز تہٕ مبہم استیارٕ ورتناونہٕ ؤرأے گوژھ تخلیقی عملہٕ ہُند مطالعہٕ
ممکن بنُن ییتھ پٔژرِ تہٕ خراب تخلیقہِ درمیان فرق بدٕ کڈنی سہل بنہٕ،
تاکہِ موٗلانکن سپدِ انفرأدی تہٕ اضأفی ذوقہٕ چہٕ آمر بٔرژنہٕ آزاد۔ یمہِ
مطالکُک مقصد چھُ شأیری یٔتھہ پأٹھی پرنک تہٕ زاننُک سلیقہٕ
ہیچھناوُن نہٕ زِ شأیری کرنی ہیچھناوٕنی۔

شفیع شوق

حضرت بل

# تنقیدٕچ اہمیت تہٕ مقصد

**۱-۱- نقادٕ سٕنز کٲم:** تخلیقکار چھُ پانے پننٕ کوٚڈنیک نقاد آسان۔ للہٕ دیدِ کوٚر عشوٚس زِ نفس مٲرِتھ چھِپے دیہٕ سٕنز کل شاعرٕ سنٛدِس منس گاشرادان تہٕ شاعر چھُ یوٚہے گاش نیبر ژھٕٹان' تہٕ یوٚہے گاش چھُ تمی سٕنز شاعری:-

دمادم کوٚرمس دمٕن بٲلے
پٔرزٕلیوم دۄہ پہٕ تہٕ شیم ذاتھ
اندریُم پہٕ گاش نیبر ژھوٚٹم
(گٹہٕ رٹوٚم تہٕ کرٕمس تھپھ) [۱]

للہٕ ہنٛز یہ رائے ہیکو اسی رد تہٕ کٔرِتھ' مگر یہ چھُ ننان زِ شاعر چھُ شار لیکھنہٕ وِزِ پننہٕ شاعری متعلق کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ رائے ضروٗر تھاوان۔ شاعر چھُ پننین تجربن ہنٛز اپُر لیُکہٕ یادونتہٕ کرنہٕ خاطرٕ لفظن ہنٛز ژارکران' استعارٕ تہٕ علامژ گران' اتھ عملٕ دوران چھِپے تمس کانٛہہ خاص تنقیدی ترائے وتہٕ یادکھ روزان۔ تنقیدچ کٲم چھِپے تمی ترایہٕ ہنٛد تلاش۔ نقاد چھُ توٗے بحث کران زِ شاعرن کیازِ تہٕ کیتھہٕ پاٹھی چھُ یہ یا ہُہ لفظ ورتومُت' یہ یا ہُہ بحر کیازِ چھِ چن ژارمژ' تتھ یا ہتھ پیکرس یا علامژ کیاہ مقصد چھُ' بیترِ بیتھ پاٹھی چھِپے یہ باسان اکھ سیٚود ساد کٲم تہٕ اکٲسے کٲم' یتھ منزٕ اختلافچ کانٛہہ گنجایش چھِپے' مگر عالمی تنقیدک مطالعہٕ کران چھُ ننان۔ بقولِ کرین (CRANE) "زِ تنقید چھِپنہٕ تہٕ چھُ زانٛہہ اوسمت اکوے شوبہٕ یتھ پوٚتس یتھ نقاد صرف اڈلیکی تہٕ زانٛہہ ہُپُر پاٹھی تسلابخش ہُرہٕ کران آسہن آسی'

---

۱۔ للہ دید' مرتب جیالال کول' نندلال طالب۔ (دۄیم ایڈیشن)

بلکہ چھُ یہِ مختلف تہٕ کتھہٕ حدس تام بے ہشر نظامن یا زبانن منز سو مبرن"۔ ؎۱

۱۔۲۔ تنقیدِ ہٕنز تقسیم ۔ ازتام لیکھنہٕ آمت تنقید چھُ عام پاٹھی داریہن قسمن منز باگراونہٕ یوان۔ کینہہ خاص قسم چھِ یم:

۱۔۲۔۱ موضوعی تنقید :۔ اکثر نقاد چھِ کُنہ نتہٕ کُنہ نظریکی حامی آسان تہٕ تمی مطابق چھِ تمس کینہہ موضوع ٹاٹھی آسان تہٕ کینہہ تِھس کھران۔ سُہ چھُ کانہہ ادب پارٕ صرف اَکنی پران زِ سُہ کیہ پنٕنین ٹاٹھین موضوعن ہنز خوبصورتھ وُچھنے۔ ای باپتھ چھُ سُہ ادبی موالکون تہٕ کران۔ تمس چھُ اَگی سے چیزس سیتی غرض زِ سُہ وُچھِ شاعرن کیاہ چھُ وونمت۔ اگر یہِ خوش گورس سُہ چھُ ادب پارس کیو شاعرس داد لونی رد لوان کرتھ۔

۱۔۲۔۲ ہیتی تنقید :۔ امکی حامی چھِ مختلف رایہٕ تھاونہٕ باوجود اکس کتھ پیٹھ متفق زِ شار یا بیہ کانہہ ادب پارٕ چھُ پننی کانہہ بیون تہٕ بدٕ ذن ہیتھ تھاوان۔ شاعر یہِ منز چھُ شاعر پننہٕ تجربہٕ بیکہ کِس صورتس منز خارجیتھ لبان بیلہ زن ڈرامہ، افسانہٕ تہٕ ناولہ منز یہِ ساینہ منظرن ہندس صورتس منز لبان چھُ۔ ہیتی تنقیدک سولے بحث چھُ فنہٕ کِس خودکار وجودس سیتی یہِ چھُ فن پارس منز وُچھان زِ امیک گرتھ کیاہ چھُ تہٕ یہِ گرتھ کینہہ پاٹھی ہٕ کتھ حدس تام چھُ فنکار سندِ تجربک نمائندہ۔

۱۔۲۔۳ نفسیاتی تنقید :۔ اتھ شوبس منز تہٕ چھے داریاہ ترایہ یوان گنزرن ہند طریقہٕ چھُ یہ زِ تم چھِ شارک موول سرِ کرنہٕ خاطرٕ پرن وانس پیٹھ امہٕ کہ اثر چ سام ہوان۔ کینہہ چھِ اتھ برعکس شارکس موول زاننہٕ خاطر شاعر سنز شخصیتھ ہنز مکمل زان ہیز باد زانان۔ کینہہ چھِ ادب پارس ادیبہٕ سندِ ماحولک پادوار زانان تہٕ کینہہ چھِ ادب پارس نسلی لاشعورک آنہٕ زانان۔ نفسیاتی تنقید تہٕ چھُ قدیم یونانی تنقید پیٹھے جاری تہٕ اتھ لوگ کُنہ ہریمہٕ تہٕ وُہی مہٕ صدی یہٕ ہندِ لوہ نوبہ دری یافو سٹنہٕ زبردس وُہراد۔ نفسیاتی تنقید چھُ شاعر یہِ اکھ ذریعہ زانان (شاعر سندِ پرن والی سندِ یا قومک لاشعور زاننگ) نہ زِ اکھ مقصد۔ نفسیاتی تنقید چھُ رُت کیو خراب ادب اَگی سے سوترس پیٹھ تھاوان۔

۱۔۲۔۴ تواریخی تنقید :۔ امہٕ تنقیدی نہجہ مطابق چھُ پرتھ کانہہ ادب پارٕ تتھ کالس پیش کران،

---

؎۱۔ آر۔ ایس۔ کرین: THE LANGUAGE OF CRITICISM AND THE STRUCTURE OF POETRY-

ٹین چھُ ونان زِ تواریخی نقادن سنز کام چھے "ادبہ کیو آثار و منز یہ زانُن زِ ہتہِ بوٚڈ وری برونہہ کمہ آیہ اتھ لکھُ سوچان تہ زیٚنان"۔ [۱] یہ پتھ کنہ ادب، پارس چھُ پننہِ وقتہِ کس کلچرل پوت منظرس سیتہ اتھ ہین رشتہِ آسان تہ یہ چھُ سیدِ سیود یا ورگہ پاٹھی پننہِ زمانچ عکاسی کران۔ تواریخی نقادن ہنٛد ونُن چھُ زِ پرتھ کانہہ ادب پارہ چھُ "تومچ حالتھ، زمانہ تہ ماحول" پیش کران۔ تواریخی تنقیدس تہ چھُ اکھ بوٚڈ نقص یہ زِ یہ تہ چھُ ادبس اکھ ذریعہ زانان، تہ یہ چھُنہ ادب پارہ کس منفرد وجودس کانہہ اہمیتھ دِوان۔

یم چھِ تنقیدچہ کینہہ ویٚتھ، یوٚچھ نہجہ یمن قدیم زمانہ پیٹھہ پنُن پنُن ارتقا چھُ۔ یمو علاوہ تہ ہیکو کینژن نہجن ہنٛد ناو ہیتھ مثلن سوانحی تنقید، سماجیاتی تنقید، اخلاقیاتی تنقید بیتر۔ مگر یِہن پزاسہ ژہنس نہاوُن زِ یمن نہجن درمیان اختلاف آسُن چھُنہ یہ مانے تھوان زِ اکھ چھِ صحی تہ باقی چھے غلط، اکھ پزاسہ مانُن تہ باقی رد کرنی۔ پزر چھُ یہ زِ تخلیقی ادبک چھُ یہ خاصے زِ یہ گژھہِ مختلف تراو وچھنہ تہ سہر کرنہ یِن۔ یم نہجہ چھے یکہِ وٹہ زیٚتھ کنہ ادب پارچ صحی مولا نکون کرنس منز مدد دِوان۔

۱-۳۔ **تنقیدک مقام**۔ تنقیدی نظریہن تہ راین ہنٛد پانہ وٚنی اختلاف چھُ شاید اکھ وجہہ زِ تنقیدس تہ تنقید نگارس ادس ادتر تام نچہ نظرِ وچھنہ یوان۔ یہ دِمہ صرف کینہہ مشہور مثالہ:

(ا) "نقاد چھِ رتین انسانن ہنٛدن پلون گرد دِنن والی"۔ (ہنری وڈٹن [۲])

(ب) "خراب لکھاری چھِ سارِ وے کھوتہ تروٚش نقاد آسان"۔ (ڈاکٹر جانسن [۳])

(ج) "تہ ہیہ چھا خبر نقاد کم گئے؟ یم گئے تم لکھیہ یم ادبس تہ فنس منز ناکام آسن گمتہ"۔ (بنجامن ڈزریل [۴])

مگر یِہن ہِزلن سیتی سیتی چھ نقاد تنقیدس ستھاہ تصور رد تمہ دِوان آمتی۔ یہ دِمہ صرف زِ مثالہ، اکھ قدیم نقادن سنز تہ باقی جدید نقادن سنز:

---

۱۔ ہپولایٹ ٹین (HIPPOLYTE TAINE) چھُ کنُوہمہ صدی یہ ہنٛد اکھ نقاد یُس تواریخی تنقیدک بانی کار چھُ زانہ یوان۔

۲۔ 'HENRY WOTTON' شراہی مہ صدی یہ ہنٛد اکھ انگریز نقاد۔

۳۔ 'DR. JOHNSON' ارداہی مہ صدی یہ ہنٛد اکھ انگریز نقاد۔

۴۔ 'BENJAMIN DISRAEL' ارداہی مہ صدی یہ ہنٛد اکھ انگریز نقاد۔

ا۔ "یہ کرہکہ پھشہ کنہ ہنز کام یوسہ شراکھ کھرن ہیکہ دتھ، یودوے یہ پانہ کھیس تہ ہیکہ نہ ژٹتھ۔
اگر نہ یہ پانہ کینہہ ییکھ تہ، مگر یہ ہیچھنادکھ شاعرن ہنز فرض تہ ذمہ واری یہ۔ یہ دنس شہ کتہ ہیکہ آگر
لبتھ، کیاہ ہیکہ تمہ سندس شاعرانہ کمالس پھاپھلاوتھ تہ بڈلاوتھ۔"[1]

ب۔ "تنقید چھ تیوتے ضرورری یوت شعر ہیون چھ۔"[2]

**۱۔ہ۔ تنقیدی عمل روز تخلیقی عملہ پتہ لور جاری۔** یزہ چھ یہ زہ ادب پرن زانن تہ تہ ایک خط
تلن چھ پانہ اکھ تنقیدی عمل، اتھ چھ شاعری یا بینہ کانہہ ادب پارہ ملی پران، یلہ کنہ حدس تام اندازہ ہیکو کرتھ
زِ یہ آسہ پرن لایق۔ پرتھ چھ پانس ستی سام تہ ہیوان زِ یہ ادساہ پرن لایق کنہ نہ۔ یہ چھنہ ضرورری
زِ عام پاٹھی تھاوو اسی کنہ شارس یا ادب پارس متلق پننی تاثر لیکھتھ تہ یا لیکھتھ تھاوو کیاہ ادس رتھ تہ
کیاہ خراب۔ نقاد چھ بحث کرتھ ہاوان زِ رت ادب کُس چھ تہ خراب ادب کُس چھ۔ مگر تہ کرتھ تہ ہیکو نہ اسی
نقادن ہنز پرتھ کانہہ راے صحی زانتھ۔ تکیازِ اکی ہیے ادب پارس متلق تہ چھنہ باضے دون نقادن ہنز راے
ہش آسان۔ مثلن امین کامل چھ رحمان ڈار نہ شش رنگ نظمہ متلق لیکھان:

"اگرچہ شاعرن چھ اکھ روحانی تجربے بیان کورمت، مگر ایک لطیف تہ جنسی لہجہ چھنہ یوت گوب
بار وتراوتھ ہیکان۔"[3]

تہ رحمان راہی چھ اتھ نظمہ متلق لیکھان:۔

"یہ اندیشہ چھ مشکل زِ کامل صابس آسہ نہ جنسس تہ مارفتس دو شونی ستی اکی آنہ برابری یوان
تکیازِ صوفیانہ شاعری پیٹھ تبصرہ کرن والیس گژھ ضرور یہ باسن لگن زِ جنس چھ بیتہ وکھ مارفت نتیجہ باد زِ ہند
اکھ سیٹھاہ اہم بلکہ کیثرن صورتن منز اکھ بنیادی میڈیم (وسیلہ) روزمت۔ مثلن شکنتلا تہ نرشاہد تہ
مشہور، لیلا تہ رازہ ہونز ایڈیپس تہ جوکسٹا۔"[4]

---

[1]۔ ہورس HORACE "شاعری ہند فن"

[2]۔ ٹی ایس ایلیٹ۔ "تنقید کُس مقصد"

[3]۔ امین کامل۔ صوفی شاعر

[4]۔ رحمان راہی۔ کہوٹ

عام پرن وول گژھ ضرورژ گوتن تہٕ دنہٕ پہلہ یہٕ دۅن نقادن اکھ نظم پرٕتھ تنقیدُک فایدٕ
گیاہ چھُ تہٕ اتھ پیٹھ کتھ پاٹھی ہیکو پرٕتھ گرٕتھ۔ مگر عام پرن والیس چھُ پیٹھ سوچُن زِ یم زٕ متضاد رایہ
پرنہٕ برونہہ اسا ہ شش رنگ نظم تمس پسند کنہٕ تمہٕ پتہٕ۔ مختلف تہٕ متضاد رایہ پرٕتھ چھُ پرن وول
ادب پرنس منز زیادٕ اہلِ بیان تہٕ سُہ چھُ ہیکان ادب پارس متعلق پننہٕ رائے تہٕ قایم کرِتھ۔ یہ چھُنہٕ
ضروری زِ تنقید آسہٕ کُنہٕ نظمہٕ یا ادب پارس متعلق پرن والی سہندِ ن سوالن ہُند جواب۔ اتھ برعکس چھُ
پزر یہ زِ عام پاٹھی چھُ تنقید پرن والی سہندِ ن یمن سوالن ہُرہ کران تہٕ ادب پارس متعلق تمی سُند
شوق ہُرراوان، تہٕ ادب پارٕ کُن امین وہراوِ دِوان۔

۱۔۵۔ **تنقیدُک اصول**۔ یتھ جایہ چھُ اہم سوال یہ زِ ادبُک تنقید کرنس منز ہیکن ناتہٕ کینہہ
اصول آسِتھ یِم سارِنے نقادن قبول آسن۔ یم اصول آیہ وقتہٕ وقتہٕ قایم کرنہٕ تہٕ عہ ستی ردٕ بدٕ کرنہٕ۔
اَز کہ عالمی تنقیدُک معیار نظر تل تھاوِتھ ہیکو اسی یم کینہہ اصول مقرر کرِتھ:

۱۔۵۔۱۔ نقاد گژھ برونٹھ کنی دِتھ ادب پارٕچ وِشرٕ ھنے کرنس عہ ستی ستی تی ہاوُن یہ کمہٕ (ادب) پارن تمی سُندس
ذہنس پیٹھ تاثر قایم آسہٕ کورمُت، نہٕ زِ تہٕ یہ سُہ ادب پارس منز لیچھن اوس یژھان یا تہٕ یہ سُہ برونہہ
زانان اوس۔

۱۔۵۔۲۔ تنقید پہٕ گژھ غار ذاتی آسُن تہٕ زن گو دُسہ گژھ نہٕ ادبہٕ غار پرٕتھ پننہٕ پسندہٕ مطابق ذاتی معیارٕ قایم
کرِتھ نہٕ پننہٕ پرٕتھ کُنہٕ ادب پارس تمی معیارس پیٹھ تولُن۔ بلکہ گژھ سُہ ادب پارکُن پننہٕ داخلی گوٚن تہٕ عیب
وِشرٕ ھنے کرُن۔ بدلہٕ پاٹھی ہیکو یہ کتھ وَنتھ زِ تنقید گژھ نہٕ امراوِہ پتن تہٕ ادیبن تہٕ شاعرن حکم کرُن
زِ یتھ پاٹھی یا تتھ پاٹھی پزِ لیکھُن۔ لیکھنکی چھِ تیتی طریقہٕ یتی شاعر تہٕ ادیب چھِ۔

۱۔۵۔۳۔ نقاد سُندی پننی مذہبی، سیاسی، اخلاقی یا بیٚیہ کُنہٕ قسمکی عقیدٕ گژھن نہٕ تمی سُندس تنقیدس
پیٹھ غالب گژھنی۔ سُہ گژھ یوت تہٕ یوت پننی ذاتی تہٕ غارادبی عقیدہٕ بیترِ اَدِتھ ادب پارٕچن خالص
فنی خاصیژن رسُن۔

۱۔۵۔۴۔ نقاد گژھ حدرُس غار جانبدار روزُن۔ رُسہ گُت بیٚیہ عام غلط فہمی یہ چھِ زِ دۆر روزن ناکس
بڑس (مشہور) ادیبہ سُنز پرٕتھ کانہہ تخلیقی آسہٕ بڑٕ تہٕ پرٕ فنی لایق تہٕ اکس لوکٕٹس (کم مشہور یا پے
ناو) ادیبہ سُنز پرٕتھ کانہہ تخلیق آسہٕ خراب۔ نقادس چھُنہٕ ادیبس عہ ستی کانہہ بلکہ ادبس عہ ستی تمس

پزٕ زانٕنۍ زِ " بڑکھوٚ تہٕ لۄوٚٹ " ادیب تہٕ چھہِ کُنہِ ساتہٕ وُہیاتھ لیکھان تہٕ اکھ " لۄکٹہٕ کھوٚ تہٕ لۄوٚ کُٹ " ادیب تہٕ چھہِ کُنہٕ ساتہٕ سُتھاہ تھدِ پایہِ تخلیق برن نہٕ کٕنۍ تراوان۔

۱-۵-۵۔ پرتھ کانٕہ برن واَلِس (نقادس تہٕ) چھےٚ کُنہِ خاص قسمٕک ادب پرٕنٛچ ہاَل آسان تمہِ وٕلٕے چھُ تمِس پرتھ کانٕہ ادب پارٕ کھران۔ نقاد گژھہ امہِ تنگ نظریہِ نِشہٕ آزاد روزٕنۍ۔

۱-۵-۶۔ ادبس چھُ پننِس زمانس تہٕ تمہِ کِس کلچرل پۄت منظرس سٕتی اژھین رشتہٕ آسان۔ نقاد گژھہ پتھ کالہٕ کہِ ادبٕچ موٚلانکون کرنہٕ دِزٕ پننہِ زمانہٕ منز نیرتھ تتھٕی زمانس منز وٕسن یتھ منز سُہ ادب پٕر تھیوٚمُت آسہِ۔ سُہ گژھہ پننہِ زمانٕچہِ قدرٕ مشرِتھ گذرمتہِ زمانٕچہِ قدرٕ قوٚلُل کرٕنۍ۔

۱-۵-۷۔ تقوبلی طریقہٕ چھُ کُنہِ ادب پارس متلق مختلف مسلہٕ حل کرنس منز مدگار ثابت سپدان۔ دوٚن ادب پارن ہنٛدِ تقوبلی مطالہٕ سٕتی چھہِ دۄن لۄٚے ادب پارٕ زیادٕ بہتر پاٹھی موٚلانکونہٕ یوان۔

۱-۵-۸۔ تنقیدٕچ زبان گژھہ نہٕ تخلیقی زبان بنٕنۍ۔ اَمِچ زبان گژھہِ مکمل پاٹھی غٲر جذباتی آسٕنۍ تہٕ مایِنسہٕ چہِ زبانٕ ہنٛدِ پاٹھی سادٕ تہٕ وضاحتی آسٕنۍ۔ تنقیدی زبانٕ ہنٛد گژھ تہٕ ورگہٕ اظہار چھُ نقادٕ سنٛزِ بے ایمانی ہنٛد صاف ثۄبوتھ۔

۱-۵-۹۔ نقادس بنٛد خاطرٕ چھُ نہٕ ضوٚرورٕی زِ سُہ روزِ ہمیشہ دِتھ یمن اَٹھن اصوٗلن ہنٛد پابند۔ اوکنی پزِ نہٕ نقادس یہِ زانٕنۍ زِ تمی سنٛزٕ رأے چھےٚ صحی ۔۔ تہٕ باقی سارنٕے نقادن ہنٛزٕ رأے چھےٚ غلط۔ تمِس پزِ زانٕنۍ زِ یہِ چھُس بے شمار پرن والین منز اکھ۔

یمن اصوٗلن ہنٛد کارنبہٕ رٕوزتھ تہٕ ہیکوٚ نہٕ اسی یہِ دۄ ییہ تھاوتھ زِ کُنہِ ادب پارس متعلق وٲنۍ ساری نقاد اکی سے رأیہٕ

۱-۶۔ **تنقیدٕک مقصد** : یہِ سوال ہیکہِ کانٕہ تہٕ پرٕژھتھ زِ اگر یہِ فلانۍ نظمہِ ہنٛد افسانٕک یا ناولہٕ ہنٛد حظ پانٕے چھُس ہیکان تلتھ نٕے کیاہ ضوٚرورتھ چھہِ تنقیدٕک یا یہِ سوال زِ اگر فلانۍ نظم افسانہٕ یا ناول مے پسند چھےٚ تکیا زِ یہِ چھےٚ مے پنٕنۍ حظ دِوان نٕے کیاہ ضوٚرورتھ چھہِ تتھ تنقید پرن یُس نٕے مانناوِ زِ یہِ نظم افسانہٕ یا ناول چھےٚ نہٕ جان۔ تنقید کیازِ کرِ مے حظ تلنس منز روکٹہٕ پادٕ؟ یمن سوالن منز چھےٚ ریتھ پاٹھی تیژ دانٲیی باسان زِ یمن چھُنہٕ کانٕہ جوابے باسان۔ مگر ژٕکہٕ چھہِ یم دۄن لۄٚے سوال سٕنزٕ رٕک نتیجہٕ۔ یہِ زِن پرٕژھہ یم سوال پرٕژھن والِس " اگر اسی ساری پننہِ پننہِ جایہِ دارٕ کارٕ رسان بسان چھہِ " اسہِ کیاہ ضوٚرورتھ پیوٚو ہاے جین پرنک۔ اگر اسی کُنہِ گنٛدٕ جایی روزان چھہِ تہٕ گرٕ وارٕ کارٕ چھہِ دۄہ دۄہ

کڈان ہاے چین پرٕتھ کیاز راوٕراوٕ دامی پنٕن سوکون؟ ادٕکنی چھ اسہِ مانُن زِ تنقیدس چھ کینہہ خاص مقصد۔ یتھٕے چھ جیمز ریوز سندی لفظہ سٹھاہ موٗلی باسان زِ "گنہٕ چیزس ستی یلہٕ کینہہ نوٗتام موٗ حفوظ لیوٗتام نہٕ پرٕتھ گارٕ نشہٕ دترتھ ہیکہٕ"۔[1]

پزٕ چھ یہ زِ شاعری آسی تن یا ناول، تصویر آسی تن یا موسیقی اگر کھسی پایہٕ آسہٕ اکھ پیٚنہِ ضوٗرزوٗر وٕتھنیہٕ ہند ضوٗرزوٗر تھ۔ یوسہٕ تخلیق پانے سوٗرے کینہہ باوان آسہٕ تیتھ منلق نہٕ کہیں دنٕ پیٚنہِ سوٗ آسہٕ ضوٗرزوٗر دسی پایہٕ۔ تنقیدس چھے بڈٕ شہ کام یہے زِ یہ باوٕ تہٕ یہ فنکار واریاہ ٹھر زانتھ تہٕ باوان چھنہٕ۔ فنکار چھ صرف پنٕن تجربہٕ گنہٕ ہیٚتر منز والتھ پیش کران۔ تنقید چھ اکھ وٕتھناوان۔ نوارتھروپ فرٗے سنز کتھ "تنقید چھ ہکان کتھ کٔرتھ یلہٕ زن ساری فن خاموش چھ۔"[2] تنقیدس چھ وٕتھنے کرنکی پنٕنی لوازم تہٕ پنٕنی وٗل۔ تنقید چھ ذٕکنن تتھ مقامس پیٚٹھ ووتمت زِ آسی ہیکو اتھ اکہٕ بیون تہٕ باوٕن فنک رتبہٕ دتھ۔ یہ چھ الناقدی علیک اکھ خودمختار شعبہٕ۔ مگر اتھ پنٕنی باد چھ تہٕ کرتھ تہٕ تخلیقی فن۔ امہٕ لحاظہٕ ہیکہٕ کانہہ یہ ونتھ تہٕ گژھتھ زِ تیلہٕ یا چھ تنقید اکھ پرکھاو PARASITE یُس تخلیقی فنس پیٚٹھ فوضول پھانپھلان چھ تہٕ یمہٕ وراے تخلیقی فن زیادٕ بہتر پاٹھی دٕ تلتھ ہیکہٕ۔ مگر اسہٕ پزٕ یاد تھاوُن زِ یُس ادب یا فن تنقیدہ ورائی وارہس کالس پھانپھلان روزان چھ سُہ چھ دون ہمہ پنہٕ دٕ ہمہٕ تمہٕ کلکی پاٹھی بے گنڈ جہار کران یُس پنہٕ بے ڈول تہٕ چھ بنان تہٕ بے پھل تہٕ۔ تنقید چھ فنس ساری فوضول تھوکٕرتھ مناسب شکل تہٕ دِوران تہٕ "فایدہ مند" تہٕ بناوان۔ شاید ییٚہے خیال ییٚمی میتھو آرنلڈ یہ دنوو زِ تنقید چھ:

"اکھ بے غرض کوشش تہٕ بہترین ہنٛجھنچ تہٕ پھہلاوٕ پچ یہ دنی ہس منز زانٕنہٕ تہٕ سوچنہٕ چھ امت۔"[3]

آرنلڈ چھ تنقیدکی خالص ذاتی میارن ہند قابل باسان، یہ نظر پہٕ دون گوڈٕ ین چھ سمی زِ تنقید

---

[1] :۔ جیمز ریوز دِ کرٹیکل سینس۔ THE CRITICAL SENSE

[2] :۔ ناتھروپ فرٗے انا ٹمی آف کرٹیسزم ANATOMY OF CRITICISM

[3] :۔ میتھو ارنلڈ ایسیز ان کرٹیسزم ESSAYS IN CRITICISM

چھُ کلچرک یا وُنو توٚس انسانیتُک اکھ حصہ تہٕ بقول فرشے امیک اکھ لازمی حصہٕ۔ تنقیدُک مقصد
چھُنہٕ ادیبن تہٕ فنکارن کینٛہہ جبری معیار قایم کرنۍ تہٕ تِمن پیٹھ نگرانی کرنۍ بلکہ دٔرِہنے گژھہٕ فن پارس
منز گیتھ تجربہٕ تہٕ حسن ہُرکرتھ بادتھ دین۔ مختصر پاٹھۍ ہیکو تنقیدِ کہ یم کینٛہہ مقصد گنزراوِتھ:

۱-۲-۱- موٗلانکون:۔ نیتہ یوت نہٕ زٕ تنقید گژھہٕ ادب پارکۍ نوقص تہٕ عاب بدٕ بلکہ گژھہ یہ ہیکو
ساری گون تہٕ بردٕ نٹھہ کٔن انن۔ چیراہ کھُن تہٕ ہٹرن گوو نہ تنقید۔ اگر تنقید ادب پارن ہنٛد صرف
عاب تہٕ نوقص بدٕ کڈزیَن مقصد زانتھ صرف خراب مثالن تامے محدود روز تیلہ ہیکہ دُنیہک
بڈکھوو تہٕ بوٗڈ ادیب تہٕ اکھ ترٛیُمہ درجک ادیب ثابتھ سپدتھ۔ خراب مثالہ کٔہ سطرن تخلیقن منز
ہکن نہ اسِتھ۔ شیکسپیر یا غالب تہٕ چھِنہٕ یمو نشہ بچے۔ مگر تنقید مں چھیے کلس پیٹھ سام ہیٛنی۔ تنقید
گژھہ ہیکن اکی سپہ موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ آمتین دون ادب پارن منز ہین ثار کتھ تہٕ یمن ہنز الگ
الگ موٗلانکون کرتھ۔ اتھ عملہ منز چھ نقادس ادب پارک معروضی مطالعہ کرُن۔ ییلہ سہ ادب پارس
منز تہٕ ہاو یہ نہ آسن گوژھ مقصد گژھہ یہ روزن زٕ سہ دیہ احساس زٕ کیا گوژھہ آسن۔ مگر یہ کام
ہیکہ نہ نقاد ادب پارکہ دٲیرٕ منزٕ نیبر نیرتھ کرتھ بلکہ تہٕ ہاو نہ سۭتی یہ چھے۔

۱-۲-۲- وشرحنے: زانیخ عمل چھے عقلی تہٕ حذ تلیخ حیثہ باتی مگر ادب پرنہٕ دوران چھیے یمہ پُرٕ لوُر روزان۔
تنقید گژھہ یمن دون عملن زیادہ کھوتہ زیادٕ قریب انتہٕ اکھ اکہ سنٛدِ خاطرٕ امدادی بناوُن۔ پرنٛتھ کانٛہہ
کھُسی پایہ ادب پارہ چھُ اکھ انتہائی پیچیدہ گرکتھ آسان۔ یہ چھِ آسان تِتھ اکھ ژٕ ذاتھ بیتھ اکہ لاگتھ
پرنتھ کانٛہہ انی (پرن والی) پنٛنہ ذاتی مطابق ناو دِیتہٕ کرٕ وچھتھ مسرکھ کُن وچھتھ شپ رنگ وچھتھ تھم۔
پرنتھ کُنہ کھُسی پایہ ادب پارس متعلق چھیے پرنتھ کانٛسہ پرن والی سنٛز ذان نامکمل آسان۔ یہوے
چھُ وجہ زٕ اکی سپہ ادب پارس چھِ وقتہ وقتہ مختلف تفسیر سپدان۔ کُنہ ساتہ نہ بلکہ اکثر چھِ ادب
پارکی یم تفسیر تمہ مطلبہ نشہ بالکل مختلف آسان یم ادیبس تخلیقی عملہ دوران پیش کرنۍ مقصد آسی۔
یہ چھُ پوز زٕ اگر شیکسپیر جیہہ اکھ ژھنٛڈتھ ییہ پے سہ ہیکہ نہ شاید پننین ڈراماہن متعلق اکثر
تنقیدٕ سمجھتھ تہٕ۔ تنقید چھِ پرن والی سنٛدٕ ان کُنہ ادب پارکین تِمن گوشن کُن پھیران یمن ہند نہ کُنہ

---

۱۔ نارتھروپ فرے، اناٹمی آف کرٹسزم

ساتہٕ پیرن والیس سوٗنگتھ تہٕ چھُ اَسان۔ مگر تہٕ گژھہ ہِکوٗنہٕ اتھ وَنتھ زِ کُنہِ ادیب پارس متلق کانٛہہ
نقادٕ سُند تنقید کیاہ چھُ وَنان۔ اَتھ برعکس چھُ پوٗز یہ زِ صحیح تنقید چھُنہٕ عام پاٹھی ادیب پارس متلق
پیرن والین ہندین سوالن جواب فراہم کران بلکہ چھُ یمن سوالن ہُریر کران۔

١٠٦٠٣- تقابلی مطالعہٕ:- باضے چھُ اکی دورٕکین دون شاعرن یا ادیبن ہنزن تخلیقن ہُنٛد فرق
تیوٗت ہشر آسان زِ یمن ژارُن چھُ مشکل سپدان۔ مثلن للہ دید تہٕ شیخ العالم سنٛزٕ شاعری۔ یہ چھے
تنقیدچ کام زِ یہ ہاوِ نہٕ صرف اسہِ یمن دون شاعرن ہنزِ شاعری ہنز درمیان ہیٚن تہٕ ہشر بلکہ کرِ تقابلی
مطالعہٕ کٔرِتھ دون شوٗبی شاعرن ہنزٕ شاعری ہنز بہتر زانہٕ پادٕ تہٕ بییہ کرِ دون شوٗبی شاعرن ہُندٕ رٔد تہٕ تیچ
نشاندہی۔

١٠٦٠٤- رِوایتُک اتھ رٔٹ:- تنقید چھُ فنکارن ہُندٕ رٔد تہٕ تیچ نشاندہی کران۔ باضے چھُ یہ پننہِ فنہٕ
سیتی اکس دوٚیمس پایہِ فنکارس تہٕ تِتھۍ رٔد تہٕ تیس کھاران تہٕ باضے کُنہِ پایہٕ فنکارس لوٚن والان۔
تہٕ پیرن وول چھُ متفق سپدان۔ مثلن ایلیٹن واتنوو ملٹنس شیلیس بجرس سینٛز دٲرِ تہٕ ڈَن 'Donne'
تُلُن تھوٚد۔ پتہٕ تُلن ملٹن دوبارٕ تھوٚد تہٕ ڈَن ہیوٚتُن دوٚیمی پیوٚن۔ کاشرس منز ییلہ زَن پتہٕ ہیوکنیٚشر ورییہ
پیٹھہ تنقیدن یِنہٕ دوتہٕ واشر ماڈرن ہیوٚت شاعرن ہنٛد وہ تلنج تہٕ پننچ عمل تہٕ گٔے شورٕدہٕ۔ کاشر
واعظ شیخ العالم ووت لل دیدِ پتہٕ رٔدس تہٕ شاعرِ انقلاب آزاد آو ممبر پیٹھہ والنہٕ تہٕ محمود گامی
آو سارِوے کھوتہٕ بڈین ترین ژٕ دورن کاشرین منز اکھ گنزراونہٕ۔

١٠٦٠٥- مزاجُک تبدیلی:- تنقید چھُ کُنہِ ادبی ہنجہِ خلاف بییہ کُنہِ ادبی ہنجہِ مقبول بناوان۔ تیٚمی
کینٛشرن دورِ ین منز سپدے مزاجٕ تبدیلی ہنز یہ عمل ننہٕ وانہٕ تیزی سان یہ چھے تنقیدچی کامیابی
زِ ترقی پسندی ہنز تحریکہٕ ہنز جایہِ گوٚ وجیدیتک رجحان مقبول۔ یہ چھُ پزر زِ پرتھ کانٛہہ فکری
یا جمالیاتی ہنج چھے خارجی سماجی حالاتن ہنٛد نتیجہ آسان مگر فکری سطحس پیٹھ چھے تبدیلی رایج سپدان
ییلہِ امہِ خاطرٕ مناسب تبلیغ سپدان چھُ۔

١٠٦٠٦- تجربہٕ کرنہٕ ضرورتک احساس:- یہ ہیٚتھ کانٛہہ ادبی ترٛاے چھے کینٛہہ کال گژھتھ پرانان
تہٕ اتھ ہیتھ تہٕ چھے پرانان۔ پرٲنۍ قالب چھِہ بےکار سپدان تہٕ نوین قالبن ہنٛد چھُ ضرورتھ پیوان۔
ہیتھ بدلاونکہٕ ضرورتچ زینہٕ وٕنی چھُ تنقیدے دِوان۔ تنقیدے چھُ کُنہِ ہیٚتہِ ہنٛد ترک سپدنک

تہٕ کُنہٕ نوٚ ہیُٔر ہنٛدِ مقبول گژھنکۍ وجہہ بادان۔

۱۰۔۶۔۷۔ **رِلواَیژن ہُنز نشاندِہی** "کانہہ تہٕ شاعر کانہہ تہٕ فن کار کُنہِ فنٕک چُھنہٕ کُنے زوٗن بنٛن مکمل مانے تھوان۔ تمہٕ سُنٛز اہمیتھ، تمہِ سُنٛز موٗلانکون چھُپے تمہٕ رشتچ موٗلانکون یُس رشتہٕ تمسٕ گُذرِمتین شاعرن تہٕ فن کارن ستی چھُ۔ تہِ ہیٚکو نہٕ تمہِ سُنٛز قدر الگ پأٹھۍ زانتھ۔ توٚہہ چھُو گُذرِمتین ستی تمہِ سُنٛد ہشر تہٕ ناہشر وُچھن"۔ یہِ چھُپے نقادٕ سُنٛزِ کأم سہٕ کرِ گوڈٕ رِلوایژن ہنز نشاندِہی، تمہِ پتہٕ وُچھِ ادب پاس کمین ستی ہشر تہٕ ناہشر تہٕ آخرس کرِ انچ موٗلانکون۔

۱۔۷۔ **نقادٕ گژھیاہ تخلیق کار تہٕ آسُن؟** وارِیاہ بٔڈۍ نقاد چھِ یانہٕ تہٕ بٔڈۍ فنکار آسی متۍ، مثلن کولرج، وارڈس ورتھ، آرنلڈ، ایلیٹ تہٕ پاونڈ۔ مگر یمے کُنہِ تام تہٕ بیۍ کینٛہہ ناد چھِ۔ پتھ کالہٕ تہٕ چھِ کینٛژن بٔڈین نقادن ہنٛز مثالہٕ یم نہٕ یانہٕ تخلیقکار چھِ آسی متۍ، مثلن ارسطو، لانجائنس، تہٕ از کالہٕ ییٚلہٕ زن ادب یونیورسٹی منٛز پتھ درس دِنہٕ بہس منٛز برناونہٕ چھُ یوان، وارِیاہ پروفیسر چھِ پیشہ ور نقاد تہٕ یمن منٛز چھِ وارِیاہ بٔڈۍ ناد تہٕ، مثلن بریڈلے، بروکس، رینسم، کرین بیتر۔ اگر آسی تنقید اکھ خود مختار فن زانون، یہِ چُھنہٕ تیلہٕ ضروٗری زِ نقادس گژھہ تخلیقی عملہٕ ہنٛد پانس تہٕ تجربہٕ آسُن۔ اگر تنقید فنٕک موروٗضی مطالہ چھُ، یہِ چُھنہٕ تیلہٕ ضروٗری زِ صرف ہیٚکہٕ فن کارے یوت مطالہ صحی پأٹھۍ کٔرِتھ، یتھ پأٹھۍ زن نہٕ یہِ ضروٗری چھُ زِ صرف ہیٚکہٕ اکھ موچی بٔنِتھ شرۍ سُندۍ طور طریقہٕ وتیر تہٕ طٲی بیتھ زانتھ بلکہ کانہہ تہٕ یُس تمس شرس وارٕ پأٹھۍ سَنہٕ۔ اکہِ لِحاظہٕ چھُ بہتر نقاد سُے یُس نہٕ یانہٕ تخلیق کار آسہٕ تکیاز پرتھ کانہہ تخلیقکار نقاد چھُ یمہِ رنگۍ جاندار آسان زِ سُہ چھُ ژکہٕ بینی فنچ دکانتھ آسان کران۔ سہٕ چُھنہٕ پرن والین تام واتناوان زِ اکھ تخلیق پٔرِتھ تہٕ زانتھ کیاہ گوٚو تمہِ محسوس بلکہ چھُ پرن والِس وَنان زِ سہٕ کیاہ چھُ تیُٔژھان پرِتھ کُنہِ تخلیقہِ منٛز لبُن یہِ زن سُہ پننین تخلیقن منٛز پیش چھُ کران۔

اگر ادب پرکھادنکۍ تہٕ موٗلانکونکۍ شقہٕ، موروٗضی تہٕ غار شخصی اُصوٗل موجوٗد چھِ، اگر آسی مانان چھِ زِ ادب چھُ صرف بیٚتھ یوٚسہٕ خارجی آسنہٕ کنہِ قابلِ مشاہدہٕ چھُپے، اسہٕ چھُ مانُن زِ سُہ تہٕ ہیٚکہِ موتبر نقاد آسِتھ یُس نہٕ یانہٕ تخلیق آسہٕ ہیکان کٔرِتھ......

# ۲

# عملی تنقید

۲-۱- مانیٚ :- ارسطوٗ سندیو تنقیدی نظریوٚ پٮ۪ٹھ جدید تر تنقیدی نظرین تام چھِ ساری نظریہ وقتہٕ وقتہٕ مختلف مقصدن ہنٛدِ خاطرٕ ورتاونہٕ آمتی۔ بیاکھ کتھ چھےٚ یہِ زِ ییلہِ کُنہِ خاص تخلیقہِ پٮ۪ٹھ تنقید کرُن آسہِ یِوان تہ کانہہ تنقیدی نظریہ چھُ ناکٲفی ثابتھ سپدان۔ تہٕ تخلیقہِ پٮ۪ٹھ تنقید کرن وٲلِس چھُ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ اضافہٕ ہیوان کرُن۔ تنقیدی اُصوٗل (وُچھو ۱-۵) تہٕ چھینہٕ کانہہ تیتھۍ یُس پرٛتھ حالس منٛز پرٛتھ کُنہِ تخلیقہِ ہنٛدِ خاطرٕ حتمی ہیکہِ آسِتھ، یودوے یہِ مفید ہیکہِ آسِتھ۔ مولہ بادٕ فاصلہ گرٕزھن تخلیقہِ ہنٛد مطالعہ پننہٕ پانے ووتلنی نہٕ زٕ پرن دول گژھہ لوٚے کانہہ ناآصلہ ہنتھ تہٕ سُے ژھارِ تخلیقہِ منٛز۔ تنقیدی نظرین تہٕ تنقیدی اُصوٗلن ہنٛد علم چھُ ادکنی مخصوص تخلیقن ہنٛد تنقید کرنہٕ وزِ بافٕے نہٕ بلکہٕ اکثر بے بردِسہٕ ثابتھ سپدان۔ ارسطوٗس پٮ۪ٹھ اَزی کین نقادن تام سارنے نقادن ہنٛدین نظرین ہنٛد پوٗرٕ پوٗرٕ علم آسِتھ تہٕ چھُ کانہہ شخص بافٕے کوٚل سپدان کُنہِ خاص نظمہِ یا انسانس یا ناولہٕ پٮ۪ٹھ پننہٕ رائے دِنہٕ وزِ۔ ادکنی پزِ پرٛتھ کٲنہِ پرن وٲلِس یانہٕ پننی تنقیدی صلاحیتھ بادٕ کرنۍ تہٕ خود کفیل سپدُن۔ کُنہِ خاص تخلیقہِ پٮ۪ٹھ ساروے تنقیدی نظریو نِشہِ آزاد روٗزِتھ ٹھوس رائے دِنہٕ ہیٚے چھِ ونان عملی تنقید۔ عملی تنقید چھُ خود کارٕ خود کفیل تہٕ خود مختار تنقید یُس نہٕ برٕ نہٕ ہیٚے اُسی کُنہِ کتابہِ منٛز لبتھ ہیکو بلکہٕ ووتلہٕ پانے ییلہِ جسہٕ ہشار پرن وول کانہہ خاص تخلیق تنقیدی آیہِ پرُن ہیٚیہ۔ یہِ چھُ پزر زِ اتھ منٛزین تمس مختلف تنقیدی نظریہ بکارٕ شرط چھُ زِ تس آسہِ نہٕ

کُنہٕ اکہٕ تنقیدی نظریُک غولام۔ پرٛتھ کانٛہہ پزٕ تخلیق چھےٚ آسان داریاہ پاسل۔ اَتھ چھےٚ خاص ہیتھ آسان اَدٕ کنہِ ہیٚکہِ ہیتی تنقید مدد کٔرتھ، اتھ منز چھُ عصری عنصر تہٕ آسان تہٕ سماجی عنصر تہٕ، اَدٕ کنہِ ہیٚکہِ مارکسی تنقید تہٕ مدد کٔرتھ، اتھ منز چھُ تخلیقکارٕ سنٛزٕ شخصیژ ہنٛد تہٕ دخل آسان اَدٕ کنہِ ہیٚکہِ نفسیاتی تنقید تہٕ مدد کٔرتھ، اتھ منز چھُ اسطورن تہٕ آرکیٹاییپن ہنٛد حصہٕ تہٕ آسان تہٕ اَدٕ کنہِ ہیٚکہِ آرکیٹایپل تنقید تہٕ مددگار ثابت سپدِتھ۔ عملی تنقیدس منز چھُنہٕ اَدٕ کنہِ رایین تہٕ فاصلن ہنٛد اتفاق آسُن لازمی بلکہ چھُ امیک خاصہ رایین ہنٛد تضاد۔ عملی تنقیدٕ چ پھیرہٕ خاصی ییٚتھ چھےٚ صرف اکھ یا نے یہ گژھ نقادٕ سنٛزٕ پسند یا ناپسند باتےٚ نٔوکُن ہنٛزٕ خاطرٕ ثابتھ دیُن کٔرتھ۔ اَسی نموٗ اکاے مثال زٕ اکی سے نظمہٕ متلق کاژاہ مختلف چھےٚ مختلف پرن والین ہنٛزٕ رایہٕ۔ ششِ رنگ نظمہٕ متلق دِچھہٕ اسہٕ اَدٕ تام دوٕن نقادن ہنٛزٕ متضاد رایہٕ، (وچھو ۱-۴) اُکھی نظمہٕ متلق وچھِیم بنیٛہ کینٛہہ رایہٕ:

"ہیژ ہنٛزٕ پیچیدگی آستھ تہٕ چھُنہٕ کُنہٕ تہٕ جایہٕ نظمہٕ ہنٛد تاثر ژھو کیو مُت یا ڈیلیومہت۔ یودوے عام لوکھ چھِنہٕ امہٕ کِس سٕزرن ہیکان واتتھ، مگر نہٕ کرتھ چھُ امیک سازٕژ پرٛتھ کانٛسہٕ ڈیٛتھ لوان"۔

(ناجی منور، کاشرِ ادبُک تواریخ)

"رحمان ڈارن یہٕ ششِ رنگ چھُ سیٹھاہ کمزور، امیُک اگر تنقیدس منز چھُ ذکر لوان کرنہٕ چھُ شاید عمہٕ صوفی نہٕ ٹھیکھ کمال کرناوان"۔

(رفیق راز۔ "شارِ زبان" شیرازہ جلد ۱۵، شمارہ ۱)

**۲۰۲- عملی تنقیدک منزل :** یہ چھُ عام تجربہٕ زِ پرتھ کانٛہہ تخلیق چھُنہٕ گوڈنِکی پرنہٕ فکرِ تران تہٕ
حظ دِوان۔ کینٛہہ تخلیقہٕ چھےٚ رٕتہٕ تہٕ یِمہٕ کانٛہہ پرن والِس زیٛنہٕ فکری چھُنہٕ تران۔ پزر چھُ یہ زِ اکثر پزٕر
تخلیقہٕ چھےٚ نہٕ گوڈنِکی پرنہٕ فکرِ تران۔ یہ چھُنہٕ عام پرن والِس سندٕ یوت تجربہٕ بٔلکہ پیشہ ور نقادس
تہٕ ہیٚکہ یہ تجربہٕ سپدِتھ۔ مگر تخلیق ولہٕ پاٹھۍ زانٛنہٕ خاطرٕ تہٕ امیک حظ تُلنہٕ خاطرٕ چھِ بجٛتلِکہ طریقہٕ یِم وارِہس
حارِس ناتمام کارگر چھِ ثابتہٕ سپدان۔ تخلیقہٕ ہندٕ بُنِگیتھ خزانن قُلف ہرٕرِ تھےٚ ہیکہٕ عملی تنقید تخلیقہٕ
متعلق کانٛہہ مولہٕ بادٕ بیان دِتھ تہٕ امکۍ گوٚن یا عیب وٕتھراوِتھ۔ مگر یمن خزانن تام واتنہٕ خاطرٕ
چھِ اتھ مختلف پڑاو بُتھِ یِوان۔ اتھ چھِ تخلیقہٕ ہندۍ ترکیبی جُز اکہٕ اکہٕ یِوان وٕتھراونہٕ۔ تمیک
مطلب چھُنہٕ زِ تخلیقہٕ منز چھِ یِم ترکیبی جُز اکھ اکِس نِشہٕ الگ بٔلکہ چھِ یِم اکھ اکِس منز تیتھہٕ
پاٹھۍ حل گٔرِتھ زِ وٕنرِ تھےٚ ہیکو نہٕ زِ نہٕ۔ مگر تنقیدکہ مقصدٕ چھِ یِم بیوٚن بیوٚن پاٹھۍ وٕتھراونہٕ
یِوان۔ تخلیقہٕ ہندِس کلی تاثرس تام واتنہٕ خاطرٕ یِم پڑاو عملی نقادس بُتھِ چھِ یِوان تِم چھِہ :

**۲۰۲-۱- ماہنیک تلاش :** ماہنیک بحث چھُ ہاٚتھہ ناک حدس تام پیچیدٕ بحث۔ زِ
شاعری ہندِس ماہنیس متعلق چھُ یہ وٕنن کنہٕ ژھنٛس برابر زِ امہٕ کین بیانن ہنٛد ماننے چھُنہٕ خارجی منطقہٕ
مطابق پوٗز یا اپُز زانُن بٔلکہ داخلی منطقہٕ مطابق۔ شاعری ہنٛز زبان چھےٚ موزونی رشتو بدلہٕ جذباتی
رشتن پیٹھ درِتھ آسان۔ یہو سے چھُ وجہ زِ جان شاعری ہنٛد ماننے چھُنہٕ سہل پاٹھۍ یلہٕ یِوان،
مختلف پرن والۍ چھِ امیک ماننے مختلف زانان تہٕ یوت جان شار آسہٕ تیوٗت چھِ اتھ غلط پاٹھۍ زانٛنہٕ
ینِکۍ امکان آسان۔ یہ خاصیت چھےٚ شاعری مختلف درجن منز تقسیم کران : کینٛہہ شاعری چھےٚ کُنہٕ ابہامہٕ
ورأے سارنے پرن والین یکساں ماہنِس تام واتناوان۔ مثلن یتھ شارس چھُنہٕ نے باسان اکھوتہٕ
زیادٕ ماننے کیا ہیکن آستھ[۱]۔

شہیج کلام، دِشنِج تن، رٕہیج طرادتھ چھکھ
نِنیوم راتھ ژٕ کٕرِتھ ماری منز تیامتھ چھکھ
(کامل)

اتھ شارس منز چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ تیُتھ اشارٕ یُس امہٕ کہ ٹاکارٕ ماہنیہ نِشہٕ پرن والِس سندٕ ذہین

---

۱: نے چھُنہٕ یہ وٕنُن باسان صحی زِ شاعری ہنٛد پرتھ کانٛہہ شار چھُ لازمی مبہم آسان۔

بییہٕ کنہٕ مانیس کُن پھِرِہے یا اَکی سے مانیس پیٹھ تھاوِہٕس نہٕ مطمین اگرُ یتھ شار خوش کرُن آسہِ وجہہ آسہٕ نہٕ شارک داخلی حسُن، بلکہٕ باد نہٕ آمتہِ تجربُک حسُن۔ امہٕ پتہٕ چھُ بیاکھ درجہ یتھ منز مانیہِ بدلہٕ تو تر چھُ غرض آسان، مگر سہٕ تہِ چھُ سارِنے پرن والین پیٹھ یکسان روزان۔ مثلن:۔

صبحچہِ پرُدگرِزہ اتھ شرشایہ

اتھ نیون ٹورِہن ناس کُن (نادمِ)

یہِ چھُ بڑی پاٹھی خوش کرُن شار تہِ وجہہ چھُ داخلی زِ اتھ منز چھُ کانہہ خوبصورتھ پیکر۔ مگر پیکر چھُ اَڈک پاسل۔ اتھ منز تہِ چھُنہٕ پرن والی سندِس ذہنس نیبرٕ نیبرٕ لمہ وُن کانہہ اشارہ۔ شاعری ہانچہ پیچیدگیہ ہُند ترییُم درجہ چھُ سُہ یتھ منز شارس سطحس پیٹھ اکھ مانے چھُ آسان تہٕ سُہ بیاکھ مثلن:

منزی بازری لوک زھوپ صحراو

کس باگڈرلو کمی سُند حال (راہی)

اتھ منز چھُ نئی پاٹھی سطحس پیٹھ اکھ تیتھ مانے یُس خارجی منطقہٕ کِنی غار ممکن چھُ۔ شارس منز چھِ تتھی اشارہٕ یِم ذہنس امہِ مانیہ نشہِ دور چھِ لوان۔ مثلن منزی بازری زھوپ صحراو یکُن، صحراو زھوپ آسُن، مگر ہناہ دیان دِتھ چھِ ساری جیہٕ ہشار پرن والی اکی سے مانیس تام واتان زِ جیدید دُنیہس منز گئے اجتماعیتھ ختم، انسانہٕ سِنز قدر گئے مسمار، فرد گو وپرزھیون، لگہ ہوُ جوُس منز تہِ فرد پنُن پان تیوت تنہا موحسوس کران زِ برِ بکہٕ بازرس منز تہِ چھُس زِدہ واپاری صحراو نظر گژھان، تیتھ صحراو یتیرِ نہٕ کُنہٕ کِنی کانہہ آواز کُن چھے گژھان۔ اتھ حالس منز چھُ پرتھ کانہہ انسان پننِس پننِس حالس منز تنہا۔ مے چھُنہٕ باسان زِ امہ مانیہٕ نیبر ہیکہِ بییہِ کانہہ مانے اتھ نیرتھ۔ دوہ گو پرن ودل نے باذوق ادبس تِمس ترِ نہٕ شایدِ فکری، مگر یتھ پرن ودل آسہِ خالے کانہہ۔

ژوریُم سو تھر چھُ شار چہ پیچیدگیہٕ ہُند سُہ نیلہِ شارس سطحی مانیہِ علاوِ اکھ کھوتہٕ زیادِہ مانے ممکن آسن تہٕ اکثر پرن والی ہیکن نہٕ اَکِس مانیس پیٹھ مطمین روزِتھ۔ مثلن یہ موخصر نظم:

آوین

ٹھٹھو ٹھونکر کھیتھ

وُچھُن

نوٚژُن

تہٕ

نژان نژان ووٚتھ وُچھِہ سِہ ہٕدٕ دِتھ تہٕ

انہٕ گٹہٕ موسیہ اژھین زنگن ہنٛدٕ ژکر پھِران تہٕ

پھیٚپھرِ برگ پھولہٕ راداں ودہ تلباو تہٕ

دوٚل دِہراداں وِہراداں رنز ناودِن تکھ پھٹی گاٹھ تہٕ

دوٗراں دوٗراں ژھالو منزِ اسمانہٕ دِچھُن

شہاب ثاقب نہ پتھہ نہ برونہہ

(راہیؔ)

نظمہٕ منز چھُ گوڈنیتھے تتھہِ اکہِ مظہرک ذکر یُس نہٕ خارجی دُنیہس منز بلکہٕ تخیلہٕ کِس دُنیہس منز ممکن چھُ ۔ امکی جُز تہٕ چھِ کمہٕ تام پُر اسرار تجربچ باوتھ کران تہٕ کُلس پیٹھ تہٕ چھےٚ نظم اکھ پُر اسرار تجربہٕ بنان۔ نٔنی کتھاہ چھےٚ زِ پرن وول سپدِ نہٕ اُکی سے مانِیس پیٹھ مطمین کانسہِ ہنٛدِ خاطرٕ چھےٚ یہ مکمل بے مانے نظم کانسہِ ہنٛدِ خاطرٕ چھےٚ داریاہ مانِیَل۔ گوڈ گوڈٕ چھُ اکہِ عام آولنیک تذکرٕ یُس پرتھ کانہہ کدلہٕ ٹھٕس نکھہ وُچھتھ ہیکہِ۔ مگر یتھے شاعِروناں چھُ زِ یہ دوٚتھ وُچھ سِہ ہٕدٕ دِتھ، گوڈنکین مصرن ہنٛد آولُن چھُ غار مولوس بنان۔ یہ چھےٚ اکھ غار عقلی کیفیتھ تہٕ پرن والِس چھُنہٕ کانہہ چارٕ یہ آولُن اکھ جذباتی آولُن مانِنس۔ اتہِ ادریم چھاوی تفصیل چھِ، تم چھِ ساری داخلی دُنیہس منز وجود تھاوان۔ اتھ پیٹھ چھُ سوالس پیٹھ سوال وتہ تلان۔ اگر یہ آولُن یادِ چھ علامتھ ژالوٕن، زنگن ہنٛد ژکرٕ پھرنہٕ ین، پھیٚپھرِ برگ پھولراونہٕ ین، گاٹھ رنز ناونہٕ ین، چھِ بیاشتکی استنیارِ بنان۔ تہٕ آخرس پیٹھ چھُ شہاب ثاقب علامتھ بنتھ توجہہ منگان، شہاب ثاقب چھُ پننہِ اگرٕ نشہِ ژھینہٕ گژھنہٕ کنہِ تہٕ بے منزل وسناوکنہِ غار حقیقتُچ علامتھ بنان۔

آولُن چھُ بحرحال داخلی حقیقتھ رُدزان یُس نہٕ پانٕی پانے بلکہٕ تصادمہٕ سٟتی (ٹھٕٹھی ٹھونکرٕ کھٕتھ) بارسس یوان چھُ۔ وتہ نٔنی اگر یہ مالوٗن کلہم انسانی زندگیہٕ ہنٛز علامتھ۔ زنگن ہنٛد ژکرٕ چھُ زندگیہٕ ہنٛدِن اٗنتھ رُوس انہارن ہنٛز علامتھ بنان۔ پھیٚپھرِ برگ چھِ الگ الگ تہٕ عارضی وجودن ہنٛز علامتھ بنان۔

بلکہ پھٹی گاٹھ چھ زندگیہ ہندی مختلف منزل یمن منزلن پیٹھ امہ اکہ آدلنہ برن ہنہ تہ اتھ رژھی آدلنی امتو تہ گمتو چھ۔ شہاب ثاقب چھ ینہ غار حقیقی وجود نژ آو لینہ حقیقتھ تہ واضح کران۔ یتھ پاٹھی شہاب ثاقب زمینہ کس نیلاہس ستی گگھر کھیتھ پرکاش چھ حاصل کران تتھے پاٹھی چھ آدلن تہ تھس ستی تھونگر کھیتھ وجود لبان۔ شہاب ثاقبکی پاٹھی چھنہ آدلس تہ پننن اگر تہ نہ پنن منزل —— تیتھے پاٹھی ہیکہ نظمہ ہنز بیاکھ دیثر ھنے تتھ پاٹھی سپدتھ نہ آدلن ہنز پز زنتز IDENTITY ہند خاطر تلاشچ علامتھ یس شہاب ثاقبس منز اتھ لبان چھ۔

اسہ دچھ زمانیک تلاش کرنہ وزِ چھ پرن والس امہا کنگ گنڈ میوان ہژ راوٕنی تہ او چھ سہ ہیکان اکس مانیس یا اکہ کھو تہ زیادہ مانین تام واتتھ

۲-۲-۲۔ ہیئتہ ہنز ذان: انیم غار یقینی چھے اکھ بوڈ تو توتھ زِ شاعری چھنہ ماتے بلکہ نہ یہ اکھن یا کُن تام واتان چھ تہ تر چمد شاعرٕ ہنز ہیئتھ۔ شاعرہ ہند ذوق تہ نے اسہ کانہ سہ تہ ہیکہ شار پرتھ ڈنتھ زِ یہ چھ کیتہ تام پاٹھی عام زبانی نشہ مختلف۔ ہیئتہ چھ اسی تھ ہیکان۔ کنہ وِدہ پرتہ غار شعوری زبانی ہنز شاعرٕ ہنز ہیئتہ تہ ہیکو اسی لفظن ہند تل تراو تہ آہنگہ ستی تھ ہنتھ۔ شاعرٕ ہند مخصوص گرتھ چھ لفظن ہند آہنگ تہ زبانی ہند تخلیقی ورتاو کتھ (وچھو ۴) مثلس پیٹھ کارِ سپدان۔ عملی نقاد یوتام نہ امہ مخصوص گرتچ دیثر ھنے کرِ توتام ہیکہ نہ شاعرٕ ہنز کانہہ موٗلانکون کرتھ۔

۲-۳-۲۔ پیکرن ہنز دیثر ھنے: مختلف انسان چھ مختلف تژمین بل تہ مختلف حالژ چھ مختلف پرن والین مختلف تاثر دوان۔ عملی نقادس گژھ کام چھے زِ سہ کرِ شاعرن تہ عالمن ہندس صورتس منز ورتاونہ آمتین پیکرن ہنز دیثر ھنے تہ تخلیقہ ہندس کلہم سیاقس منز کرِ پرتھ کنہ پیکرچ اہمیتھ واضح۔ اد کنز چھ ضروری زِ استیارن تہ عالمن ہندس صورتس منز ورتاونہ آمتین پیکرن تہ یا خالص پیکرکس متوتھرس پیٹھ ورتاونہ آمتین پیکرن ہنز مکمل زان آسہ پرن والس (وچھو )

۲-۴-۲۔ جذبات تہ جذباتیت: شارچ بنیاد چھ جذبہ بہ گر جذبہ گژھ نہ مرفتے شارس منز باونہ ین بلکہ ورگہ پاٹھی کنہ مناسب پیکرکس صورتس منز اگر نہ تہ

کرنہٕ آو شاعرس منز چھےٚ جذباتیچہ پادٕ گژھان۔ جذباتیہ چھےٚ پرن والین ڈٕہتھ یوان تہٕ تمہ چہ شاعری حسنہٕ بدلہٕ اکھو تہوٕ تس قدر کران۔ نتیجہٕ چھ نیران زِ غلط قسمچ شاعری چھےٚ مقبول سپدان تہٕ اصل شاعری چھےٚ نہٕ پرزنانٕنے یوان۔ عملی نقادٕ سٕنز کام چھےٚ زِ سُہ بادٕ کُنہٕ خاص تخلیقہٕ منز بنیادی جذبچ اہمیتھ تہٕ جذبن ہنز بادٕ ژہینیر سام۔

۲.۲.۵۔ **نظریاتی وابستگی:** نظریاتی وابستگیہٕ ہندٕ مسلہٕ چھ عملی تنقیدس منز خاص گرتھ تہٕ ازک معلانکون کرنہٕ وزنہٕ پیش یوان تیمہ منز تخلیق کارن سٕنزن ذاتی نظرن ہندٕ دخل زٕو وٕمت آسہِ یا تمی آسہ تخلیقس پننین نظرین بادونگ دٕہری بناوٕمژٕ۔ نقادٕ سٕنز نظریاتی وابستگی ہیکہِ ادب پارچ معلانکون کرنس منز تمس مددگار تہٕ نہٕ وزنتھ تہٕ رکاوٹھ تہٕ۔ مثلن یونانی ڈرامہ تہٕ شیکسپیئر سٕند ڈراما ہیکہ نہٕ تو تام صحی پاٹھی معلانکونہٕ ییتھ یوٚتام نہٕ اسہِ یونانی تہٕ میسائے اخلاقی نظرین ہند علم آسہِ۔ وون اگر پرن والس اکھ ہے نظریس سیتی جنبہ باقی وابستگی آسن سہ زانہٕ نہٕ ادب پارس منز پیش کرنہٕ آمت تجربہ اہم بلکہ تمہ تجربک تفوٗل اہم یس گژھہ نظریاتی زناک چھیہ اسان۔

۲.۲.۶۔ **پچھسام:** ادب پارس گژھن نہٕ انگہ یوت مکمل تہٕ متوازن دارا آسنی بلکہ گژھ تخلیقہ منز انگہ یکت (ORGANIC UNITY) آسنہٕ کنز کل تہٕ شوٗ میدارہٕ تہٕ مکمل آسن۔

ادب پارچ وٕڑھنے کرِتھ تہٕ انگی ساری انگ کھر کرِتھ گژھن ساری انگ پننہ پننہ جایہ وانس ینی تھاونہٕ تہٕ چھیکرس گژھ سالم تخلیقہٕ ہندٕ حسن ینٕ معلانکونہٕ۔ یہ سائے عمل ہیکہ پرن وول تیلی کامیابی سان انہٕ وانناوتھ ییلہٕ تمس پرتھ کُنہٕ انگچ پوٚرہٕ پوٚرہٕ زان آسہِ۔

# ۳

# زبان تہٕ ادب

## ۳۔۱۔ ادبچ پرزنتھ

"دیان ودہ ستاد۔ شہر اکھ گوو ایران۔ تتہٕ اوس
پادشاہ۔ تمۍ سے چھُ ناو بہوٗدر خان۔ تمۍ اوس کۄرمُت
باغ رانٔین کیٖتھ۔ تتھ اُس نہٕ دتھ غار زانس۔ تتھ
باغس منز گوو پادٕ فقیراہ۔ نظر باز دگر نظر۔ خبر دارد
نیٖہ خبر اَمِس پادشاہس۔ دوٚیُچھ فقیراہ ژاد باغس منز۔
بوزٕن پادشاہن۔ ہیوٚتُن مہ ستی وزیر۔ گے تتھ
باغس منز دِچھن اتہٕ فقیر
یمہ لوٗد چھے ہر وتہٕ بیٖنا بوزوو فادای عنقا"۔ [1]

یہ گو وادب۔ اکھ لسانی جاگژ یُند ادب یُس تمہِ جاگژ پیٚٹھ پیٚٹھ پھانچھاوو۔ تہٕ واتنوو ٚن
اَسہِ تام۔ ساٚنہِ خاطرٕ ہیکہِ یتھ ہیو ادب بے مانے، بے تاثیر یا عجیب اُستھ مگر یمیٚتن چھنہٕ تتھ سلس
ستی کانہہ غرض۔ طوطہٕ سنز کتھ پَرٕ چھے تہٕ تَرٕ مسلہٕ چھُ زِ یہٕ کُس چیز چھُ اتھ منز یُس اتھ ادب
چھُ بناوان؟۔ یہوے سوال ہیکو یتھ پاٹھۍ تہٕ پرٕزتھ زِ سو کو سہٕ خاصیت چھے طوطہٕ سنز کتھ منز لوٚیہ
اتھ باقے ادبس ستی مشترکہٕ چھے؟ عام پاٹھۍ آسہِ اتھ سوالس جواب تخیُّل۔ یہ چھُ پۄز زِ تخیُّل چھُ
ادبچ اکھ اہم خاصیت، مگر کینہہ ادب ہیکہِ امہ وراے تہٕ آستھ تہٕ تخیُّل ہیکہِ عام دوہ دِہن کِس گفتارس منز

[1] STEIN, HATIM'S TALES.

تہٕ اُسِتھ۔ ہیٚرِمِس سوالس واریاہ نامکمل جواب سونچتھ چھِ اَسی ییتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ طوطہٕ سٕنز کتھ چھےٚ اکھ مخصوٗص ہیٚتھ نٮ۪اوان۔ یہ چھےٚ اکھ تیتھ گفتارُک پیر ییتھ پیرِ تہٕ ہمیشہٕ اتھی پٮ۪ٹھ مخصوص ہیٚرٕ منز کُنہٕ ہیر پھیرٕ ورأے پھِرنہٕ آمُت چھُ تہٕ لیوان روزِ۔ (دلیلہٕ گرٕ چھِ ضروٗر پٮ۪ٹھ منشہٕ دلیلہٕ ہنٛز زبان تہٕ کُنہٕ ساتہٕ واقاتہٕ کُنہٕ حدس تام بدلاوان۔ مگر یہٕ ہیر پھیرِ چھُ تیوٗت موٗمولی آسان زِ بوزن والین ہُند تاثر چھُ روزان زِ دلیل آیہٕ تیتھے پاٹھی بوزناونہٕ ییتھ پاٹھی برونہہ کالہٕ یہٕ بوزناونہٕ چھےٚ آمُت۔ تمہٕ علاوٕ یمن قومن منز لکھایہٕ ہُند رِواج آمُت چھُ، تمن قومن ہُند ادب چھُ لیکھنس تل ییتھ پٮ۪ٹھ مخصوٗص ہیٚرٕ منز شٹھِتھ گومُت۔ یہے اکھ خأصِیتھ چھےٚ سو یوسہٕ پیرٕ ییتھ کُنہٕ قسمہٕ کس ادبس پانہٕ وٕنی شرٛوز چھےٚ۔ بقول پال ویلیری PAUL VALERY:

> شأیری (ادب) ہکون ییٚمہٕ پزرٕ کنہٕ پرزناوِتھ تہٕ یہے ہیٚکہٕ امیک تاریف تہٕ ہنٛتھ زِ یہ چھےٚ پننی ہیٚرٕ منز ردٕ زِتھ پھِرِ پھِرِ وٕنلان، یہ چھےٚ سانٛین ذیٚہنن اَتھ پننہٕ اصلی حالتِ منز از سرِ نو تخلیق کرنہٕ خأطرٕ وتش دِوان۔[1]

ادبس چھُ یہ خأصِیتھ یانے نہٕ بدلونہٕ ہیٚتھ زبأنی ہُند مخصوص ورتاو دِوان۔

## ۲.۳۔ زبان ادبُک وٚسیلہٕ

شأیرس تہٕ ادیبس چھُ بادتھ کرنُک اکُے وسیلہٕ دٚستیاب ــــ زبان۔ سوٚے زبان یوسہٕ تمی گوڈٕ نِتھے مأجِ نِشہٕ تہٕ پننہٕ سماجٕکین باقے فردن سٟتی ہٮ۪تِھ بٲتِھ ہیٚچھمٕژ چھےٚ آسان۔ شأیر تہٕ ادیب (ییٚتہٕ پور وننہٕ بہٕ صرف شأیر) چھِ زبان ورتاوتھ سوٚے کٲم کران یوسہٕ مصور رنٛگ ورتاوِتھ چھُ کران تہٕ موسیقار آوازٕ ورتاوِتھ۔ دُنیہٕ ہُک سوٚرُے ادب چھُ مختلف زبانن منز تہٕ زبانہٕ چھےٚ علاقہٕ ییتھ علاقہٕ مختلف تہٕ یمہٕ چھےٚ زمانس سٟتی سٟتی بدلان روزان۔ مگر زبانن ہنٛز یہ فرق چھُنہٕ ادبچہٕ مختلف ذأژ مشخص کران۔ ادبس مشرقی تہٕ مغربی یا پرٛون تہٕ نوٚو وننہٕ سٟتی چھُنہٕ ژکہٕ کانٛہہ تہٕ کتھ نیان۔ یم اصطلاح چھِ تقریبن یے مانے تکیا زِ یم چھِنہٕ کُنہٕ ادب پارکہٕ مزاژ کانٛہہ تہٕ وٚژھنے ہیٚکان کٔرِتھ۔ یمن اصطلاحن برعکس چھِ تنقیدس منز کینٛہہ بابانے اصطلاح تہٕ ورتاونہٕ یوان

---

[1] PAUL VALERY, The Art of Poetry, tr. Denise Folliot

مثلن کلاسیکی ادب، رومانی ادب، تصوفی ادب، ترقی پسند ادب، جدید ادب بیترِ۔ یا صنفن ہندس بنیادس پیٹھ چھِ کینہہ اصطلاح، غزل، نظم، افسانہ، ناول، رزم، مثنوی، قصید بیترِ۔ سوال چھُ زِ یہِ کُس چیز چھُ یُس ادبچ امہِ ڈاگرِ بندی ہُنز بنیاد چھُ؟ عام تصور چھُ زِ یہِ چھُ موضوع۔ مگر یہ تصور چھُ تیمہِ لحاظہ غلط زِ کُنہ ساتہ چھُ اکُے موضوع اسی وچھان ادبکین مختلف قسمن منز تہ وارِہن صنفن منز۔ پزر چھُ یہ زِ ادبس منز چھِ موضوع مستقل اگر کینہہ بدلان چھُ سُہ چھُ ادبہ سُند رُدی یہ کین موضوعن ستی تہ ادبہ سُند رُدی یِیِ تبدیلی چھے تمی سندِ لفظ ورتاوس منز ظاہر سپدان۔ مثالہ پاٹھۍ نمو اسی صرف اکھ موضوع: موت۔ یہ چھُ پتہ وچھو شاعرن منز ورتاونہ آمُت:-

| | |
|---|---|
| اڈھین آے تہ گڑھن گڑھے | یکُن گڑھے دِہن کیاو راتھ |
| یورے آے تہ تورِ گڑھن گڑھن | کینہہ نتہ کینہہ نتہ کینہہ نتہ کیاہ |

(للدید)

باٹی بالی مے پکھ یاڑے گاٹی گاتیاہ سمسارن

کمن صورتن چھے گژھان میاڑے آواز واٹے نو

(محمود گامی)

بیانانکی بے مانے حارتن دولمت تہ کبر ومت

چھُھس رنگین بازارو تہ بامانے شہرِ بادان

(شوقؔ)

ترنوِی شارن منز چھُ کُنے موضوع مگر رُدی یہ چھُ مختلف۔ گوڈنکس منز چھُ دسپر دگیہ ہند رودی مس منز حسرتک تہ تری مس منز حارتک۔ گوڈنیک شار چھُ ژِ دأبی مہ صدی یہ ہند، دوم کنوہی مہ صدی یہ ہند تہ تریم وُہی مہ صدی یہ ہند۔ گوڈنکس دنو صوفیانہ، دوی مس رومانی تہ تری مس جدید۔ بیتے یوت نہ، گوڈنیک چھُ داکھ، دوم وژنک اکھ شار تہ تریم غزلک شار۔ یانے ییٚن شارن چھُ پانہ وۍ بین ژورن قسمن ہند نہ مرف تقسیم اکھ یانے ہیژ ہند ہین سید سیود پاٹھۍ مشاہدس تل ییتھ ہیکہ۔ باقے ترین قسمن ہند ہین چھُ پرن والی سندس ذہنس پیٹھ تاثر۔ مگر کانہہ خاص تاثر ودہ بلاونس چھُ ضرور کانہہ نتہ کانہہ وجہ۔ آسان کانہہ ذری یہ آسان۔ شاعر یہ ہندس حالس منز چھُ یہ ذری یہ بڑا

وجہہ صرف زبانٕ ہنٛد مخصوص ورتاو۔ یوٚدوے ہیٚرِ مین ترٛہنوٚنی شارن ہنٛز زبان سیٚود ساد کاشُر چھُ، تہٕ یمن منٛز چھُنہٕ زبانٕ ہنٛد گرٛنگ تہٕ کانٛہہ پھیر رٕنیتھ پاٹھٕ زن اکثر للہٕ واکھن منٛز آسان چھُ، مگر لفظن ہنٛدِین مانین ہنٛد انتخاب چھُ ترٛہنوٚنی شارن منٛز مختلف۔ شاعر چھُ یہ انتخاب پننہٕ پننہٕ مخصوص سوچن ترٛایہ تحت کورمُت۔ صوفی شاعر چھُ لفظن پتہٕ کنہِ خیالن تہٕ تصورن زیادہ اہمیتھ دِتھ شارس منٛز پیش کران۔ یی چھُ باقے نظریاتی شاعرو منٛز سپدان۔ بظاہر اگر شارس منٛز کانٛہہ ہیٚت تہٕ چھُ آسان، مگر مقصد چھُ آسان نظرِیل کنہٕ خیالچ وضاحتھ۔ یہ چھُ خیالے یُس چیزن ہنٛز صورتھ ژھانڈان چھُ۔ مگر چیز چھُ پننہٕ خوٚد مختاری تہٕ پننہٕ فطری تازگی راوراوان تہٕ علامتی اہمیتھ اختیار کران یِمہٕ سٟتۍ اسہٕ مسلسل چیز نشہٕ دور لمان چھے۔

رومانی شاعرس نشہٕ چھُ چیز اہم تہٕ نہٕ خیال بلکہ لفظ پانے۔ رومانی شاعری چھے لفظن ہنٛدین داخلی انہارن تہٕ خارجی پیٚرن ہنٛد ڈوکھ رٹتھ لفظن پانہٕ وٕنی نوٚو ترتیب دِتھ نوٚو حقیقژ سنٛد پاس ژٕھان دِوان۔ اتھ سارِی سے عمل چھُ لفظن ہنٛد آہنگ تہٕ رہبری کران بیہ نہٕ کہیں۔

"جدید شاعر چھُ اتھ برعکس چیزن یوت پلہٕ ہیٚوٚت پننہٕ اصلی حالژ منٛز پیش ژھان کرُن۔ یوٚدوے بہ اکھ سٟٹھے دشوار کام چھے تکیاز پرتھ چیز سٟتۍ چھُ پرتھ انسان پننہٕ انفرادی انداز ژینان، مگر تہٕ گرتھ چھُ جدید شاعر پننہٕ شاعری منٛز مخص اکھ کانٛہہ ہیٚت ژھان پادہٕ کران یُس تصورن ہنٛد کنہٕ مخصوص حوالہٕ جاتی نظامہٕ نشہٕ آزاد آسہٕ شعوری حالژ منٛز یوٚدوے یہ تصور یتھ تتھ چیزن پتھ چھُ ژھنان مگر تو تہٕ چھُ خاین ہنٛد دنیا پیتہٕ ساری چیز ساد روار چھُ تہٕ بے کھرنگ باوتھ چھُ لبان۔

شار پرُن تہٕ زانُن تہٕ اتھ پتھ تنقید کرُن چھُ صرف ین زبانٕ ہنٛد مسلہٕ۔ پرن والس گژھِہ تمہٕ زبانٕ ہنٛز مکمل زان آسنۍ یتھ زبانٕ منٛز شار لیکھنہٕ آسہ۔ اُدے ہیٚکہ سُہ لفظن ہنٛدین سارنۍ چیہ باقی مانین واقف آسنتھ تہٕ ادے ہیٚکہ سُہ کُنہٕ لفظکہ منفرد ورتاوک تہٕ احساس پادٕ کرِتھ۔ پرن والس چھُ وچھُن زِ شاعرن یُس زبان ورتاومٕژ چھے سۄ کتھ حدس تام چھے باوژہنٛزِ کامیابی منٛز ساتھ دِوان۔ شاعرن اگر کُنہٕ لفظک کانٛہہ نوٚو ورتاو چھُ ہاوِمُت، پرن والس چھُ زانُن زِ یہ نوٚو ورتاو کمہٕ اندازٕک چھُ تہٕ یہ چھا کانٛہہ تخلیقی ضرورتھ پورٕ کران کنہٕ ... نوٚر باپتھ۔ یتھے پاٹھۍ چھُ شارک مکمل خط تلنہٕ خاطرٕ تہٕ مانین ہنٛد خاطرٕ شار چیر امیژ اگر تجربک یا لوچرک احساس پادٕ کرنہٕ خاطرٕ تشبیہن استعارن پیکرن تہٕ صوتی آہنگن ہنٛد تجزیہ کرُن تہٕ لازمی بنان۔ مختصر دلیوٚ زِ عام پرن والس

کیو نقادس چھُ شارس منز باوَنہٕ آمژِ تجربُک تام واتنہٕ خاطر لفظن ستی جنگ پیوان کرن۔ تہٕ سُہ جنگ چھُ ہمیشہ ناکام رُوزان ییتھ منز نہٕ دشمن سُند طاقتچ پوٗرہٕ زان آسہ۔

نہٕ صرف کُنہ شارُک حسن زانُنس منز یوت بلکہ رُتس شار خراب شارہٕ نِشہ الگ کڈنہٕ خاطر تہٕ چھُ باذوق پرن والِس کیو نقادس شارکی زبانی ستن پیوان تہٕ اتھ تجزیہ کرُن پیوان۔ یتھ پاٹھی اسہ دُچھ زِ اکھ موضوع ہیکہ اکھ کھوتہٕ زیادٕ شارن ہُند موضوع آسِتھ تہٕ یتہ چھُ پزٕے زِ دُنیہچہ کلہم شاعری ہُنز منز چھِ کُنٹاے موضوع ورتاونہٕ آمتی۔ اوکنہٕ ہیکہ نہٕ اسہ محض موضوعی بحث اکھ شار بییہِ شارہٕ نِشہ مختلف زانُنس منز کانہہ مدد دِتھ — امہ لیہاز تہٕ چھُ شارس متعلق بحث اکھ زبانی ہُند مسلہٕ۔ اتھ بحثس منز ہیکہ اسہ لسانیاتُک سیٹھاہ مددگار ثابت سپدِتھ تہٕ جدید تنقیدس منز چھُ دوہہ کھوتہٕ دوہہ لسانیاتُک ہران۔

اتھ کیاہ کرو زِ کُنہ تہٕ زبانی ہُندی لفظ ہیکن نہٕ آسِتھ تمن خُرژن تہٕ تجربن ہُندی ہوبہو نقل ییم شاعرٕ سُندس ذہنس منز گاہ بیگاہ پرتھان چھِ۔ شاعر سُنز چھے شار لیکھنہٕ وِزِ ضرور یہ گوڈنچ کوشش رُوزان زِ سُہ گژھہِ تتھی لفظ ہیکن لبنتھ ییم تمی سُنزن ذہنی حرکژن ہِتھ نیبدی بادتھ ہیکن بخشِتھ۔ یتھ شاعرن تہٕ تخلیقی ژھنڈ حاصل سپدِہے تہٕ پرن وول تہٕ واتِہے کُنہ ابہامہٕ ورأے تمی سُندس تجربس تام (تجربہٕ ساد آسہ ہے یا پیچیدہ)۔ پرن وول تہٕ چھُ پننہ جایہ کوشش کران امہ خاطر ییلہ سُہ شار پران چھُ۔ پرن والس تہٕ چھ لفظن ہُندی عام مانے ڈیڈی آسان لکیاز سُہ تہٕ چھُ شاعرٕ سُنزی ساری جاتہ ہُند رُکُن آسان۔ دوٚن اگر کانہہ غار موزوٗن لفظ یتھ پیوس سُہ وچھہِ لوغاتھ۔ امہ پتہٕ چھُ سُہ شارکین سارنے لفظن ہُندی ویدی مانے جوڑتھ حظ یژھان تلُن۔ اگر باسیوس زِ سُہ گوو ناکام سُہ چھُ لفظن ہُندی امکانی مانے تہٕ ذہنس منز انان۔ امہ پتہٕ تہٕ اگر پرن وول ناکام گژھہٕ تمیک قصور چھُ یا تہٕ پرن والی سُند یُس نہٕ سنزن تام پلوچھ یا شاعر سُند یُس نہٕ مناسب پاٹھی باوتھ چھُ ہیوکمت کرتھ، نتہٕ چھُ خود شارُک یُس سیٹھاہ پیچیدہ چھُ۔ دوٚن گوو یہ تہٕ چھُ امکان (مگر سیٹھاہ خال) یُس شار نہٕ اکِس پرن والِس زانُن تگہ، سُے شار تگہِ بییس پرن والِس۔ (ممکن چھُ زِ دُیم پرن وول آسہِ گوڈنکِس پرن والی سِندِ کھوتہٕ پُس ذہنُک۔)۔

## ۳-۳- ادبی زبانۍ ہنٛز خاصیژ !

ادبی زبانۍ چھہٕ پننی لوازم تہٕ پننہٕ کینٛہہ خاصیژ۔ (وٕچھو ۳ تہٕ ۴) مگر یمن سارنٕے خاصیژن ہیکو اَسی دۄن عنوانن تحت سام ہٮ۪تھ :

۳-۳-۱- عوٗبوٗر :- 'طوطہٕ سٕنز کتھ' ہیٚکہ پرِتھ کانٛہہ کاشُر بیٚیس بوزناوِتھ' مگر حاتم تلہٕ وانۍ ییٚمہِ اندازہٕ سٟتۍ اَنیس بوزناومٕژ چھےٚ سُہ چھُ سٮ۪ٹھاہ دلچسپ۔ کٲشِر منٛز اَسی پیٚنہ کالہٕ پیشہِ ور دٔلیلہٕ گٔری یِم بوزن والین پیٹھ پننہٕ گفتارہٕ سٟتی حاوی اَسی سپدان۔ از تہٕ چھہِ کُنہٕ کُنہِ یِم دلیلہٕ گٔری موجوٗد۔ دلیلہٕ گٔرس یا ولو اَکِس کامیاب بولن وٲلِس چھےٚ عام انسانس نِشہِ فرق ییٚہے زِ سُہ تمِس چھُ اشارہٕ نادِتی درتاوِنس پیٹھ عوٗبوٗر۔ سُہ چھِنہٕ کالہٕ ورتاوس منٛز ہینہٕ یوان۔ سُہ چھُ ہیکان واقعٲتی تسلسُل قٲیم تھٲوِتھ۔ اتھ برعکس چھُ عام انسان بولنہٕ وِزِ نحوی پیچیدگین منٛز وٕتھنہٕ یوان۔ ییٚہے صفت چھےٚ اَکِس ادیبس تہٕ اِنسان۔ سُہ چھُ سارنٕے ہندِ کھوتہٕ زیادہ عوٗبوٗر تھاوان زبانۍ پیٹھ۔ سُہ چھُ ہیکان پیچیدہٕ خیالن تہٕ زٕلوٗدِتھ۔ ییٚلہِ زَن عام انسان صرف دۄہ دِہنکہِ کاروبارس متعلقے یوت چھِ ہیکان کتھہٕ کٔرِتھ تہٕ سُہ چھُ پیچیدہٕ موضوٗعن پیٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ کلان۔ مثلن اگر عام انسان تہٕ ادیب یِکہٕ وٹہٕ کانٛہہ خوفناک حادثہٕ وٕچھِن۔ دۄشوٕنی پیٚیہ ژھوٗژےٚ کیاہ گوٗرتھ موٗحسوس۔ عام انسان ہیٚکہِ نہٕ شاید ییٚمہِ ورأے کینٛہہ تہٕ وٕنِتھ زِ سٕے ہسہٕ پھیچیرتِر۔ بہٕ ہسہٕ تٔر ہرٕلوٗیس۔ یا بیٚیہ اکھ زٕ جملہٕ وَنہٕ۔ مگر ادیبس نِشہِ چھُ توفانہٕ سُہ ہیکہِ پننِس سوٗرے نفسیٲتی ردِعمل وضاحتہٕ سان بٲوِتھ یا لیکھِتھ۔ اکینٛہہ چھُ صرف کامیاب پٲٹھۍ لیکھِتھ ہیکان تہٕ بولنہٕ وِزِ چھُہ کلان۔

۳-۳-۲- اُسلوٗب :- اتھ موٗضوٗعس پیٹھ ییٚیہ برونٛہہ کُن بحث کرنہٕ۔ ییٚتین چھُ یتےٚ وَنُن کٲفی زِ زبان چھےٚ تٮ۪لی ییٚلہِ امیکہٕ ورتاو کُنہِ لسانی جمٲژ منٛز یکسان آسہِ تہٕ امہٕ کِس پرِتھ جُزس پیٹھ آسہِ لسانی جمٲژ ہندِین فردن پانہٕ وٕنی اتفاق۔ مگر تہٕ گٔرِتھ تہٕ چھہِ زبانۍ ہندِ ورتاوِکین حدن ہمنٛز دارٕہین اندازن ہنٛز گنجٲیش آسان۔ پرِتھ کانٛسہِ بالغ تہٕ تجربہٕ کار انسانس چھُ پننہٕ زبانۍ ہندِین لٔہجن یا گفتارِکین اندازن پیٹھ عوٗبوٗر آسان تہٕ سُہ چھُ سہل پٲٹھۍ اکھ انداز ترٲوِتھ بیاکھ انداز ورتاوِتھ ہیکان۔ امہٕ علاوہ چھُ لسانی جمٲژ ہندِس پرِتھ کانٛسہِ فردس لفظ ....... پننُن منفرد تہٕ عجیب انداز آسان۔ ادیب یا شاعرس سارنٕے فردن ہندِ کھوتہٕ عجیب چھُ آسان، چھُ زبان تہٕ سٮ۪ٹھاہ عجیب پٲٹھۍ

درتادان۔ شعر ییلہِ جان پاٹھۍ تجربہ حاصل چھُ کرِتھ شعر چھُ بنِس عجیب لفظ درتاوس پھِری
پھِری دُہراوان تہٕ یہِ سے دُہراو REPETITION چھُ تِمی سُند مخصوص اسلوب بنان۔ (دچھو ۶).

گنڈِل درتاوٕ ستی چھہ چیزن ہنٛدۍ پاٹھۍ

## ۲-۲-۳ عام زبان تہٕ ادبی زبان ۔ فرق: لفظ تہٕ نشان، موٗنٛدان تہٕ ژھوٚتۍ سیدان۔

زبانۍ ہنٛدۍ لفظ چھہ ساسہٕ بدلہٕ ورۍ لوٚ پیٹھہ دوہ دِن کس کامہٕ کارس منز ورتاونہٕ آمتۍ تہٕ مسلسل ورتاوٕ کنۍ چھِ یِم لفظ مانے نشہِ تقریبن خالی گمتۍ۔ وریاہ ہتیٚس پیٹھہ چھُ گول، سوتُر تہٕ رنگدار کنہٕ پھول۔ یہ چھہ خوش کران، یہ چھین اچھس منز رنان۔ بر نزاہ چھُ روزان خوش کران۔ وار وار چھُ یہ گول سوتُر تہٕ رنگدار کنہٕ پھول ولیو دنان تہٕ یہی چھُنہٕ لگان لوتام اتھ منز ساری یے دلچسپی ختم چھے گژھان تہٕ تمہٕ پتہٕ چھین ورِیادس منز دارِتھ دوان۔ یہ چھُ لوٚنہٕ زِ اکثر لفظن چھُ عام ورتاوس منز تہِ امتیازی قوتھ آسان مگر یہ قوت چھُ توٚت ولیود تہٕ عامیانہٕ آسان یوٚت زانہ کُن چھُنہٕ سون توجہ تہٕ گژھان۔ تہٕ گژھتہٕ تہٕ روزن یِم لفظ سماجس منز لوکن دوہ دِن کس کاریارس منز بکار یوان۔ مگر تخلیقی بادتھ کاری منز چھِنہٕ یِم لفظ بنِس عامیانہ حالتس منز مددگار ثابتھ.. سیدان۔ اتھ جایہ چھُ یوان تخلیق کارس فاصلہٕ کرن زِ یا تہٕ روزٕ شہ لفظن ہندس اتھی عامیانہ حالتس تا یا تہٕ کرا تہٕ تہند دستیٚس آژی۔ یانے یا تہٕ لیکھتی یہ ساسہٕ پھِر لیکھنہٕ چھ آمت تہٕ کرتہٕ لیکھنہٕ خاطر لفظن زِ کی پھیر یہ سہ زانان چھُ زِ یہ چھینہٕ کانسہٕ دِ دُمت۔ یتھہ پاٹھۍ روزٕ شہ مسلسل اکھ نوٚ زبان دوہ تلاوان یو سہ تمس تخلیقی اضطرابہٕ منز روزٕ موکجار دوان۔ مگر تہٕ گژھتہٕ تہٕ آسہٕ نہٕ سِیرن والین ہنٛدِ خاطر یہ زبان ترشے یے مانے یتھ اکھ دوہ پرادیز زبان آسان چھے۔ اتھ برعکس چھے تخلیق کارہٕ سنز یہ نوٚ زبان پرن والس احساس دوان زِ یُنی زبانۍ متلق گاژاہ ناکافی واقفیتھ آس تمس ادٕ تام۔

دوہ زِ دِ چھو اسی عام زبانۍ تہٕ ادبی زبانۍ درمیان کینہہ اہم فرق یِم ادبی زبانۍ ہنزن پھیرہہ خاص یژن کُن تہٕ اشارہ کران:

۳-۲-۱- **لوغوی فرق:** تخلیق کارس چھُ نہٕ زبانۍ پیٹھہ مکمل دسترس آسان۔ تمس چھے عام اصولو نشہِ گریز کرنچ آزادی تہٕ تہٕ تمس سنبدس گریزس چھُ قبول تہٕ حاصل۔ شعر یکہٕ زبانۍ کامہٕ ہیرہ تہٕ کرتھ

تہٕ ترمیم تہٕ۔ (شرط چھُ تخلیق کار کرِ سورٕ سے کینہہ کُنہٕ مخصوص تخلیقی شعورٕ دٕ تہٕ کنِہ نہٕ زِ صرف نوِ کنن)۔

ا :۔ تخلیق کار ہیکہِ پرُون مشروُمت تہٕ متروک لفظ ورتاوِتھ :

لوُزِ کھہ سہے چھکہہ ........

میون فری یاد لوز ۔ بوزن وِدل (فری یاد : راہی)

کیاز نبلاہس کران چھُک نالہٕ متھی؟ ۔ خلاشنو (غزل : تاجی)

ب :۔ تخلیق کار ہیکہِ نوٚو لفظ گرٕتھ :

ژھرا کہٕ چھکرِ سے مےٚ سنگریزس سنگلاب سپُد ۔ اکھ خیالی پوشِ پیش کنہٕ منز پھِٹان آسہ (غزل : راہی)

اندی لوکہ مشکیاد صبحے صبحے ۔ مشک پھہلبود (غزل : فراق)

نوٚی لفظ گرنہٕ وِزِ چھُ تخلیقکارس خیال تھاوُن زِ اسنس لایق گژھہ نہٕ کتھ بننہٕ۔ ہنگہٕ تہٕ

منگہٕ کاشرِ ہن ترکیبن منز خیال تھاونہٕ ورآسے حد ڈلتھ تہٕ محض نوِ پاٹھ لفظ گرنہٕ سیتی چھِ اپریس

باس رگان۔ مثلن ۔ تصویرٕ ناوُن، خوبصورتاوُن، تیزگاوُن، منتاوُن بیترِ (فراق)

شبنمتان، رستمتان، وُزملتان، بیترِ (مرغوب)

پ :۔ اکہ مانیک لفظس بیس مانیس منز ورتاوِتھ۔ مثلن

مےٚ چھے شہر رگہِ اندی پکھی جانی قدمچ چراکھ وُزان (صدا : راہی)

۳-۴-۲- لفظ ترتیب :۔

کاشر نثری جملچ لفظِ ترتیب چھے ۶۷۵ یا نے

| کرادل | کرادت | کرِدومت |
| --- | --- | --- |
| مےٚ | پٔر | کتاب |
| بہٕ | (چھُس) پران | کتاب |

یا کنہ صاتہٕ

بہٕ + چھُس + کتاب + پران۔

مگر شاعر یہِ منز چھے عروضی بندشہِ یا کانہہ خاص تاثر وۃنہ تہِ لاؤنہِ خاطرہ یہِ ترتیب بدلان۔ اصطلاحن ہُنزِ وضاحت کنی دِمہ یہ صرف اکھ نہ مثالہ:

| چاٹی خاموشی | کتھن | پن (ہیو) | تلمان |
| --- | --- | --- | --- |
| کراول | کرووُمت | درگہ کرددمت | کراوت |

(رشید نازکی)

| ساڈی شوقن | گھلونن | کوٗر | نزدل |
| --- | --- | --- | --- |
| کراول | کرووُمت | کراوت | درگہ کرووُمت |

(کامل)

| یاں تہ کلی کتھ ملائیہ | ہوون | نی |
| --- | --- | --- |
| کرووُمت | کراول | کراوت |

(حامدی)

امہ رنگی ہیکہ شاعر نحوی ادھولن تھرڈاوتھ مگر کینژن حالن منز ہیکہ نہ کانہہ تہ خلاف ورزی جایز آسِتھ مثلن مذکر مونث یا واحد جمع غلطی ہیکہ نہ کانہہ قبول کرتھ

## ۲.۴.۳ باوتی گرد

باوتی گردس چھہ زِ حصہ آسان باوت تہ کلہ۔ مثلن دوہ زِ نزد گرو نتھ دوہ زِ لی چھہ باوت تہ زدنتھ چھہ کلہ۔ کاشرس منز چھہ باوتی گرد ژورن قسمن ہنٚدی:

ا۔ یمن منز باوت آسہ گوڈ تہ کلہ پتہ۔ مثلن: رژ کتاب' اد قلم' بیتر۔

ب۔ یمن منز کلہ گوڈ آسہ تہ باوت پتہ۔ مثلن: مکالہ زور' ژدچہ زد' ککین تہ درلاو)۔

پ۔ یمن منز باوت آسہ کلس دوشوٗنی طرفو۔ امیر انسان ییمہ شہرک جانہ مشور کھو تہ رت۔

ت۔ یمن منز کلہ باوتس دوشوٗنی طرفو آسہ۔ مثلن: ژ لِتھ نہ ہیکن بیتر۔

---

کراول = SUBJECT ' کراوت = VERB ' ڈلہ کراوت = AUXILLIARY VERB

کرووُمت = OBJECT ' درگہ کرددمت = INDIRECT OBJECT ' باوت = ADJECTIVE.

اَمی چیز ہُنٛد ننہٕ وَرُ اکی چیزِ خٲطرٕ اکھ تہٕ زیادٕ بادٕتی ورتاوان، مثلن : نکی وۆن ٹرٛیوِش، بوٚڈ سفید مکانہٕ بیترِ۔ عام کتھ باتھ ہنٛز زبٲنی چھِنہٕ عام پاٹھی دٕہ یا کھوتہٕ زیادٕ بادٕتی اکی چیزِ خٲطرٕ یکہٕ وٹہٕ ورتاونہٕ یوان۔ مگر شٲیرِ منٛز چھےٚ اکی چیزِ خٲطرٕ وارِیاہ بادٕتی ورتاونٕچ آزادی۔ مثلن۔

- دِلُک یہ گُرٛدٕ، میوٚتھ دود ژُورِ پردن تل (مرکز ’’دود‘‘)
- سنہٕ سوٚدرٕچ کنی سبزارٕ، وۆپدیمژ رٕہج خوشبویہ ژھٹھ (مرکز : خوشبو)

یتھی ہیٛو بادٕتی گرتی ہیکو یمو شکلو سٕتہٕ ستر پاٹھی واضیح کٔرِتھ :



۔۔۔۔ ۱۔ تر بَشار ثِہ ر — سطرن منز۔ یِتھین بہلہ عو نلہ ہِن چھہ۔

نشانہٕ ٹھہراوِ ہاونہٕ خاطر تراوِتھ یِوان تمہِ علاوٕ چھہ آرِف پھیر ہاونہٕ خاطر کینہہ رِوایتی نشانہٕ شَملن "۔" (سوال) "!" (تعاجُب)— زیٛوٗتھ ٹھہراو ہاونہٕ خاطر بیترِ۔ مگر یِم رِوایتی نشانہٕ چھہ ناکافی تکیازِ آرتکو ساری تٕل تراد چھنہٕ یِمو سٟتی ظاہر سپدان۔ مگر تہٕ کُریٚتھ چھہ یِم کُنہِ عملی رُکاوٹہٕ وراے کٲم دِوان۔ مگر شاعرہ منز چھہ لیکھنک طریقہٕ مختلف۔ (غزلِچ کتھ چھیے الگ تکیازِ اتھ چھےٚ پننی مخصوص ہیٛتھ لیٛہ سہٕ نہٕ بدلاونہٕ یِکو) نظمہِ منز چھےٚ سطرِ تیتھہٕ پاٹھی یِوان صفس پیٹھ لیکھنہٕ یتھہٕ شاعر ہٕندی جذباتی وساوکھسادٕ' تہٕ لفظن ہٕندی کانٹھمتی مانے کُنہِ حدس تام سطحس پیٹھ یِن۔ جدید شاعری ہٕندِ خاطرٕ چھہ یہ مثال نِہایت اہم:

پوٗز بوزنہٕ بردِ نہہ دچھمس

تارکھ بیرلے تہٕ

ٹپ

ٹپ

ٹپ

سوٗم سوٗتر نظر نہٕ واجم سوٗدرس

دارِ تہٕ بَرگے دِتھی:

(توٗرِ پھیر تھ: راہی)

سطرن ہٕنزِ امہِ ترتیبہٕ ہٕنزِ اہمیتھ تگِیہ سطر پیٹھہ انداز لیکھنہٕ سٟتی ابوزِنی:

"پوٗز بوز نہٕ بروٗ نہہ دچھمس تارکھ بیرلے تہٕ ٹپ ٹپ ٹپ۔ سوٗم سوٗتر نظر نہٕ واجم

سوٗدرس دارِ تہٕ بَرگے دِتھی"

وضاحتک چھنہٕ ضرورت۔

۵۰۲۰۳۔ مالوٗنی فرق: شاعری ہٕنزِ زبان چھےٚ استعاراتی زبان۔ (وِچھِو ۴)۔ شاعری زبان زانِنس منز ہیکہ نہٕ اسہٕ کانہہ تہٕ لوغاتھ مدد دِتھ۔ کانہہ تہٕ لوغاتھ ہاونہٕ اسہٕ یِم لفظ:

| | |
|---|---|
| اوش | دشنی ستھ |
| آتش | دُرِج دِتھ |
| سونتھ | توٗدر شے |
| لوشُر | ستھ [illegible] |

۲.۴.۶۔ **زمٲنی فرق** : شاعرس چھے لازمن پننہِ زمانٕچ زبان ورتاوٕنۍ۔ مگر کانٛہہ خاص تاثر
وۄتلاوُنہٕ خاطرٕ ہیٚکہِ شاعر پتھ کالٕچ زبان تہِ ورتاوِتھ :

ننہ ریوش زر رۄنہ زنہہ سہر ورزارس الوٗلی (کامل)

ادبہ تہٕ زبان چھہ زمانٕ ہندیٚن ورتاوین انسانی

۲.۵۔ **سائنسی زبان تہٕ ادبی زبان** : تہند بجر ترقیہ ستی ستی اکھ اکس نشہِ تیوت
دوران گے زِ ونکین چھِ یم زِ متضاد چیز باسان۔ تہند بہ برونٛہہ اُس سائنن پوٚت جدٕن لشہِ
صرف شاعری لوسہ تہند مذہب تہٕ اُس تہٕ سائنس تہٕ۔ مگر ونکین چھہ شاعری تہٕ سائنس زبٲنی ہندی زہ
خصوصیاتہٕ ادمین ہندی سرحد تہٕ میلان چھنہٕ۔ یمن درمیان فرق چھے ینہٕ پاٹھۍ :

۲.۵.۱۔ سائنس منز چھِ بیان STATEMENTS۔ یم پزی یا اپزی ہیٚکن اسِتھ۔ یہند پوٚز یا اپز
اسن ہیٚکہِ تجربہٕ کاہس منز سر کرنہٕ یتھ۔ ادبس منز چھِ اکھٕت بیان PSEUDOSTATEMENTS
یم نہ پزی تہٕ نہ اپزی چھہِ :

سائنس : ہریہ چھہ شامن لوسان

شاعری : ہری بہ لوسان چھہ صبحدم باغس (ندیم)

۲.۵.۲۔ سائنسی بیانن ہند پزر چھہ بیانہٕ خبریوان وچھنہٕ یانے تجربو تہٕ مشاہدو ستی۔ ادبی بیانک
پزر چھہ بیانس اندرے پوٚز یا اپز۔ امہِ خاطرٕ چھہ اسہٕ وچھن زِ ورتاونہٕ آمت پیکر چھا تمہِ جذبس
ستی مناسبتھ تھاوان یُس شاعرس باوُن چھہ یا یُس پرن وول زانان چھہ۔ یا پیکرس تہٕ پیکرس
ما چھہ پانہٕ وِنی ٹکراو یا دِ گومت۔ مثلن جہنمہٕ کِس نارٕ الادس منز شیطان سنز پرزلونہٕ اُچھ۔ یہ پیکر
چھہ ملٹن PARADISE LOST نظمہِ منز دِوان۔ مگر ایلیٹ چھہ اتھ ستھے کمزور پیکر مانان تکیازِ
جہنمہٕ کِس لامثال نارس منز ہیٚکہِ نہٕ شیطان سنزن اچھن ہندِ پرزلنک تصور یتھے۔

۲.۵.۳۔ سائنسک تولق چھہ آفاقیتس ستی تہٕ ادبک تولق چھہ مقامیتس ستی۔ یانے سائنس کتھہِ
گژھہِ تہِ اسنی لوسہ پرتھ زمانس منز پزٕ آسہٕ۔ مگر ادبی کتھہِ چھہ صرف پننہٕ عصری حقیقژ ستی
تولق آسان تہٕ امیک تہٕ دوٚن چھہ اندی ہیٚکہٕ ماحولہٕ منز حاصل کرنہٕ آمتو پیکرو ستی بیان۔

۲.۵.۴۔ ہیٚریم فرق اسِتھ تہِ ہیٚکو ونِتھ زِ علم ہُرنہٕ ستی چھہ سائنسی بیان ردٕ تہٕ ہیٚکان سپدِتھ
تہٕ یہ چھہ پرانان مگر اتھ برعکس چھنہٕ ادب زِنہہ تہٕ پرانان۔ ہومرُ ورجل کالیداس مل دیلہ بتیر چھہ

از تہٕ شوقہٕ سان پرنہٕ یوان۔

۵.۵.۲۔ سائنسی زبان گژھہ یوت پلہٕ تیوٚت ابہامہٕ ورٲے آسٕنۍ۔ اگر سائنسی زبٲنۍ منز ابہام آسہٕ تہٕ۔ تمیک وجہ چھُ یا ہے زِ میکمن ؤاسِ چھِنہٕ کتھ تِمرٕ وٕننۍ نتہٕ چھِیے کتھ تیٚترٕ پیچیدٕ زِ پرن وول چھُنہٕ ہیکان سہل پاٹھۍ زٲنِتھ۔ بہرحال چھُ سائنسی زبٲنۍ ہُند ابہام ناکٲمی۔ مگر شاعری ہُند ابہام چھُ شارتیکُ اکھ لازمی حصہٕ۔ دوٚن گوو یہ گژھہ نہٕ شاعرن سٕنز شعوٗری کوٗشِشہٕ ہُند نتیجہٕ آسُن۔

۶.۵.۲۔ سائنسی زبٲنۍ منز چھِنہٕ استعارن تہٕ تشبیہن ہُند خاطرٕ کانہہ جاے۔ مگر استعارٕ تہٕ تشبیہہ چھِ شاعری ہُند حُسن۔

۷.۵.۲۔ ادبی زبٲنۍ چھُ پننِس مخصوص ادب پارس منزٕ روزِتھ وُجوٗد۔ ادب چھُ ہیٚتھ۔ ہیتھ اگر ادب پارس تبدیل یِیہ کرنہٕ تمیک وُجوٗد گژھہ ختم۔ مگر سائنسچ اکھ کتھ ہیٚیہ بے شمار طریقو بادٕنہٕ۔

۸.۵.۲۔ سائنس چھُ علم بخشان۔ ادب چھُ سۄرور بخشان

بیتر بیتر

# ۴

# زبانٕی ہُنٛد تخلیقی ورتاو

۲۔۱۔ مانے:۔ زبانٕی ہُنٛز اکھ اہم خٲصیت چھےٚ یہِ زِ یہِ چھےٚ نٔوۍ نٔوۍ مطلب ظٲہر کرتھ ہیٚکان۔ کُنہِ زبانٕی ہُنٛد کانٛہہ اکھ بولن وول چھُ ہیٚکان کُنہِ نہٕ ساتہٕ کیٛنہہ تہٕ وَنتھ یُس نہٕ اَدٕ تام کٲنٛسہِ تہِ آسان وَنمت، یہِ نہٕ تمۍ زٕنہہ بوزمُت چھُ آسان تہٕ نہٕ چھُ آسان زٕنہہ وَنمُت۔ مگر عجیب کتھ چھےٚ یہِ زِ عام پٲٹھۍ چھِنہٕ بوزن والۍ ہرگز تہٕ امہِ نٔو کتھہِ ہٕنٛدس لوٗرِس کُن ظعون تہٕ گژھان۔ اَسی چھِ پرتھ ساتہٕ یُتھۍ کتھہ روزان کران۔ مثلن ہیٚرِ میوٗ جملو منٛز چھُنہٕ اَکھ جملہٕ تہِ کٲشرِس منٛز ازتام آمُت وَننہٕ یا لیکھنہٕ۔ مگر تیٚمہٕ ساتہٕ تہٕ زِ پران چھو تۄہہ چھُنہٕ یمن منٛز کانٛہہ تہٕ نٔو پٔر باسان ـــــ یہِ گےٚ عام گفتارٕچ کتھ۔ ووٚنۍ ہیٚو ادبی زبانٕی کُن۔ اکھ پٔرز شٲیر ییٚتھ نہٕ زٕنہہ تہِ تی وَنُن یہِ برونٛہہ کٲنٛسہِ وَنمُت آسہِ۔ عام گفتارس منٛز چھےٚ اکثر کتھہ آسان برونٛہہ وَننہٕ آمژ ہتہ نہٕ لٔو زٕلہ پیٚٹھ۔ مگر شٲیرسُند پرتھ کانٛہہ مصرٕ گژھہ نٔو آسُن۔ پرتھ کانٛہہ لفظ گژھہ نٔو سیاقس CONTEXT منٛز ورتاونہٕ آمت آسُن۔ تہٕ پرتھ کُنہِ مصرِس منٛز گژھہ پران والِس نٔورک اَکھ ۱ تہٕ اَمُن۔ لہٰذا ادبس منٛز چھِ اکثر چیز دوٚہراونہٕ لیوان۔ مگر ییٚلہ کانٛہہ زبان تہٕ کیٛنہہ ادب تیٚکھنس تل چھُ یوان، ادیب تہٕ شٲیر چھِ انفرادیت پاد کرنہٕ خٲطرٕ مجبور گژھان۔ پرتھ کُنہِ شارس یا ادب پارس پیٚٹھ چھُ تخلیق کارٕ سُنٛز مۄہر پیوان۔ تخلیق کارس چھےٚ پننہِ زمانٕچ زبان پننہِ انفرادی آیہِ ورتاونۍ پیوان۔ زبانٕی ہُنٛدس اَتھۍ ورتاوس چھِ تخلیقی ورتاو وَنان۔ زبان چھےٚ دۄن طریقو تخلیقی انداز ورتاونہٕ یوان:۔

۱۔ لفظن ہُنٛدۍ عام مانے خاص تہٕ انفرادی آیہِ ورتاونۍ۔ دَلیل: تشبیہ تہٕ استعارٕ۔

لۄ دود چیٖنُن ہنگ۔ پٔتی پالُن

دِیسی مانہٕ میانِین نالِن ردو

(کاہل)

ب:۔ عام لفظن صٕرِ دِین لوٗری تہٕ ذاتی مانے دِنہٕ کوٚل: علامتھ تہٕ تمثیل

گُنہٕ ہیے موکھتہٕ پھٕٹیرِس منہٕ للہ ڈُلان

زٕہیہٕ تُمی لوٗدِس تہٕ داندر

نادِس نادِس سوٗرِم پھوٚر

(راہی، منیل)

گوڈنکہِ قسمُک ورتاو چھُ پرتھ شارٕ خاطرٕ ضوٗروٗری۔ دوٚیُم حرف تیٚلی ییلہِ شاعرس کینہہ تیتھ آسہِ

بادُن یس نہٕ لفظن ہُند لوٗ عام مانیو سیتی باونہٕ ہیٚکہِ یتھ۔ (وُچھیو ۴۰-۱ تہٕ ۴۲-)

۳-۲۔ اَگُر گُہ وٕ یوٗدوٗے تخلیقہٕ کارس لفظن ہٕندِس تخلیقی ورتاوس سیتی توٗلق چھُ مگر امیُک اگر چھُ پرینٕہ

لِحاظہٕ عام دوہہ دِین کہ گفتارٕ چ زبان۔ تخلیقی ورتاو ہیکہِ تیٚلی کامیاب روٗزتھ ییلہِ شاعر زبان ہٕنٕز لازمی

زوٗن لوٗ عام زبانی منزٕ حاصل آسہِ کران۔ شاعرس منز لوٗسہٕ تہٕ کانہہ انقلابی تبدیلی چھے یوان سُہ چھے

ژٕلہِ عام دوہہ دِین کہ گفتارٕچ زبانی ہٕندِ ضوٗروٗرتُک احساس آسان۔ شاعرس منز ییلہِ تہٕ جموٗد آو وُچھنہٕ

ادس یی زٕ اُچھ زبان اُس بٕنیمٕژ زبانہِ عام زبانی نِشہِ زیادٕ دوٗر گٔژ تہٕ ییلہِ تہٕ کانہہ نوٚو طرح تراونہٕ آو وُچھنہٕ

ادس زٕ شاعرن کٔر بٕنیمٕ و قٕتچ عام زبان استعمال۔ لل دید ہٕنٕز شاعری ہٕنٕز کامیابی ہُند اکھ بوڈ وجہ چھُ

یہ زٕ تمہِ کٔر شارٕ زبان درباری شاعری ہٕنٕز زبانی نِشہِ آزاد۔ صوٗفی شاعرو ییلہِ شارٕ زبان عام گفتارٕچ

زبانی نِشہِ دوٗر نِی۔ مہجوٗرن ییٚتھ گرِیسی کوٗر تہٕ ترقی پسند شاعرو ییلہِ شارٕ زبان گوٚژھن تام انقلابی اصطلاحن

تامے موٗجود دٕ کٔر تادِمن یتھ پانے نظم لکھٕنٕ چھے لِکھٕمٕژ۔ جدید شاعری ہٕندِ خاطرٕ چھے عام گفتارٕچ زبانی

زیادے اہمیت۔ جدید شاعری چھے عام زبانی منزٕے باوتھ ہٕندِ نوین نوین امکانن ہٕند تلاش۔ جدید

شاعری چھے یتھ حدس تام واتنٕژ زٕ یہ چھے شاعرانہ تہٕ غار شاعرانہ زبانی ہٕند رلواتی امتیاز ہٕناوان۔

تخلیقی ورتاو سیتی چھُ پرتھ تہٕ دٕکھیتی لفظ تہٕ شاعرانہ بنان۔

خوشحالی ہٕند چھوٗر از اُکے ........ بس دو یا تین

گرٕ تہٕ کانین کنہِ زاگہِ بہت

## کمپاوٗنڈن چیٖزو ستۍ گرٛیٛھ تہٕ لاگُن ربر گلوٗز

(رۄدان اُچھن منٛز : شفیع شوق)

اتھن چھُ اَکھ ضروٗری یہ روزان زِ کینٛہہ شاعر چھِ دانستہٕ پانٛٹھی کُنہٕ تخلیقی ضروٗرژ تہٕ وزِ اَتہِ یکجہ تہٕ دۄبھتیٖ لفظ یا مشیٖنی دود کہ اصطلاح ورتاوِتھ جدید آہنگ باس دِوان۔ اگر یہِ رُژھ چھُنہٕ زیادٕ کالس کھٕنٛتھ روزان۔

۳-۲- عام ورتاوس تہٕ تخلیقی ورتاوس منٛز فرق : عام زبانہِ منٛز تہٕ چھِ بے شمار استیارٕ موجوٗد مگر یِم چھِ سیٹھاہ رٲیج گژھنہٕ ڈکشنرِ ہُنٛد حصہ بنیمتۍ۔ دِل پھوٗٹُن، دکھُن، اَکھی گژھنی، نارگنڈُن۔ تِکھ ترٛاپِنیٖ بتیٖ چھِ سارے استیارٕ مگر یِم چھِ تیتۍ عام زِ یِہنٛدس استیارٲتی مانیس کُن چھُنہٕ اَمی زیٖنہٕ دیان تہٕ شارٕ زبان چھےٚ مسلسل نوٚو استیارٕ گرٛنٛچ کوشش منٛز روزان تہٕ شٲعری استیارن ہُنٛد نوٚو سرٕ چھُ وارہس کالس تاکارٕ روزان۔ غأر استیارٲتی ورتاوس منٛز چھےٚ لفظٕ ترکیبہٕ چیز چھِ پننہِ خاصی یتھٕ نظرِ تلٕ تھاوِتھ بناونہٕ یِوان نہٕ استیارٲتی ورتاوس منٛز اَکہِ چیزٕ چھِ خاصی یتھ بنیہ کُنہٕ چیزٕ چھُن خاصی یتھن ستۍ ہشراونہٕ ستۍ بناونہٕ یِوان۔

١۔ غأر استیارٲتی ترکیب

| خاصیتھ | چیز | وجہہ |
|---|---|---|
| کوٗملُن | شیٖن | ترزر |
| | بیخ | |
| | موم | |
| | ربر | |
| | چانٛدٕر | |
| | روٗپھ | |
| | نیلان | |

ب :۔ استیعارٲتی ترکیب ۔

| وَجہہ | چیز | خٲصیتھ |
|---|---|---|
| انصاف | دِل | کوٚملن |
| ماے | وۅٹھ | |
| شہوتھ | انسان | |
| شرافتھ | انسان | |
| شرم | انسان | |
| رحم | دیوتا | |
| بیترِ | بیترِ | |

شاعیرِ پنزِ چھےٚ اتھ گنجٲیش لامحدود ۔

۲۔۳۔ کینہہ نہرل ورتاو ؛ عام پٲٹھۍ چھےٚ زبان ژورن قسمن ہندی علم واتناوان ،

ا، نیبرِ مورودی دُنیہس متلق علم ، مثلن : شین چھُ پیوان ۔

ب ، کُنہِ مورودنہٕ چیزِ خٲصیژ متلق علم ، مثلن : چاے چھےٚ میٹھ ۔

پ ، کُنہِ ذینہی کیفیژ متلق علی ، مثلن ؛ مےٚ چھُ چون لول آمُت ۔

ت ، لفظن تہٕ یمہندس ورتاوس متلق علی ۔ مثلن ، نادُن گوو کُنہ لفظ یُس کُنہِ جایہِ یِنہٕ کُنہِ چیزُک کانہہ شخص سند کُنہِ حالژ ہُنٛد تہٕ بیتریُک ناو ہیٛو ۔ مگر عام ادبس منز چھِ اَمہِ رُوسی لفظ تہٕ جملہ تتھی یم نہٕ یمی ژورن قسمن منز اکھ قسمُک علم تہٕ چھہٕ دوان ۔ یمن سانٛن لفظن تہٕ ہیمو اسی یتھہٕ پٲٹھۍ سام :

۲،۳،۱۔ ہر لفظہٕ ورتاو ۔ اتھ ورتاوس منز چھِ زیادٕ دٕ یہ کھو تہٕ زیادٕ لفظ اکی سے مانیس کُن اشارٕ کران ، مگر توتہٕ چھِ یوان یکہٕ وٹہٕ ورتاونہٕ ۔ مثلن ۔ یہِ چھُ " ززُن نار " ۔ یہِ چھےٚ لیکھنہٕ کتاب " یہِ چھُ ایزڈر " ۔ ہر لفظ ورتاو چھُ اظہارُک اکھ نوقص ۔ مگر یہِ ہیکہِ شاعیرِ یہِ منز اکھ تخلیقی وَل بنتھِ ۔ مثلن ؛

اکھ صُبح اکھ شام مالنو وأنس حپأئ
وأنس چھے اکھ صُبح چھے اکھ شام چھےٚ
شام سپدِتھ کس بہٕ وُنہٕ لوزہم نےٚ کس؟ (فراقؔ)

عام پأٹھۍ چھُ یہ تخلیقی دٲلتہٕ افتہٕ یادِ کرنہٕ خاطرٕ ورتاونہٕ یوان۔ شاعر چھِ لفظ دٔنہٕ ہرأدِتھ یا ہُرِکۍ لفظ ورتأوِتھ حُسن یادٕ کران۔ مثلن اکِس شعرٕ پأٹھۍ یِم کینہہ مِصرٕ چھِ:

| | |
|---|---|
| جنگلس منز اوس اکھ سبزاراہ | اکھ سبزاراہ دِلکش واراہ |
| اکہ دٔہہ خرٕ اکھ اپأری پوک | اپأری پوک واراہ بیٚلہٕ تھوک |
| واراہ بیٚلہِ تھوک مٲلاہ ڈیونٹھن | مٲلاہ ڈیونٹھن پانس لوگن |

(شُرین ہِندِ باتھ۔ ناجی منور)

یتھے پأٹھۍ چھے ساری نظم۔ اکہ مِصرُک پتیم حِصہٕ چھُ دوٚیمہِ مِصرُک گوڈنیک حِصہٕ۔

۳-۳-۲- **طول**: یہ گوو کانہہ تیتھ بیان یتھ منز اکِہ لفظ بدلہٕ واریاہ لفظ ورتاونہٕ ین۔ مثلن۔
"سُہ چھُنہٕ پوٚزٕ دنان ٹلیکہٕ چھُ اپزی ٹرونان"۔ (سُہ چھُ ٹرٕ دنان) امہِ نہرِل ورتاوچ اکھ مثال وچھو شاعر یہ منز یِمہِ کِنہِ پأٹھۍ چھُ اکھ خاص مقصد پوٗرٕ کران:-

اوٚہ اوٚہ سوٗیے گردِ غباراہ
اندٕ وندٕ گرٕ یے گردِ غباراہ
لرزہٕ ہندی ڈیرٕ تہٕ شُرٕ انباراہ
اوٚہ اوٚہ سوٗیے گردِ غباراہ

(زلہٕ رٲج۔ دینا ناتھ نادِم)

ساریٚنے مِصرَن منز چھُ گردِ پیٹھ زور۔ شاعر چھُ گردِ ہِندہِ آہنگ رٕ بہٕ احساس گنزرادنہٕ موکھ کتہِ طول دوان۔

۳-۳-۳- **ناہشرت**:- یہ گوو کانہہ تیتھ بیان یتھ منز عقلہٕ نہٕ پٔتھ دِنی کانہہ غار منطقی کتھ آسہٕ مگر استیارٲتی مانیس منز آسہِ پزٕ امیک تاثر چھُ باقے اُدُلوٚبی دٲلُک مقابلہٕ بیاہہٕ کٲلی۔ یہ نہرِل ورتاو چھُ ہمیشہِ شاعرہ ہِنہِ حسنُک اکھ اہم جُز رُدمُت۔

راوُن چھُ لٕبُنۍ یام زونُم رام سۭپنُم دِل

اِدٕ نارگوٗنڈنُم خوفہٕ چھے لنکایہٕ ونۍ کیاہ — (مہجور)

بولہٕ چانے کرٕ ونے ہوٚپس نالہٕ متی

بوزنہٕ شہلس گٔیہ وٕنی سٕنس نار تتی — (قاضی)

گورُس پرٕ ژھام ساسہٕ لٹُے

یس نہٕ کٔینہہ ونان تس کیاہ ناو — (لل)

زندے مرُس مٔے کرٕ کیاہ — (لل)

۲۔۲۔۴۔ **محالت**: یِہ گوو کانہہ تیُتھ بیان یتھ منز یتھ کنی عام رایہٕ خلاف عقلہٕ نہٕ پترٕ وٕنی زاے آسہٕ مگر ژرکہٕ آسہٕ پوٚز۔ مثلن یم زٕ فرضی بیان:

۱۔ آزادیہٕ باپتھ چھُ جنگے امن

۲۔ آزادیہٕ باپتھ چھُ موتھے لسُن

یمن دون بیانن منز چھُ زٕ محالتی یانے جنگ = امُن تہٕ = لسُن۔ امہٕ ولہٕ چھِ کٔینہہ شاعرانہٕ مثالہٕ وُچھو:

رَچھُن مے شبنم الادعہٕ ستین — مجبور

تاپہٕ بارس مٔے بیٚنیہٕ لُمُم وٕہراتھ — کامِل

منزی بازری پوک ژھوٚپ صحراو — راہی

نابدی بارس اٹہٕ گنڈ ڈیول گوم — لل

آمہٕ پنہٕ سوٚدرس ناوِ چھس لمان — لل



# اِستعارٕ

### ۱۔ مانے:

ارسطو چھُ استعارُک تارِیفہٕ یتھہٕ پأٹھۍ دوان "استعارٕ چھُ اکہِ چیزُک ناو بێیِس چیزس لاگُن" امہِ پتہٕ چھُ لیکھان "یہِ کرِ استعارٕچ تشریح بیمیہٕ ہشہٕ نہٕ عہ ستی تہٕ گوو تہٕ یہِ تیلہِ سپدِ ییلہِ ژٕ ون چیزن منز دویمس چیزس اکس ستی سُے رِشتہٕ آسہِ یُس تریمس چیزس ژورِس ستی آسہِ تہٕ ییلہٕ اتھ صوُرتس منز ہیکہِ دویمہِ چیزٕ بدلہٕ ژورِمہِ چیزُک ناو ونِتھ یتھ تہٕ ژورِمہِ بدلہٕ دویمیُک" ارسطو سندِ امہِ تأریفُک پزر چھُ از تام قأیم یوٚدوے وزِ وزِ استعارُک مانے مختلف لفظن منز دِنہٕ آو۔ یمن سارنے تأریفن ہُند ہیر چھُ یی زِ استعارٕ چھُ دون مختلف یا (زیادٕ پہتھ یا ٹھی) متضاد چیزن پادٕ بنیر۔ استعارٕ چھُ دون مختلف یا متضاد مضمونن پانہٕ وأنۍ واٹھ۔ استعارس منز چھُ استعارٕ گرن دول دون چیزن اکی چیزٕ رنگہٕ دِچھان۔ عام زبأنۍ منز چھِ اَنتھ روٚس استعارٕ موجود تہٕ یمن سارنے استعارن ہنز بُنیاد چھے چیزن ہنز پانہٕ وأنۍ شرٕن۔ مگر تھزِ شاعری منز چھُ استعارٕ چھیراہ ہشر نہٕ کہٕ درجہٕ کھوٚتہٕ تھوٚد درجہ تھاوان۔ شاعری منز چھُ استعارٕ شاعر سُند کلمہ تہٕ متولن رُدی یہِ بنان۔ مگر فلِ حال روزِو اَسۍ استعارٕ کس بُنیادی تألیفس تامے محدوٗد تہٕ یہِ چھُ ہشرٕ نہٕ ہند اکھ وسیلہٕ۔ امہِ لیحاظ چھُ استعارس منز اکھ چیز بێیِس چیزس چھوٚ خاصہ بڑو کنہٕ زانہٕ لوان۔ الہ قسمُک مانوی عنصر وول لفظ چھُ بێیِس اکہِ مانوی عنصر والِس لفظس برابر زانہٕ لوان۔ "کاو چھُ کھیوان ژوٗن"۔ یہِ چھُ اکھ غار استعارأتی ونت۔ اگر ذلو غم چھُ کھیوان سو تھ" منطقی تہٕ بہ تہٕ برأن گاو غم ژوٗن سو گو یہِ ترِ یتھہٕ پأٹھۍ فکرِ ترِ تھ؟




یہ چھ سہی زِ استعارہ چھ متضاد چیزن اکس سوتھرِ پیٹھ تھاوان مگر یمیُک مطلب چھ نہ یمن متضاد چیزن چھنہ پانہٕ وٲنی کانہہ تہ خاصیت مشترکہ آسان۔ "گولابی روے"

استعارس منز چھ نہ چیز گولاب تہ روے اکس سوتھرِ پیٹھ اُسنہٕ تہ مختلف صورِ مگر اکس سوتھرِس پیٹھ آسُن وجہہ چھ یہنہٕ پانہٕ وٲنی مشترکہ خاصیت۔ اکھ خاص رنگ۔ استعارکین دون چیزن یا دون مضمونن منز باگ چھ صورِ یہ مرٕ وجانہٕ آسان۔

۴۔۲۔ استعارکی مقصد :۔ پرٛون تنقید اوس استعارس محض پارادکھ اکھ چیز زانان۔ مڈلٹن مری سنزِ کتھہ زنتہ استعارکنہ بیانہ چھ مضبوط دِجہ پیٹھ لوٗیے لاگنہ آمت جوہر اوس۔ اگر یہ امہ پیٹھ تلنہ تہ یہ یے دٔج روزِ ہے تِرٔ ہے مضبوط تہ یرٕ ہ برہ ہٹھ اُس[۲]۔ استعارکی چھ زٕ در مقصد۔

۴۔۲۔۱۔ وضاحتھ :۔ اکھ چیز چھ اسہ دلیوٗد۔ امچہ سارے خاصیژ چھے اسہ وینہ۔ تہ یا کنھ چیز چھنہ اسہ دلیوٗد۔ یلہ گوڈنیک اکھ دویمس سیتی ہشر اونہٕ ییہ یا گوڈنیک بنہ دویمہ کہ اظہارک ذٔریہ، دویمیُک تصور ییہ پانے۔ مثلن گولابی روے چھ اکھ ساد استعارہ۔ گولابک رنگ چھ اسہ دلیوٗد تہ امہ سیتی تۄگ اسہ کمہ سند تام تھیکُ رنگ بوزٕن۔

۴۔۲۔۲۔ تنُدُر :۔ استعارہ چھ کُنہ چیزچ دار یہو خاصیژ دمنز کُنہ خاص اکس خاصیژ پیٹھ زور

---

۱۔ امہ شکلہ ہند تصور چھ آئی سنزِ LINGUISTIC APPROACH TO ENGLISS POETRY کتابہ پیٹھ انہ آمت۔

۲۔ J. MIDDLETON MURR, THE PROBLEM OF STYLE

دوان، یمیہ کنی تہ خاصیت ہند احساس تنس ژھ لبان۔ مثلن گوٗلاب رٹھ ے استیارس منز چھینہ اسہ کمی سپند نام بتھ کنن باقی انہارن متلق کانہہ پے لگان تہ صرف چھ امکہ رنگک احساس شدتہ لبان۔

۴.۲.۳۔ اختصار:۔ استیارہ چھ تفصیل کم کرنک تہ باوژ ہند اختصارک اکھ اہم وسیلہ۔ بقول ڈاکٹر ہری "یلیہ کانہہ استیارہ حیالہ چھ باوژ ہندس اختصارس منز کانہہ ہرہ رینہ تیلہ چھ شُرٗ استیارہ عار ضوری تہ یہ ہکون کانہہ واے برنہ روس چھپہ دتھ"۔[۱] استیارہ چھ غوٗمون کنہ تہ کنہ پیکرکس صورتس منز خیالس مورضی شکل دوان۔ یہ چھ مادرآیی حقیقتہ مورضی ربھ دوان تہ مورضس ماورآیی۔ گلشن مجید نہ اکہ نظمہ ہند یہ بند چھ استیارکہ امہ خصوصیچ اکھ خوبصورت مثال۔

....... ڈرناسقتہ

جسہ وتھرن پیٹھ

منز آنہ پٹس (گلشن مجید: بے گار کھچ ناو)

کاتسہ خام شاعرس پتیہ ہن یہ جنسی موضوع باونہ خاطر صفن ہندی صفہ لیکھنی۔ یلیہ زن گلشن اکس روشن پیکرہ ولس استیارس منز مکمل پاٹھی سوٗرے ینہہ باوان چھ۔

۴.۲.۴۔ جمالیاتی ذرےٗ:۔ نقل کرن چھ انسانہ سنز اکھ بنیادی جبلتھ یتھ منز اکھ خاص قسمک لطف چھ حاصل سپدان۔ استیارہ گرنس منز تہ چھ اکھ جبلتھ زندہ میالان تکیاز امہ منز تہ چھ اکھ چیز بییہ چیزک نقل بنان۔ گو اب چھ بتھیک نقل بنان تہ بتھ گو لایک۔ استیارہ گرن وول تہ استیارہ پرن وول چھ اندری اندری امہ نقالیہ منز عملہ ہند حظہ تلان۔

۴.۳۔ استیارہ گرنکی وول:۔ عام دوہ دِہنچہ چہ زبانی منز چھ اُتھہ روسی استیارہ موجود مگر یم چھ گنڈل درناو کنی تیتی مونہ دمیتی زمین ہکوٗ بے زد استیارہ ونتھ تکیاز نہ چھ کتھ کرن وول تہ نہ بوزن وول یمن ہندس نوٗرس کُن توجہ دنہ خاطرہ مجبور گژھان۔ یتھی استیار چھ اسی کھلہ درناوان۔ مثلن

سوٗرے دُنیاہ گو وخوش ۔ (دُنیہ سہکی اکثر لکھہ گے خوش)

---

۱ وچھو ۵۱

سوٗرُے سرینگر آو سمتھ : (سرینگرکو وار یاہ روزن والی آیہ سمتھ)

بہ چھس شیکسپیر پران : (بہ چھس شیکسپیرنہ ڈرامہ پران)

سُہ چھُہ پھولان : (لوشکہ پاٹھی خوشحالی کنی)

ہُہ چھُہ مران : (تکلیفہ کنی)

بہ زانس نوٗو : (مرنہٕ نش بچس)

ژرے گونڈنے نار : (ژکھہ کنی)

یمن سارنے استعارن چھُہ پنُن پنُن کنڈ متھ موقعہ محل ورتاوُ خاطرٕ۔ ییلہ نہ استعار پننہ مخصوص موقعہ محلس نش ووتھ آسہ تھوان یہ چھُہ عام لفظکی پاٹھی پانین ہندی امکان راوٕ راوان تہ لوغاتس منز شامل سپدان۔ تخلیقی زبانی ہندین استعارن ہُنز پیر پاو قاضی یتھ چھےٚ گوڈنچھے یہ نہ یہ چھےٚ اتہ بردہ لوغاتک حصہ آسان۔ تخلیقی زبانی ہند استعار یوت نہ یاد دوان یمنک گفتارکہ شعٹھ پانش نیب روزنک قووتھ آسہ تھوان۔ تیوت چھُہ سُہ استعار تاثرچ تیتھہ تھوان۔ تخلیقی زبانی ہند استعارک حسن چھُہ امہ چہ دون کھیاد چہ قاضی یُس منز یہ چھُہ تیلی ممکن ییلہ تخلیق کار سندی تخیلن مختلف تہ متضاد چیزن اکی سے سیاقس منز انی علمی آسن۔ تخلیقکار سند تخیل چھُہ تمن چیزن مظہرن تہ حرکژن وینز آو ژتھ اکیے سیاقس منز اتان یمن ہندس پانہ وتی ہشرس کُن کانہ تعلقن تہ آسہ نہ گومت۔ مثلن ا تہ ب چھُہ ییتھ مختلف یا متضاد سیاق۔ تخلیق کارس چھُہ کانہہ تیتھ تیم سیاق ج ژھانڈن یُس سیدِ سیود 'ا' ہاوان آسہ تہ یہ آسہ ورگہ پاٹھی 'ب' تہ ہاوان۔ مثلن گر مانون ج۔ یہ چھُہ سیدِ سیود کنہ مکانس (ا) کُن اشارہ تہ استعارکس سیاقس منز چھُہ یہ ورگہ پاٹھی نوین حقیقژن (ب) کُن اشارہ

مکان (ا) ⟵ گر (ج) ⟵ (ب)

سفرک منزل
خودا
دۄیم دۄنیا
مقصد
دل
بہشت

"زودٕ چھم برہان گرٕ گژھِہ ہا" (لل) یمہِ سٕنز منز چھینہٕ گرٕ ہرگز تہٕ کانہہ مکان (یتھ اُر 'منٛدوری' محل بیترِ) یتھہٕ منز شاعیر روزان آسہٕ۔ یا شاعیر پیلہٕ ونان چھہٕ

مولہٕ پلو ذکرِ گومت غائب

تہلہٕ یمس کھنڈ وجہ پیٹھ دج (تاجی)

سُہ چھہٕ تہند یمس تہٕ خندس اُکی ہیو سیاقس منز واتھ دِوان۔ تہٕ امیک حُسن چھہٕ یہ زِ یم دوشوے سیاق چھہٕ اِستیارہٕ نہٕ مختلف۔ یہ تراسہٕ یتھہٕ پاٹھو فکرِ اگر ہیے اُسی تہند یمس لفظہٕ بدلہٕ تیلو 'نس' لفظ لیکھو۔ اِستیارُک سوٗے حُسن چھہٕ اُسی گژھان۔

۴۔ اِستیارچ وبژھنے:۔ پرتھ کُنہٕ اِستیارس چھہٕ ترےٚ جُز:

| | |
|---|---|
| ۱۔ اصل | (سُہ چیز یُس موضوع چھہٕ) |
| ۲۔ نقل | (سُہ چیز یمہٕ چو خاصی یژ وستی موضوع یہٕ زناوہٕ چھہٕ یوان) |
| ۳۔ سیاق | (اصلس تہٕ نقلس درمیان کانہہ تہٕ مشترکہٕ خاصی یمہ) |

مگر عام پاٹھی چھینہ اِستیارس منز یم ترےٚ نوے جُز ہاوتہ آسان بلکہٕ اکٕے یا زٕ جُز۔ مثلن نوبہارو میانہٕ لوکچار و لو' اِستیارس منز چھہٕ اصل تہٕ نقل کرلوُر : لوکچار = نوبہار۔ سیاق چھُہ واضح۔ زِ نوبہار تہٕ لوکچار چھہٕ دوشوٕنی عظیم گردشن ہندی زٕ آغاز۔ دوشوٕنی چھو یہ اِستیارہٕ:

تن نار دز آر ولہٕ

[کھوکانہٕ کرٕ ٹھہرِ او] (صمد میر)

اتھہٕ منز چھہٕ صرف نقل۔ اصل چھہٕ پرن والی سندس تخیلس تام آیا۔ واریاہ ممکن چھہٕ زِ مختلف پرن والی ہین اتھہٕ منز مختلف موضوع ون منز چھہٕ زیاد امکان عشقُک موضوع۔ آر ول چھیے وارن منز پھولان' اد کینہٕ چھیے یہ پرژھنی دیدارہٕ خاطر کریشان۔ آر ولہٕ چھہٕ دوزٕ ل رنگ ہادکنی چھیے یہ عشقس نارس منز دزان۔

میٚنے زدن زِ اِستیارس منز چھینہ عام پاٹھی ساری جُز ہاوتہ آسان۔ اد کینہٕ چھہٕ ضروری زِ اِستیارچ وبژھنے کرنہٕ خاطر یمہ میتھہ ول کڈ ہٕ یمیہ کینژِ اِستیارکو جُز نتی پاٹھی بدہ ہکن نہ رتھ۔ امہٕ وبژھنیہٕ ہند چھینہٕ یہ مقصد زِ یہ دیہ اسہٕ اِستیارُک حُسن سمرنس منز کانہہ مدد۔ بلکہٕ اِستیارہٕ وبژھناوس

منز چھُ یتھ مقصد نژٲسی ہکو تہٕ ہاوِتھ یہٕ ٲسی برونٹھے استیارس تعلق زانان چھہٕ۔ بہٕ یانہٕ ناوِ ہیتھ سےُ وُل یُٹس لیچ پننہِ A LINGUISTIC APPROACH TO ENGLISH POETRY کتابہٕ منز دِوان چھُ استیارچ دٔبژھنے ہکو ٲسی ژُورن قدمن منز کٔرِتھ۔

ا۔ اِستیارٕ پرزناوُن:۔ گوڈنچی کام چھےٚ ادب پارٕ منز استیارٕ ییٚہ کڈنی۔ اتھ منز ہیکہ اسہ اکےٚ خاصی حدس تام اِستیارٕچ رہبری کٔرِتھ سو گےٚ استیارٕچ عام عقلیتھ۔ امہٕ لحاظٕ چھ یم دٔہ لوے شاعرن ہِندِ وانہٕ نزاِستیارٕ پیش کران۔

اکھ: کُنہٕ تیٚہجہٕ چھےٚ دٔہ زلیٚمژاڈٕبرس
چھلہٕ چھپانگر گےٚ واوس زُلفن (نادمؔ)

ز، بیٚنیہٕ پیٚن پوشہِ لیٚنجن دِنی ڈکھ
واوُن ہیٚتی تھکہٕ ناوِنز زور (کاملؔ)

ب۔ لوغوی تہٕ اِستیارٲتی لفظٕ بیٚوّن بیٚوّن کڈنی۔ دوٚیم قدم چھُ نژٲسی لیکھو اِستیارٲتی تہٕ لوغوی لفظ بیٚوّن بیٚوّن سطرن منز۔ یمن دٔہن سطرن تھاوو نِہناو۔ اکِس ا (= استیارٲتی) تہٕ بیٚیِس ل (= لوغوی)

اکھ۔ ل: ــــ چھےٚ دٔہ زلیٚمژ اڈٕبرس / چھلہٕ چھپانگر گےٚ واوس ــــ
ا: کُنہٕ تیٚہجہٕ ↑ " " ــــ ↑ / . " ــــ ↙ زُلفن

ز: ل: بیٚنیہٕ پیٚن ــــ دِنی ــــ ہیٚتی ــــ
ا: " ↙ پوشہِ لیٚنجن ↑ ↙ ڈکھ / واوُن ↑ " ↙ تھکہٕ ناوِنز زور

ــــ نشانہٕ چھُ ہاوان تِمہٕ جایہٕ یمن جاین استیارٲتی لفظو بدلہٕ عام لفظ بٔرنی چھہٕ۔

" " نشانہٕ چھُ ہاوان تِم لفظ یِم دٔہ شوٚنی سطرن منز کُنی چھہٕ۔

ج۔ جایی جایہٕ بہٕ خٲلی جایہٕ چھےٚ تھٔوِ لفظو سیتی برنہٕ یتھ دٔہ شوٚنی سطرن ہِنٛز پنٛن غار

اِستیارٲتی مانے نوٚن نیر۔

اکھ۔ اوٚبرلِگن ہندی اند چھِ وۄزلیتھۍ (اوٚبرس) چھلہٕ چھانگرٕ گے وادس ہرموٚ
کٕنہٕ تیٚتھ چھےٚ وۄزلیمژ (کورِ) چھلہٕ چھانگرٕ گے (کورِ) زُلفن

ژٕ۔ بٔنیہٕ پیٚن (وۄ میدٕن) دِنۍ طاقتھ (زمانن) ہٮ۪تۍ ظلم کرنۍ۔
بٔنیہٕ پیٚن لوٚشہٕ لگِن دِنۍ ڈکھ داوان ہیٚتۍ تھکہٕ نادٕنۍ نٕرِ۔

دوٚییمہٕ مثالہ منز رُوٗد وۄشرِھنے کرِتھ تہٕ اکِس جایہ اِستیارٲتی ورتاو "نہ مانن ہٮ۪تۍ ظلم کرنۍ" زنتہٕ یہ کانہہ انسان چھُ۔ کوٗشش گژھہ رودٕنۍ زِ خالص غار اِستیارٲتی لفظ گژھن نہٕ ورتاونہٕ۔

ت:۔ مانے ژھانڈُن ۔ یہ چھُنہٕ ضوٗرٕری زِ کُنہٕ اِستیارس منز لبن سٲری پیمن والی کُنہٕ ملے ووٚن گو مثالہٕ پٕرھی ہیکوا اُسی ہیٚرِ پیٚن وۄلٕ اِستیارن ہٕند مانے تیتھ پاٹھۍ لبتھ۔

اکھ:۔ سِریہٕ لوٚسہٕ وُن چھُ اوٚبرن تیتھے پاٹھۍ رنگ کھسان ییتھ پاٹھۍ کانٛہہ حیادار کوٗرِ پیٚن محبوب وچھتھ رۄخسارن پیٹھ وۄ نادان چھُ۔ وۄ شوٗنی ہٕند وۄ زِچار چھُ ہستی غایب گژھان۔ آفتابہٕ چھُ لوٚسان تہٕ انہٕ گوٚٹ چھُ گژھان زنتہٕ کُنھس منز کانٛش ژھیٚنہٕ کرنٕچ تیاری چھےٚ سپدان۔ امہٕ پتہٕ چھُ جذباتن ہند وحشتھ تہٕ سارےٚ ترتیبہٕ چھےٚ ڈلان ییتھ منز زُلفن تہٕ چھلہٕ چھانگر چھےٚ گژھان۔

ژٕ:۔ لوٚشہٕ لگِن تہٕ وۄ میدٕن چھُ۔ یِہوٚے رِشتہٕ زِ وۄ شوٚے چھُ کمزور۔ ییتھ پاٹھۍ لوٚشہٕ لگنہٕ وادٕکہٕ ہستی بیچر چھےٚ پیوان تیتھے پاٹھۍ چھےٚ زمانہٕ کیو ہستیو ہستی انسانہٕ سنز وۄمید بیچر پیوان۔

۴۔۵۔ اِستیارٕکۍ قِسم:۔ اگر اِستیارٕک حُسن امہٕ کِس لوٗرس منز چھُ، تیلہٕ چھُ یہ وَنُن تہٕ بجا زِ یُتھ کانٛہہ اِستیار چھُ پننہٕ جایہ کانٛہہ تہٕ تہٕ نزاکتہٕ تھاوان یوسہٕ نہٕ بٔنیہٕ کُنہٕ اِستیارس منز چھےٚ آسان تہٕ امہٕ لحاظہٕ چھےٚ اِستیارن ہنز ذاتھ نامُمکن۔ ووٚن گو وا اِستیارن ہنزن کیٛنژن عام خاصی ژرن ہنز بنیاد پیٹھ ہیکو اسی ڈیٚٹھی لوٚکھی پاٹھۍ اِستیارن ہندی کینٛہہ قسم گنزراوِتھ۔

۴۔۵۔۱۔ اکائی اِستیار:۔ یِم گے تِم اِستیار یِم اکائی تصورن بٕکلہٕ مُرٕ مورٕ وفت ہنزِ شکلہ منز پیش کران آسن۔ مثلن لِلہٕ ہندی یِم ترےٚ اِستیار۔ ژیٚتہٕ توٗرُگ "بوٗسر" "شٕنیکۍ مادان"۔ ترنوٚنی منز چھِ اِستیارٕکۍ ترکیبی جُز اصل تہٕ مقل وۄ لوٚنے ظاہر۔ اکائی اِستیارن ہنزِ یِم کینٛہہ مثالہٕ وچھوٚ یمن

منز اصل ظاہر چھنہٕ۔

داریاہ تم رنگ لۄر بن منز کھٹِتھ
یم نہ ننیٚ گژھے پوشہٕ سمارس اندر (زِندہ کول)

چانہِ اہنارہٕ میون شارہ دُنٕ
لۄبہِ تل تاپہٕ ہیوٚک کھٹِتھ تھاوُن (قاضی غلام محمد)

۴.۲.۵.۲ زووری استیارٕ۔ یم گژھن تم استیارٕ یم بے جیزن زِندہ جیزن ہندی صفتھ بخشن، مثلن:
اسہٕ وُن نب، مندچھہٕ پیٚز زِدٕن۔ بیترٕ۔

یتھہٕ کنی سونتس لرد شنے یِر تہٕ
پرسچہٕ گتی جبہٕ بنیہٕ خوکمن ژاے
اۄرِ (راہی)

۴.۵.۳ بشری اِستیارٕ۔ تمن استیارن منز چھ بے زو چیزن کلمن یا حیوانن انسانہٕ سندی
جذبہٕ تہٕ احساس بخشنہٕ یوان۔

یہٕ ما اَزِ ازی چھہٕ بوڈ دۄد سونتہٕ کالس
کو ہۄ پیٚتھی دُز مسلہٕ پیٚو مُت چھہٕ دالس (نادِم)

داو صبحک مسلہٕ اوس لاراں تنبہٕ لیومت کتام ژھاران
خندہٕ پوشو کرس جایہٕ جایہ (مہجور)

گامہٕ کو لہٕ نھیوٚک زِ یارہٕ بل جیایٚ
شہری وِنیتھ دچھہٕ ہنز قسانِ ہوٚراسی (راہی)

دہ بہٕ پہٕ کول چھے وسان تمہٕ ساتہٕ دالس
دُنہِ ددت نہٕ آلو آرہٕ پلس (ناظر)

۴،۵،۴۔ حوٲسی استعارٕ۔ حوٲسی استعارٕ چھِ تِمہٕ وزٕ بنان ییٚلہِ اکھ حِسک تجربہٕ بیٚیِس حِسس کُن ذٔریعہٕ ژیننہٕ ییِہ۔ مثلن میچھر چھُ یوان ژیننہٕ زٕلوٕ سِتی تہٕ آواز چھیٚے یوان ژیننہٕ کَنو سِتی۔ شاعِر ییٚلہِ وَنان چھُ "میٹھ آواز" زٕنتہٕ کُن زٕلوٕ ہنز کام چھِ کران یا زٕلوٕ کُنچ کام۔ یِتھین استعارن ہنز بیٚیہِ کینہہ مثالہٕ: دُشمنی نظر، سرد رنگ، نرم کتھ، بیتر۔

یمو کُنہِ قدمو ژٲنچ خوشبوے
ٹُنکھی بارِ آسہِ تِمہٕ ژٕ
(فرانسیسکو کاڈام۔ ترجمہٕ: راہیؔ)

کتہِ ییون آلو دِگرگ تاپھ
کتہِ چیون منٛد چھیٚن یوہٕ شہیل
(نادِم)

۴،۶،۴۔ استعارٕ تہٕ پیکر۔ استعارٕ چھِ محض اکھ عقلی فارمولا بنان اگر نہٕ اَتھ منٛز انسانہٕ سِندِس کُنہِ حِسس زیٚر دٕنگ تھوِتھ آسہِ۔ مثلن:

راونہٕ منٛزے راوُن رووُم
(لل)

راوُن چھُ لُبُن، یام زٕنُم رام سپدُم دِل
(مہجورؔ)

مگر عام پاٹھی چھِ استعارس کانہہ نتہٕ کانہہ حِسادی عنصر ہیتھ آسان یُتھ پیکر چھِ وَنان۔ پیکر چھُ شاعِریہِ منٛز سوٕ کام دِوان یوٚسہٕ کام مصوری منٛز ———— رٕکھہٕ تہٕ رنگ دِوان چھِ۔ پیکر چھُ شارس منٛز بلکل سوٕ کام دِوان یوٚسہٕ کام ڈراہس منٛز کانہہ منظر دِوان چھُ۔ پیکر چھِ شارس کانہہ صورتحال خارجی شکلہِ منٛز پیش کرنک قوتھ بخشان۔

یَتھ سرِس سری پھول ناوِیژے
تتھ سرِ سِکھو یُونی جِیَن
مرِگ سرگال گنڈِ زِلہِ ہستی
زٕن نازٕن تہٕ توٚتے پین
(لل)

کوہہٕ امہِ بیٚٹھی دِیپھاں چھِ جانا وار
تتھ قلایس اندر اژٕن تہٕ دِھیٚن
(قاضی)

یتھ پاٹھۍ استیارہ ہیکہِ پیکرٕ روٗس تہٕ اُستھ، تتھے پاٹھۍ ہیکہِ پیکرٕ تہٕ استیارٕ آنی مانیہِ روٗس اُستھ، صرف کانہہ خاص فضا تیار کرنہٕ خاطرٕ۔ مثلن:

اَکی جلن نیٖرِ صفہٕ راژِ کوٗڈ یکھِ واشس
زوٗن زردے یِہ تھانتھرٕ یے یاداش
(کامِل)

مگر عام پاٹھۍ چھِ استیارٕ تہٕ پیکرٕ عہٕ ستی روازان تہٕ شعارس زیادٕ زیادٕ تأثر تہٕ تہہ داری بخشان۔ استیارُک پیکرٕ ہیکہِ انسانہٕ سندِس کُنہِ ترٕ جہیسں عہٕ ستی تولق تھاوِتھ۔ راتھچ ترے پہرٕ (نادم) نظمہٕ ہندِ یہِ بند چھُ یتھِ لحاظٕ ستھے دلچسپ زِ امہٕ کین بیوٗن بیوٗن استیارن منزٕ چھِ بیوٗن بیوٗن جہسن عہٕ ستی تولق تھاون والی پیکرٕ:

| | |
|---|---|
| راتھ | سیہہ دوٗش |
| زوٗن | ہنارٕ گیج |
| ترٕ | شرنہٕ پھوت |
| ژھاے | ڈُنلٕ دیٖہہ |
| وآر | ننی ووڈ |
| ڈوٗری | پچھہٕ زیم |
| باغ | وٕشی پھیوٗل........ |

پیکرٕ چھُ استیارس منزٕ وضاحتھ پاد کران یتھ زِن پرن ووِل نغظن اندرٕ کانہہ حالتھ موٗحسوٗس چھُ کران۔ یہِ کتھ گژھِ یتھِ مثالہِ عہٕ ستی واضح:

شہٕ ژوٗل۔

اتھ ونتس منزٕ چھُ پیکرٕ، مگر تیوٗت کمزور زِ ژلنُس جہینہِ کانہہ وضاحتھ سپدان۔

شہٕ ژوٗل شی گُرتھ۔

اتھ ونتس منزٕ چھُ گوڈنکِ کھوتہٕ زیادٕ طاقتور پیکرٕ تہٕ ژلُن چھُ اچھن بر ونٹھ کُن یوان۔

شہٕ ژوٗل اسہِ برونٹھی کنہٕ شی گُرتھ۔

اتھ ونتس منزٕ چھے مکمل تصویر۔ زنتہٕ ساری ژلُن والِس پاران اُسن زنتہٕ ساری حاران گژھے۔

پکیرچ یہ خاصی یتھ چھےٚ یتھ شری باتس منز پوٚر پوٚر کامہِ آمٕژ لاگنہٕ:

بڈٕ پیوٚ وٕسی

بڈٕ پیوٚ گُرِ پیٹھٕ وٕسی

بڈٕ پیوٚ کلہٕ کنی گُرِ پیٹھٕ وٕسی

بڈٕ پیوٚ وترِ پیٹھ کلہٕ کنی گُرِ پیٹھٕ وٕسی

بڈٕ پیوٚ ہترنس وترِ پیٹھ کلہٕ کنی گُرِ پیٹھٕ وٕسی

بڈٕ پیوٚ ہنگہٕ منگہٕ ہترنس وترِ پیٹھ کلہٕ کنی گُرِ پیٹھٕ وٕسی (رناجی)

۴۴۔ پھُلتھ استعارٕ:۔ پھلتھ استعارٕ چھُ آسان یا تہٕ اکھ استعارٕ ئس وارِہٕ ہِن معنٕ ن پیٹھ پھلتھ آسہٕ، نتہٕ آسہٕ وارِہٕ ہِن معنٕ ن پیٹھ پھلتھ وارِہٕ ہِن استعارن ہُند مرکب۔

ژندس ڈٕژھے دگہٕ لہر

ژلکھ کوٚت؟

نِھرکہٕ ڈُن پازٕ

ڈُنی ڈُلتھ سہہ اچھہِ تینتالی

تچھہِ تچھہِ منز منز اژٕ ڈُن پیٹھ

برژھ برژھ کرٕ ڈُن دچھہِ ڈُوتھ کاکٕ

پل پراٹھ پھوٚجرٕ شمشیر

کیٚمی کوٚرٕ تلہٕ پیٹھ امبرس چرپھ چرپھ چرپھ

یتھ کنی سونتس لردٕ شنے یہ تہٕ

پرسچہٕ کنی جبہٕ بیٚیہ خوٚکمن ژاے اوٕری

خلوکھ کوٹھرِ منز

ٹرٕ ٹرٕ ٹٕ، ٹرٕ ٹرٕ ٹٕ

بوز

کرکھ کیا؟ (نظم: اکھ تشبیہ: راہی)

امہِ پھہلتھِ استیارچ تشریح بنہٕ شایستہٕ کلام تہٕ یہے کتھ چھےٚ ثوبوتھ زِ شاعران چھِ سیٹھاہ نزاکژ سان اتھ ساری سیٹھ علاہ اکھ مادہٕ ژونہ فن پانہٕ ہیژومتٕ۔ پریتھ مدرس منز چھِ الگ استیارہٕ تہٕ ساری استیارہٕ چھِ کلس پیٹھ رٔٹتھ اکھ پھہلتھ استیارہٕ بناوان۔

۴.۰ ۔ **استیارٕ تہٕ تشبیہہ** ۔ استیارس تہٕ تشبیہس منز بانگ فرق چھےٚ پورٕ پاٹھۍ واضح۔ گژھان ییلہِ اکھ استیارہٕ تشبیہس منز تبدیل چھِ لیوان کرنہٕ۔ مثلن اکھ سیوٚد ساد استیارٕ چھِ "راژ علم ہیوٚت بکھن تل" اتھ ہیکو مین لفظن منز تشبیہہ بناوتھ "راژ ہندی انہٕ گٹی تھوو تتھے پاٹھۍ عالم گمتھ زن کانہِ جانورن ہنٛز پوٚت بکھن تل ہیوٚت"۔ بیاکھ مثال: "گولابس نال وٚدلمت سنبلو چھس" چھِ اکھ استیارہٕ (یہِ چھنہٕ جان استیارہٕ) اگر امیک ترجمہٕ تشبیہس منز کرو، ہیکورٕ یہِ شارہٕ بنہِ:

چھن ادیزان ترادی ہتی زلفکی زال

زن گولاب تھرِ وٚدلمت سنبلو نال

یمہٕ زٕ مثالہ نظرٕ تل تھاوتھ ہیکو تشبیہس تہٕ استیارٕ من منز بانگ یمہٕ کینہہٕ فرقہٕ ژارتھ:۔

| تشبیہہ | استیارہٕ |
| --- | --- |
| ۱، تشبیہہ چھےٚ پھہلتھ تہٕ واضح آسان۔ | ۱، استیارٕ چھُ عام پاٹھۍ مختصر تہٕ مبہم آسان، |
| ۲، تشبیہس منز چھِ اصل نقل تہٕ سیاق ٹنز پاٹھۍ یادِ تہٕ آسان | ۲، استیارکۍ ترکیبی جُز چھِ دُرٕ یاف پیوان کرنۍ |
| ۳، تشبیہہ چھےٚ پارادچ تہٕ وضاحتچ کام دِوان۔ | ۳، استیارٕ چھُ حقیقتھ ژینٕنگ رٔذی یہٕ |
| ۴، تشبیہس منز چھِ موضوعس تہٕ تمہِ کِس نقلس منز بانگ زنٛ پاٹھۍ زنتہٕ تتھ کِنی یتھ کِنی لفظ لیوان ورتاونہٕ۔ | ۴، استیارس منز چھنہٕ یم وضاحتی لفظ ورتاونہٕ لیوان۔ |

۶

# شاعری تہٕ نثر

دُنیہِچ ساریٖنی زبانن ہُند توٲریخ وُچھتھ چھُ شاعری ہنٛز اولیت تہٕ اہمیت کہ
قدامتُک تصدیق سپدان۔ نثر چھُ پتہٕ زبانہِ منٛز قومہٕ چہِ سماجی اقتصادی تہٕ تمدنی ترقی ہنٛد
نتیجہ آسنہٕ کنہِ اظہارُک اکھ نوٚو وسیلہ۔ یِتھٕ پٲٹھۍ چھُ یہ یاد تھاوُن ضروری زِ اَسی چھہ صرف تمی
نثرِچ کتھ کران یتھ تخلیقی نثر ہیکو ونِتھ۔ نتہٕ چھُ نثرٕ شاعری برونٛہہ عام دوہہ دِنہٕ ہنٛزِ گسِ کارِ
بارس منٛز ورتاونہٕ آمُت۔ مگر اتھ نثرس منٛز اوس نہٕ لیکھنہٕ لوان۔ گوڈٕ گوڈٕ لیٖکھ نثر تہٕ لیکھنہٕ آو سہ
اوس شاعرانہ نثر۔ یا وونۍ امہِ نثرُک حُسن یا قوٚوتھ اوس شاعری ہنٛدِ معیارٕ کنہِ وُچھنہٕ یوان۔ خالِص
نثریُک شاعری ہنٛز بالادستی نِشہِ آزاد چھُ اوستھاہ تہٕ برکر اکثر زبانن منٛز اردٲہِمہٕ صدی پتہٕ
بارس تہٕ کینٛژن زبانن منٛز چھُ وُنہِ تہٕ بارس ینہٕ۔

شاعری تہٕ نثر چھہ بنہِ داینہِ اظہارکہِ زِ بیون بیون وسیلہ، مگر یمن دوٚن منٛز باگ کتھ حایہ
تھاوُنہٕ اتھ سوالس آو ارسطوٗ سٕندِ زمانہٕ پیٹھے دل دِنہٕ مگر جواب چھُ وُنہِ تہٕ تشنہٕ۔ مگر تہٕ گرِتھ چھیے
نثرس کم کینہہ خاصیژ یمہٕ شاعری منٛز چھنہٕ تہٕ شاعری چھیے بنہِ کینہہ خاصیژ یمہٕ نہٕ نثرس منٛز چھیے۔
عام پاٹھۍ چھیے نثرس تہٕ شاعری درمیان گوڈنیُک فرق یہ ہاونہٕ یوان زِ شاعری منٛز چھیے بحر،
وزن، قافیہ تہٕ ردیف یوان ورتاونہٕ یلہِ زَن نثرس منٛز یم چیز چھنہٕ آسان۔ مگر یہ فرق چھنہٕ حتمی تکیازِ
اگر نثری شاعری تہٕ شاعری مالون، اتھ منٛز تہٕ چھنہٕ وزن، بحر، قافیہ تہٕ ردیف نظر گژھان۔ تہٕ اتھ برعکس
چھہ تیتھ تہٕ نثر آمُت لیکھنہٕ یتھ منٛز نثر نگارن ضابطہٕ تہٕ قاعدہ دراۍ وزن تہٕ قافیہ یاد اوس کران۔

ہرِیش چندر: ہے برہمن۔ گوڈٕ کارہٕ چھیے دکھی مَن۔ پتہٕ پیٚو نزن دِل۔

برہمن : مہاراج ! تیٚمیٚو اوس مےٚ شونگتھ تہٕ ہےٚ نیوٚمُت سہن۔ مےٚ چھم وٚنکین ڈاٗلنِج وہن۔ یوٚد وٕ ے چَل چَل سپہہ مارِ ہن مےٚ چھم آشا زِ تیٚمیٚو میون زِندٕ ے اَنہن۔

(سیتج کھوٚٹ : نندلال نیٚر)

وون گو دلیٚس نثرس منز چھےٚ یم مصنوعی چیز لوٗت پلہِ تیوٗت ڈوٗر لوان تھاوِنہٕ ۔

یوٗد نثر چھےٚ عام گفتارٕ کِس لہجس قریب روزتھ بے ساختگی بے پھر کیٚر تہٕ روانی تھاوان۔ نثرس چھےٚ پننُ آہنگ ضروٗر مگر اگر اتھ منز موسیقی ہٕنٛد عنصر یوٗن چھےٚ نیران، نثر چھےٚ کنن کھرون باسان، مثلن بیٚلہِ کنہٕ ساتہٕ کنہٕ نثر پارس منز کانہہ لفظ زیادٕ دہراونہٕ چھےٚ یوان یا بیٚلہِ کنہٕ ساتہٕ اکثر جملہٕ اکی ہیوی کاس پیٹھ اندٕ چھےٚ واتان۔ (آسان، کران، مران، تھاوان بیتر)

۲۔ نثر چھےٚ گرامرک پابند۔ نحوی ترکیبس منز موٗلی ہیر پھیر تہٕ چھےٚ نثرس منز عآب نیان تہٕ جملس چھےٚ اکھ مانے بدلہٕ بیاکھ مانے نیران۔ مثلن دنن آسہٕ "رُود پیو" (یانے روٗد موو کلیو پیٹھ) اگر ونو "پیو روٗد" مطلب نیر روٗد اوس نہٕ پیوان تہٕ وو نہٕ ہیوٚتن پیوٚن۔ نثر خاطرٕ چھےٚ نحوکین قضائی طلن ہنٛز پابندی ضروٗری۔ اتھ برعکس چھےٚ شاعری نحوکیو وارٕ ہو ضائی طونشہِ نِچھہِ۔

۳۔ شاعری ہنٛد خاصہ چھےٚ اظہارک زھو جرتہٕ مو جرٕ۔ شاعری جملہِ منز چھےٚ تم ساری واٹہٕ لفظ ڈکھ دادتی بیتر ترادی تھےٚ یوان زھننہٕ یم واتناوِ خاطرٕ غار ضروٗری آسن۔ مثلن۔

"اکھ کوٗر مرد اکھ لوٗز زٔٹھ پوٗت منظر ڈٕل حض سلطان سنٛد استانک پرو"

(نظم، شفیع شوق، البم : گلشن مجید)

اَمچ نثری ترکیب بنہٕ یتھ پاٹھی : "اکھ کوٗر تہٕ اکھ مَرد چھہِ لوٗز زٕٹھتھ تہٕ یمن چھےٚ پوٗت منظر ڈٕل تہٕ اتھ پتہٕ کنی چھےٚ حض سلطان سنٛد استان پرٕد تراوان"۔

۴۔ کینہہ مواد چھےٚ تیتھ یمہٕ خاطرٕ لازمی من شاعری زبان ضروٗر تھ چھےٚ تہٕ کینہہ مواد چھےٚ تیتھ یمہٕ خاطرٕ نثری زبانے کام ہیکہِ دِتھ۔ شاعری چھےٚ تمہٕ دِنہٕ پرتھان یُس بیٚلہِ بادنہٕ یِنہٕ وول تجربہٕ صرن ذاتی آسہٕ بیٚلہِ بادنہٕ خاطرٕ صرف جذبہٕ آسن۔ نثرن منز تہٕ بیٚلہِ ذاتی تجربن تہٕ جذبن یادتھ چھےٚ لوان کرنہٕ اکھ تیتھ نثر چھےٚ پرتھان یتھ شاعرانہٕ نثر چھےٚ ونان۔ اتھ برعکس چھےٚ نثر تجزیہ تبصرٕ تہٕ بیانہٕ (DESCRIPTION)

تہٕ اظہارِ مناسب ۔ نثر چھُ سانہِ واقفیژ ہُرہ کران ۔ شاعری چھےٚ سون جمالی حِس رنز ناوان ۔ یوہے کتھ نثرس منز سانہِ واقفیژ ہُر ہُرٕ چھےٚ کران سوٚے کتھ چھےٚ باضے شاعرِ ہندس فقہس منز سون جمالی حِس رنز ناوان ۔ منز گامہِ چھُ پھولُمت زندن گل" چھُ اکھ موقول نثری جملہ یُس اکھ اطلاع چھُ دِوان یُس اطلاع منز گوم گثہِ ھنھ پوٚز یا اپز ثابتھ ہیکہ کرنہٕ یتھ ۔ یہوے جملہ ییلہِ نابدتہ ٹٹھ دِین" ( نادمِ نظمہِ ہندس فقہس منز چھُ یوان اتھ چھنہٕ کانہہ تہٕ اطلاعاتی اہمیتھ روزان تہٕ امیک پوٚز یا اپز آسُن ہیکہِ نظمہِ ہندس فقہس منزے ثابتھ سپدتھ زِ اتھ امیجہ چھا نظمہِ ہندس سیاقس منز موقولیتھ ۔

۵ ۔ نثرک ترجمہ چھُ ممکن تکیازِ امیک ترجمہ کرنہٕ ذِزِ چھُ تہٕ ترجمہ کارس صرف اکھ اطلاع بییس زبانی منز تاوُن ۔ چونکہِ اطلاع چھُ کُنہ خارجی حقیقژ متلق اوکِنہ یمیہ نہٕ ترجمہ کرنس منز کانہہ دلقتھ ۔ اتھ برعکس چھُنہٕ شاعرِ ہند ترجمہ ممکنے ۔ تکیازِ شاعری یہ کینژھاہ چھُ تہِ چھُ اتھ ینُن داخلی چیز ۔ یانے لفظن ہنز آوازِ یوت آوازِ لفظن ہندی پانہٕ وانی رشتہ تہٕ یہندی بالوی امکان ، یم چیز رودزن توتے تام موجود یوتام یم پنٕنس اصلی حالتس منز موجود چھِ ، تکیازِ یم چھِ کُنہِ گنڈتھ تہٕ تہٕ شتقہ ہیٚیژ منز وجود تھاوان ۔

۶ ۔ یوٚدوے نثرس کیو شاعری منز مواد تہٕ ہیئتھ زِ بییون بییون چیز چھنہٕ بلکہ چھِ اکی چیزکی زٕ پاس مگر تہٕ کرِتھ تہِ چھِ یم تنقیدس منز الگ الگ پاٹھی سرِ یوان کرنہٕ ۔ نثرس منز چھےٚ زرا اہمیتھ موادس تہِ شاعری منز ہیئژ ۔ اکھ نثری جملہ ہکون مختلف طریقو پھِرِتھ یانے ہیئژ ہنز اہمیتھ مشرآوِتھ تہٕ مواد روزِ توتہِ کُنہے :

سُہ چھُ سارنے ہندِ کھوتہِ جان ــــــ ۔

کانہہ تہٕ چھُنہٕ تس ہیوٗ جان ــــــ ۔

کانہہ تہِ چھُنہٕ تمی سُند کھوتہِ جان ــــــ ۔

سارِی چھِ تمی سُندِ کھوتہِ خراب ــــــ ۔

جان آسنس منز واتہِ نہٕ تس کانہہ ــــــ ۔

سُہ یُت جان چھُ تیوٗت چھُنہٕ کانہہ ــــــ ۔

کُس چھُ تمِس ہیوٗ جان ــــــ ؟

شار ہیکون نہٕ اکھٕ کھوتہٕ زیادٕ ہیُرٕن منز ونِتھ ۔ اگر یُرٕ ھ کوشش کرنہٕ ییہِ پرتھ کانہہ نۆو صورتھ آسہِ
نۆو شار یِتھ پننۍ الگ مانے آسہِ ۔

نثرس تہٕ شاعری منز ممکن حدس تام فرق ژٲرِتھ چھُ سوال وِ نہان تہِ تھِین ادب پارن ہُندۍ ین
ہندِ خاطرٕ ہیُرٕ ہنز بندش اہم چھینہٕ ۔ مثلن سٲنۍ جنگ نامہٕ ہیکہَن نثرس منز تہِ اُسِتھ ( تہٕ شاید روزٕ ہَن
نثرس منزٕے جان ) سوال چھُ زِ سہٕ کُس وجہہ چھُ یِمہِ کنۍ جنگنامہ لیکھن والیو شاعری ہنز ہیتِھ مناسب
زٲنۍ ۔ یہِ سوال ہیکہِ نہٕ رٔسُل میرنہِ یا محمود گامی ہِنزِ شاعری متعلق پُرژھنہٕ یِتھ تکیازِ تِہندۍ وژن تہٕ غزل
ہیکہن صرف تِتھے پٲٹھۍ اُسِتھ یِتھ پٲٹھۍ چھِ ۔ اتھ سوالس چھُنہٕ شاید یِیمہِ درآے بیٚیہ کانہہ جواب
زِ شارن منز دلیل دِنۍ اوس ترتیب رواج یُس سانیو جنگنامہ لیکھن والیو قبوٗل کوٗرٕ ۔
آخرس پیٹھ کرٕ یِمہِ بابہٕ کِس نتیجس کُن پانے اشارہٕ تکیازِ نۆو باب چھُ نثرس متعلق ۔ زِ نثر
چھُ شاعری نِشہِ بیوٗن اظہارُک اکھ طریقہٕ تہِ جان نثرس چھِ پننۍ تم لوازم یِم نہٕ شاعری ہِندِ خاطرٕ
ہرگز چھِ ۔ اُسی گژھو نہٕ شاعری ہِند تنقید نثرِچ مولانکون کرنہٕ خاطرٕ ورتاونۍ یِتھ پٲٹھۍ زن از تام سٲنۍ
نقاد ورتاوان آمتۍ چھِ ۔ تہٕ سٲنۍ کیٚنہہ نثر نگار تہِ چھِ شاید احساسِ کمتری ہِندۍ شِکار آسنہٕ کنۍ شاعری
ہُند ہیُو مزار پننِس نثرس منز پادٕ کرنُچ کوشش کران ۔

# نثرٕکۍ قسم

نثر چھُ علم واتناوان، نثر چھُ کیٚنہہ کرنچ کَل گٔنزراوان، نثر چھُ زندگیہ منز برونٹھ
پکنہٕ خاطرٕ کانہہ وتھ ہاوان، نثر چھُ بیٚہتر پٲٹھۍ زندٕ روزنہٕ خاطرٕ وٕتیر بدلاونہٕ ناوان، نثر چھُ گٔنہ مسلس پیٚٹھ
عقلہٕ تہٕ منطقہٕ چہ ہیٚرِیہ منز سوچناوان —— مختلف نثر پارن چھِ مختلف مقصد۔ تکیازِ مختلف نثر
پارن منز چھُ مختلف مواد۔ چونکہِ نثر پارن منز چھےٚ ہیتہٕ موادس تابیار ورتاوان، اوٚکنۍ ییلہٕ اسی نثرس منز موادچ
کتھ کرو، ہیٚر ہنز کتھ تہٕ وۄتھ پانے یا ہیٚر ہنز کتھ تلوٗ موادک بحث تہٕ وۄتھ پانے۔ نثرس منز مواد چہِ
تہٕ ہیٚر ہنزٕ اتھی ہم آہنگیہ ہنزِ بنیاد پیٚٹھ ہیکو اسی نثرکۍ یم اہم قسم پرزناوِتھ:

۱۔ **اطلاعاتی نثر** ۔ امیک مقصد چھُ صرف پرن والیس کُنہ چیز چہِ شکلہِ ہندِ گُرِ تچ یا تمہِ چہِ
ماہیتچ زان کرناونۍ تہٕ تمی سِنزِ واقفیتھ ہُرٕ برکرُن۔ مثلن

"یِم ہٕڈی یڑو قبیلہٕ اسی کلہٕ فقیرن ہندی پٲٹھۍ روزگارکس تلاشس منز اکہِ جایہ پیٚٹھ
بیٚیس جایہِ گژھان۔ ییتہِ نس تہٕ کُنہٕ دریاوس اندۍ پکھۍ رژٕ پھن جایاہ ڈیٚچھن تتی نیٚ
بساوہن پوٚر۔ وام پٲٹھۍ اسی وارياہ قبیلہٕ کُنہٕ اکِس علاقس منز سمٕتھ ارسان بسان۔
پریتھ قبیلس اوس پنُن اکھ بہوٗدر جوان مرد آسان یس منزِ کام جنگ کرُن اوٗس۔
یِہوے سردار اوس قبیلک سوٗرے انتظام کران......"

(تہذیبک تۄ تواریخ ۔ ناجی منور، شفیع شوق)

امہِ اقتباسچ سأرے دلچسپی چھےٚ امہِ کس موادس منز تہٕ کُنہِ تہٕ جایہ چھُنہٕ اسلوبہٕ کُن پرن
والی سند توجہہ پانس کُن پھران تکیازِ لیکھن والیو چھنہٕ زبان ورتاونس منز کُنہِ قسمچ تگگری ہاوِمژ۔

سارٕی جملہٕ چھہٕ مکمل پاٹھۍ غارٕ استعارٲتی حرف چھےٚ گوڈنکس جملس منز اکھ تشبیہہ: "یم بڈۍ بڈۍ قبیلہٕ اسۍ کٔلۍ نقیرن ہندۍ پاٹھۍ روزگارکس تلاشس منز اکہ جایہ بیٚیس جایہ گژھان"۔ مگر یہ چھےٚ اکھ سادٕ تہٕ عامیانہٕ تشبیہہ۔ یہ چھےٚ خیالس گنڑادنہٕ بدلہٕ اتھ وضاحتھ کران۔ تکیاز کٔلۍ نقیرن ہنز اکھ خاصیتھ یانے ادر لور پھیرن تہٕ چھےٚ جملس منز پلوتھ۔ یتھِ نثرس منز چھےٚ لیکھن وٲلۍ سنز کامیابی یا ناکامی صرف یتھ کتھ منز ز تمۍ گٔژھ جملس تام تہٕ کوتاہ سہل پاٹھۍ کورن تمۍ سندِس علمس ہر بر۔ اکی جملہٕ چھہٕ عام پاٹھۍ زھوٗڑ آسان مگر جملن منز زھوٗچر پادٕ کرنہٕ خاطرٕ گژھن نہٕ غارٕ ضروری تہٕ ہرسمانہٕ لفظ ورتاونہٕ یِنۍ۔ نثر نگار گژھ لوٗت پلہٕ توٗت التکار ونشہٕ پرہیز کرُن۔

"غزلہٕ کس اتھ لطیف تہٕ حسین بحرس چھ محمودن پتہٕ رسُل میرن گتھ کران تہٕ
ھجور تہٕ لول بران، آزاد تہٕ نرآلوان تہٕ رساتہٕ رُت کانچھان۔ اتھ چھہٕ انکی اول صفکی
شاعر تہٕ موہنہٕ میٹھۍ کران"۔

(کاشر غزلک ابتدا تہٕ ارتقا۔ غلام نبی فراق)

یہ چھ اکھ تنقیدی مضموٗنک اقتباس۔ یہ چھہٕ پننہٕ حدس منز لفاظی ہنہٕ باوجود تہٕ بے مانے' لول بُرن، نرآلوُن، رُت کانچھُن' موہنہٕ میٹھۍ کرنۍ لفظ چھہٕ برن وٲلس اکس بدلہٕ عالمس کُن لوان تہٕ لیکھن وٲلۍ سند کونچھمت مطلب چھنہٕ ہرگز تہٕ ننان۔ یم لفظ چھنہٕ مختلف غزل نگارن ہندس منفرد مزاجس کُن کانہہ اشارٕ کران۔

اطلاعاتی نثرٕ خاطرٕ چھےٚ خاص کٔرتھ ترےٚ خاصیژ لازمی: سنزرٕ، نثرٕ تہٕ زھوٗچر۔ یمہٕ خاصیژ ہکن تیلی اتھ منز یتھ یلہٕ یہ مکمل پاٹھۍ غارٕ شخصی آسہٕ۔ لیکھن وٲلۍ سنز شخصیتھ آسہٕ نہٕ کُنہٕ تہٕ جایہ اظہار لبان مگر تہٕ کرتھ چھہٕ اطلاعاتی نثرکی تتھی کینہہ نموٗنہٕ یم نہٕ خالص اطلاعاتی چھہٕ۔ نثر نگارس چھہٕ پننس موضوعس سیتۍ کانہہ خاص جذباتی روی یہ آسان یُس تمۍ سنز لفظہٕ زارٕ منز وقتہٕ لوان چھہٕ۔ مثلن

سرینگرکس جنوٗب مغربس منز چھےٚ یوٗہے داہ باہ میل دوٗر بڈگامٕ تحصیلس منز ناگہچ سرےٚ آباد۔ اتہٕ پیٹھہٕ لوہے زٕ ترےٚ میل دوٗر چھہٕ دودگنگایہ نہارس ٹھس پیٹھ کرالہٕ دور گام بستھ۔ یہ گام چھہٕ بڈہٕ پرفضا جایہ داتا۔ دودگنگا چھےٚ اتھ قدرتک رباب ہتھ فطرتک لافانی سازٕ وایان آسان تہٕ اتھ کُشادٕ مادان تہٕ دُسی دِدِ

چھےٚ نظرِ فرحتھ تہٕ فراخی بخشان ۔ سونتک پرتو پیوٚنے چھہ ییٚمن مادانن منز رنگہٕ
رنگہٕ جنگلی پوشن ہوکھہٕ ہیتھ نیرتھ یوان تہٕ سبزار چھہ زمردی فرشہ فروش ووتھرادان ۔
انھی روٚدان پرٛدر ماحولس منز زاو کاشر زبانی ہندر دان پرور مثنوی نگار مقبول
شاہ ۔ مقبول شاہن ناد ییلہ یوان چھہٕ پوشن لبہ ہند ماری منٛد پیکر چھہ نظرن
شاداب کران تہٕ ترادتھ بخشان۔"

(مقبول شاہ ۔ اکھ سام ۔ محمد یوسف ٹینگ)

مقبول شاہس تہٕ تمی سنز شاعری ہستی چھہ جنگ، تصور وابستہٕ۔ یہ تصور سنٛدس ہیٚتھ اتھٕ خاطر چھہ
نثر نگارس خوبصورتھ پوٚت منظر ماوٚن پیومت تہ یہ ماوٚنہٕ خاطر چھےٚ لفظن ہند جماوی ماٚنے تتھ پاٹھی
ورتاوس منز انیٚنہٕ آمت زِ یہ چھہ کانہہ اطلاع بہم کرنہٕ بدلہ پرن والی سند ذہن پانس کُن پھران
تہٕ نثر چھےٚ ییتھ پاٹھی شاعری ہنز مزاز یکھتیار کران ۔ یہ چھےٚ شاعری ہندی پاٹھی استعاراتی زبان ۔
اکھ منز چھےٚ تشبیہ استعارہٕ : قوٚدرتُک رباب، فطرتُک لافانی ساز، نظرن فرحتھ تہٕ فراخی بخشان،
سونتُک پرتو، زمردی فرشہ فروش، نظرن شاداب کران تہٕ طراوتھ بخشان۔ یمو تشبیو استعارو
علاوہٕ چھہ اتھ اقتباسس منز رنگین بادتی تہٕ داریاہ (کل شعراہ) مثلن : یمہ فضا جانےٚ کشادہٕ مادان،
وسی ووڈر، رنگہٕ رنگہٕ جنگلی پوش، ماری منٛد پیکر بیتر ۔

اطلاعاتی نثرس منز چھےٚ یہ اکھ ضروری شرط زِ لیکھن وول گژھہ پننی پسند ناپسند، پننی
جذبہٕ لوٚب تھاوٚن تہٕ موحصر لفظن منز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ علم واتناوٚن مگر اتھ سیتی چھےٚ تس
ییتہٕ دیان تھاوٚن زِ اختصارہٕ موکھہ گوژھہ نہٕ جملن ہیتھ جبر سپدُن نہٕ جبر کنۍ گژھن نہٕ جملہ کھری دار بننہ
تہ مانیس گسُر ادنہ۔ اتھ منز ہیکہ نہٕ نثر نگار توٚتام کامیاب سپدتھ یوتام نہٕ تمس تتھ زبانی پیٹھ پور پور
دسترس آسہ ییتھ منز سہ لیکھان آسہ، سہ گژھہ نحوی ادھولن ہند پور پور خیال تھاوٚن تہٕ لیکھہ
سہ ییتھ ہیوٚ نثر:

" مہاراج رنبیر سنگھ سنٛدِ عہدہٕ کوٚر سید یعقوب خانن یس یارقندُک سفیر اوس، انگریزن
درخاس زِ سہ چھہ حضرت امیر سندلو ذنہٕ منز تتھ قرار نامہ موجوب یُس حضرت
میر سید محمد ہمدانی تہٕ سلطان سکندرس درمیان سپدمت چھہ، چھہ تس خانقاہ

معلی کِس جاگیرس پیٹھ حق وراثت "۔

(خانقاہِ معلیٰ ۔ رشید نازکی (کاشُر اینسایکلوپیڈیا سریز ۱)

اِملاتہٕ رسمِ خطچ غلطیوٚ علاوٕ چھہٕ اکھ جملس منز CLAUSE تِہنٛد پاٹھی ترتیب دِنہٕ آمژ زِ اکی نظرِ چھُ بوزن تگان زِ نثر نگارن چھُ کیٛتھہ تام انگریزی جملس لفظ بلفظ ترجمہ کرُن یوٚژھمُت ۔ نتیجہ چھُ یہ نیران زِ پرن والِس چھُنہٕ کنہیں تہٕ پلہ پیوان ۔ تمِس پییہ گوڈٕ جملس ستی جنگ کرُن تہٕ یہ سہل بناوُن ۔ تہٕ کُنہِ نحوی شکلہِ منز انُن اَد واتہِ کُن ۔

۲۔ تبلیغی نثر : تبلیغی نثرس منز چھُ نثر نگارٕ سُند مقصد واقفیتھ دِنہٕ کھوتہٕ زیادٕ پرن والِس کانٛہہ خاص حرکتھ کرنگ کانٛہہ خاص ونیٛر تراونہٕ کانٛہہ نوٚو ونیٛر اختیار کرنگ یا تِس آسان دِین یا پرن وول کانٛہہ خاص کتھ مانہٕ ناوُن آسان ۔ اتھ منز ہیکہٕ نہٕ لیکھٲری پننی شخصیتھ الگ تھٲوِتھ ، تکیازِ تمی سُندی پننی ذٲتی عقیدٕ چھہٕ یتھ تمی سُندس اسلوبس منز اَدر بڑ لیوان ۔ پننی عقیدٕ پرن والِس ذیہنس میٹھناوُنہٕ خٲطرٕ چھےٚ نثر نگارس پننی ساپٕ تگگری تہٕ ورتاوٕنی پیوان ۔ اتھ منز چھُ اَدکھ INTONATION تہٕ زبردس اہمیتھ تھاوان تہٕ نثر نگار چھُ لفظن تِتھہ پاٹھی ترتیب دِوان زِ اَدکھ چھُ وارٕ یس حدس تام لوٚگن نیران :

"یتھہ پاٹھی انسانہٕ سُندِ زِندٕ روزنہٕ خٲطرٕ ہواتہٕ غذا ضورٗوری چھےٚ ، تِتھے پاٹھی چھےٚ تسنٛدِ باپتھ تالیٖم تہِ ضورٗوری ۔ ہواتہٕ کھیوٚن چیوٚن چھُ انسانس تِتھے کنٛہ زِندٕ تھاوان یتھہ پاٹھی کانہٕ حیوانس یا جانا ورس تہٕ زِندٕ تھاوِ ۔ اگر انسان لیوٚہہ بہے مقصد یتھہ زِندٕ روزُن ، تیلہِ چھُ سُہ حیوان کیا حیوانہٕ سُندِ کھوتہٕ بتر تکیازِ اَمِس چھہٕ زِندٕ روزنس ستی ستی انسانیتکہٕ تھدی مقام تہٕ منزل سَر کرنی ۔ امہِ خٲطرٕ چھہٕ اَمِس قدرتن ساری ساماںہٕ بخشِس متی ، یم سامانہٕ یم نہٕ حیوانس چھہٕ ۔"

(صحیح تالیٖمی نظام تہٕ امیک نصاب ۔ تنہا انصاری)

لیکھن والِس چھُنہٕ صرف تالیٖمہِ ہندی فایدٕ باونی بلکہ چھُس زیاد لوٚکن تالیٖم حاصِل کرنگ تبلیغ کرُنے تِتھہ پاٹھی زِ لوٚکن گژھہِ کَل ۔ لیکھٲری چھُ پوٚر پشِد تہٕ سان ونان زِ غاز تالیٖم یافتہٕ چھُ حیوانہٕ سُندِ کھوتہٕ بتر ۔ نثر نگارن چھُ تقریر کرِ دل تہٕ ورتاوِ متی ، مثلن سُہ چھُ انسانیتکِ گوٚن بیان کران تہٕ اتھ ستی چھُ

انسانس ییٚتھ قوٕ درتھِن میٚہر یاٗنِین ہنٛز تہٕ ذِکر کران۔ اَتھ زبان چھےٚ تیز تہٕ ہنزلی۔ جملہٕ چھہٕ زیٛٹھی تہٕ صاف۔ یاٗٹھی ہاوان زِ لیکھن واٗلی چھہٕ وُثرِھ وُثرِھ سوٗنچِت تہٕ لیوکھمت۔ گوٗڈنکِس جملس منٛز چھہٕ دہٕ[20] لفظ، دوٚیمِس منٛز کُنوہٕ[19] ترٛیِیمِس منٛز ترٛہٕ[3] تہٕ ژوٗرِیمِس منٛز ہِنداہ۔ جُملن منٛز چھےٚ خیالن ہنٛز ترتیب ییٚر

گوٗڈنیک جملہٕ = تاٗیم چھےٚ ضوٗروٗری،

دوٚیُم جُملہٕ = حیوان تہٕ انسانس چھہٕ کھِنس چینٛس تہٕ زوٗنس منٛز ہیوٗ،

ترٛیِیُم جملہٕ = انسان اگر صرف کھیٚتس کینٛہ کرِ، سُہ چھہٕ حیوان مگر انسانس چھہٕ تھدی مقصد۔

ژوٗرِیُم جُملہٕ = خوٗدایَن چھےٚ اَسے انسانس عقل دِژمُژ۔

٣، ڈرامٲیی نثر۔ یَتھِس نثری بیانس منٛز چھُ نثر نگار پننی ذٲتی جذبہٕ تہٕ احساس پتھ تھاوان تہٕ واقاتھِہ یاٗٹھی باوان زِ یِم چھہٕ پانے پننُن تاثُر تراوان۔ یَتھِس نثر نگارس امہٕ مُشکِل کامہٕ ہنٛد فن آسہٕ نہٕ، سُہ چھُ لفظن ہٕنٛدی فضول گنٛدان تہٕ نتیجہ چھُ نیران اسنس لایق:

"سہ ووت ایمپلائمینٹ ایکس چینٛجس نزدیکھ۔ کیتی پٔدی اٗسی جمع۔ اَتھہٕ روٗسی تھکی مٔتی تہٕ لوٗسی ہٕتی پٔدی۔ یاٗتہٕ روٗستے تُوڈُھ پننُن پان رجسٹر کرناوان، ڈگری اَتھن منٛز ییٚتھ۔ مس وولیوٗمُت جنگل، دِل گوٗ بیمتی وٗڈھ رُح ژھوٗ کیتی ژاٗنگی۔ ووداٗسی بِسٛنیرٕ تصویرٕ تمی ترٛوو دٕہ شٕش۔ تس ژوٗل بے حکمن نیرِتھ" یہ سمسار چھُ دٔگھن ہنٛد گرٕ۔"

(نِروان۔ اوتار کرشن رہبر)

گوڈنیتھ چھُ موضوٗ ترٛییمہِ درجہِ چہِ کُنہٕ ہِندی فلمہِ ہُنٛد سین باسان، ییٚتھ چھُ نثر نگار واقھس دیدمان ہاونس منٛز ناکام سپدِتھ لفظن ہٕنٛدی فضول جنگ کران مگر اتھ چھُس نہٕ کہیں بوان۔ نثر نگارن چھہٕ حماقتس لایق اِستِیار ورتاوِمٕتی۔ بے کار نوجوانن "پٔدی" وَنُن چھُ اِنتہاٗیی غٲر موزوٗن، "یاٗتہٕ روٗستے تُوڈُھ" جملہٕ چھُنہٕ امہِ برونٛہِس جملس ستی کانٛہہ تسلسُل تھاوان تہٕ امہِ پتے لیکھن "پننُن پان رجسٹر کرناوان" چھُ مانے تھاوان زِ تُوڈھ اٗسی پننُن پان رجسٹر کرناوان تہٕ یمن آسہٕ ڈگریہ اَتھن منٛز۔ ڈگری اَتھ حالژ منٛز وَنُن چھُ غلط تہٕ صحی چھُ ڈگریہٕ۔ مس وولیوٗمُت جنگل چھُ ژھ کھند لبری SUGGESTIVITY تھاوان مگر دِل گوٗ بیمتی وٗڈھ رُح ژھوٗ کیتی ژاٗنگی، ووداٗسی بِسٛنیرٕ تصویرٕ، لفظ چھِنہٕ کہیں تہٕ SUGGEST کران۔ یمن لفظن ہنٛد اَکی سے جملس منٛز اَسن چھُ مالوی ایتبارہٕ تہٕ غلط تہٕ منطقی ایتبارہٕ تہٕ۔ نثر نگارس چھُ پانس تہٕ امہ

بیانہٕ کِس اثرس پیٹھہٕ شکھ تہٕ توٲے چھُہ واتہس پننہٕ تاثُر پانہٕ قٲیم کرنس منز آزادی دِنہٕ بدلہٕ آخری جملس منز پانے اکھ STATEMENT کِردار سندس اَسِس منز تھاوِتھ پرن والِس متاثر پیٚدہ ہان کرُن۔ نثر نگارن چھُہ نثر نگارُ سند فریضہٕ مشراوِتھ شاعرِیہ ہُند ہیوٗ مزاز پادٕ کرنچ کوٗشِش کرمٕژ، مگر پیٚنہٕ چھُہ ٹاکارٕ روزان تہٕ نہٕ نثر۔

امہ برعکس چھُہ ڈرامٲیی نثر لیکھن وول واتہس خوٗدکار تہٕ خوٗد موختار بناوِتھ پننی شخصیتھ لوٗب تھاوان تہٕ پانہٕ یا کِردارٕ سندِ ذٔسی کانہہ STATEMENT دِنہٕ نِشہٕ یا کانہہ INFERENCE کڈنہٕ نِشہٕ پرہیز کران۔

"ہنگہٕ تہٕ منگہٕ دِژ تمی پیٚتھ کُن نظر تہٕ تس ژٕج کھوٚرِ وٕتلہٕ میٚثر نیرِتھ۔ تٔمہ اوس ڈُنی کنس بٕڑی پاٹھی گۄنٕے زوٚن کرِ یٕیہِ پھوٚت، ہیتھ وَتہٕ پکان۔ نہ اوس گُورٕ کُنہٕ نہٕ ڈیٖدہٕ ہنزٕ پٹ کُنہٕ تہٕ نہٕ پٹہٕ تمن والی۔ یہ کوس پہٕ ساٹر تہٕ پیٚیہ؟" تس ۂشرون اتھو منز کرِ یٕیہِ پھوٚت ولیسرِن تہٕ تمی روٚٹ تٔمہ زورٕ کھوٚرِ منز۔ تٔمہ ماچھ سوٚپن وچھان؟ یا ماہیٖر رازٕ پاشاہن پننی کانہہ مایا ہاوِنٕ۔ آخرٕ وُچھن گُور اکِس وٕنہٕ والِس نِش سگر بیٹھہٕ زالان تہٕ تس کُھشر واٚنِج زِٹھِ کھنڈ بوٚٹھ۔ مگر باقی نفر کوٚت گٔیہ؟ دیٖدٕ کُنہٕ چھے؟ تم کھٔیا زمینہٕ کِنہٕ اسمانن نِنگلادی؟ گُورٕ آد سگر بیٹھہٕ زالِتھ تہٕ تمی وُدن پیٚدر روہس۔ "کیا ہتام وُلٕٹہٕ ہبا چھے ڈٲشِن۔ تمن جانہٕ مرگزٕ آسی رِکنی گامژ تہٕ موٚرِد آسکھ بیوٚت وٕسی۔ یہ ہبا گوٚو سیٹھاہ ناکارٕ۔"

(شمشان واراگ۔ ہری کرشن کول)

یہ چھے یہے ڈرامٲیی کیفیتھ یُس ہری کرشن کولہٕ سِنٛز افسانن ہنٛزِ کامیابیہ ہُند رازٕ چھے۔

۲۔ اظہارٲتی نثر۔ اظہارٲتی نثرس منز چھُہ نثر نگارُ سُند مقصد یہ روزان زِ پرن وول گوٚڈٕ تمی سندِ سِنٛز یا کانسہٕ کِردارٕ سندِن داخلی احساسن تہٕ کیفیتن منز شریک سپدُن۔ امہ خاطرٕ چھُہ تٔمہ خارجی منظرن تہٕ حالژن داخلی احساسن تہٕ کیفیژن ہندِ رنگہٕ رنگِتھ پیش کران۔

"عمن دِژ نظر۔ لوٚنہٕ اوس ساری سہے ژٕ نہٕ تہٕ سوٚر ڈہراوِتھ تہٕ منز اوس شاہ تُلم کُل لوٚسہے وُدان ہیوٚ۔ تیٚتھ اوس پَن چھینوٚمُت تہٕ ٹھوٚنٹھ اَسِس ننی درامتی تہٕ تٔمہ

اوس یوٚہے زنٛدٕ ہیوٗ باسان۔ عمس باسیوو زٕ یوٚہے اُڈٕ جبہ کھانکھر ہیوٗ۔
زن اوس یہ سلامہٕ نیتھٕ لوٚنے پترِ ہوٚت وۄدنی۔ تمی دژ یکدم سلامس کُن نظر۔
سُہ اوس بسترس پیٹھ خرٕ ہیوٗ پیوٚمُت تہٕ تس اُسی وچھ کانٛہہ نہٕ دراہتی۔
(ووٚنی کٕہنز وچھے واری۔ شنکر رینہ)

نثر نگارن چھُ ہرڈک وق ژرومُت۔ منظر چھُ ہسپتالہٕ چہ دارِ نہبرکنی۔ خارجی چیزن دہلوٗنی شاہ
تُلہِ کُل، شاہٕ تلہٕ ککلی لگ، بیتر چھ پننہ جایہ نہٕ خوبصورت نہٕ بدصورت۔ یہ چھُ سُہ زوی یس کردار
(عمہ) پننہٕ داخلی احساسو مطابق یمن چیزن سیتی قایم چھُ کران۔ ہسپتالس منز چھُ موتن پھہلتھ۔
عمس برونٛہہ کنہ چھ سلامہٕ موتس سیتی کشمکش کران۔ عمہ چھ خارجی چیزن منز سلامنی ژھاے
وچھان۔ یوٚہے چھُ وجہہ زِ اتھ اقتباسس منز چھے یچھ امیجری ورتاونہٕ آمژ۔ پننی داخلی احساس
تہٕ کیفیتِ سطحس پیٹھ انہٕ خاطرٕ چھے افسانہٕ نگارن پانٛژہ تشبیہہ تہٕ اتھ اقتباسس منز ورتاوِمژ۔

۵۔ تاثراتی نثر۔ یتھس نثری بیانس منز چھنہٕ تفصیلن الگ الگ پاٹھی کانہہ اہمیتھ۔ پرن وول
چھُنہٕ الگ الگ چیزن کُن توجہہ دِوان بلکہ سالم منظر چھُ اکھ خاص تاثر ووٚتلاوان۔

" ازن چھُ کوٗترِ تہٕ غاب۔ دلوازنس تہٕ روشن دان اُشتھ گومُت چھُ۔ بنکہ چہر
باہ لوٗر بلڈنگہٕ نیبری تُوتاہ گاش چھُ، تیوٚتے انہٕ گوٹ چھُ روشن دانس اندری۔
روشن دانکہ لوٚکٕٹہ شیشہٕ پیٹھ منزی چھُ صاف لبنہٕ یوان زِ اندرٕ چھُ دُنی میہک۔
انہٕ گوٹ ژہلہ ژرٕٹ کرتھ بند تھونہٕ آمُت۔ شاید چھُ بنکہ والیو یہ لاکر بنوومُتے
پننٕ پننٕ انہٕ گوٹ موحفوظ تھونہٕ خاطرٕ۔ کم مولُل چھا گوڈیہ۔ تہٕ وصف تہٕ چھس
نہٕ کم۔ بنکہ والی ہرگاہ نہٕ یتھی لاکر تہٕ بناون لوکھ ووتھ انہٕ گٹس۔ گوڈ چھا یتھ
کم لبوٚ چھا کار۔

بس چھنہٕ دنہٕ تہٕ کنہ لبوٚد۔

اماہ کوترس تہٕ زن گوو ژیر۔ دلنسام اوس آمُت آسان کنہ جایہ گوژھن
نہٕ کینہہ واری داتھ گومُت آسُن۔ سُہ ہے زامنے چھُ ہٹس ژرنہ یکہ گرتھ!
بنکہ چہ بلڈنگہ نیبری چھ کھر منو کھر منو گاش۔ فکرِ چھُنہٕ تران، یہ چھا شیشہٕ

پٹہ اپار انہٕ گوٚٹ نہبر نیبر ریچ کوٗشش کران گِنہٕ گاش چھُ انہٕ گٹہٕ ہندِس لاکرِس منز اژِتھ موٚحفوظ یژھان روزُن۔ دوٚن ترتیبن ہندِس اتھ جنگس منز کوت ژرامت کوٗتر ہیس ژ نہٕ یکھ کرِتھ۔ از چھُنہٕ وٗنہِ کُنی
بس تہِ آیہ نہٕ ووٗنہٕ۔"

(ہردے کول بھارتی۔ ہمزاد)

یہ اقتباس چھُ اکھ واضح منظر اَچھَن برونٹھ کُن انان۔ مگر امہِ منظرٕکی تفصیل چھنہٕ الگ الگ پاٹھی توجہہ منگان صرف اکس جایہ ییتن افسانہٕ نگار انہٕ گوٚٹ اکھ دوٚن پنچ علامتھ بنادِچ کوٗشش چھُ کران (یہٕ چھے سٹھاہ عامیانہ علامتھ تہٕ یِہوے چھُ امہِ نثر پارک بوٗد قوٚلبوٗح تہٕ۔ سانی نثر نگار چھِنہٕ وٗنہٕ تہٕ فطرتہٕ کِین عجزن پننہِ شخصیژ ہند جامہ دلنہٕ نشہِ پتھ روزان۔ تہِ بِین خودموختاری دِنہٕ خاطرٕ آماد سپدان۔) راوی چھُ اکس خاص ہیجانی صوٗرت حالس منز یوسہٕ تمہِ سندِ توجہہ کِین موروٗضن ہندِس انتخابس منز برونٹھ کُن چھےٚ لیوان۔ بیان چھُ یِتھ پاٹھی صرِ ین موروٗضی، مگر اتھ پوٚت ژھایہ چھےٚ راوی سندِین جذباتن ہنز لہرٕ۔ یہِ چھُ تاثراتی نثر۔ نثر پارچ اکھ خاصی یِتھ چھےٚ تاکارہٕ زِ اتھ منز چھِ کراوتی سٹھاہ کم تہٕ زیادٕ چھِ نادتی تہٕ ہرکراوتی اینژ (ADVERBIAL PHRASES) مثلن باہ پور بلڈنگہِ نیبرٕ۔ روشن دانس اندری۔ شیشہ پٹہِ منزی۔ "موٚحفوظ تھونہٕ خاطرٕ" بیترِ۔

۲۔ نفسیاتی بیان۔ انسانی کردارن سٕتی تولق تھاون والس فکشنس منز چھُ نثر نگارس لازمی من کردارن ہنزن باریوٚ ین ذیہنی حالژن ہند بیان کم یا زیادٕ پیوان دِین۔ مگر عام پاٹھی چھِ اُسی تِتھس فکشنس "نفسیاتی" وَنان یتھ منز لیکھن وول خارجی صوٗرتہ حالس مقابلہٕ کردارن ہنزن داخلی کیفیژن ژر اہمیتھ دِوان آسہِ۔ تِتھس بیانس منز چھُ نثرچ ہیژر ہند وار مدار تتھ لوکتے نظرِس پیٹھ یُس لیکھن والی اختیار آسہِ کوٚرمت۔ اگر تمہِ شخصژ صیغہٕ آسن ورتاوٚمت نثرچ ہیتھ آسہِ منطیقی تہٕ جملہٕ آسن ترتیب وار۔ مثلن:

"خوتن دید مند چھےٚ یہِ۔ اُمہِ تھاویوو نِنی کنہٕ ژوٗر زِ خانہٕ دارِس گژھِ ہم نہٕ نظر پینی، مگر ژٕری یایہ ہندِ میز اکھ وو زجار اوسنہٕ ژور روزان یسہٕ اوس کھٹہٕ

پھٹی نبران تہٕ منٛد چھہٕ ستی کھوٚت خوتن دٕیدٕ وٕ وشلن ہیو۔ نارٕ چیاآژ ہشرٕنس
وٕ تھٕنہٕ، تِمس انہرِ رشہ ہٕندی پاٹھی تہٕ دِل ہیوٚتنس گابرن۔ زٕنتہٕ سوٚ اَس
ہرٛینی تہٕ نبرشالہٕ اوس لوکٹ ہرازٕ۔ زٕنتہٕ دہٕ دٕ موج اَس وٕنی وٕنی گژھ درامٕژ
تہٕ خوتن دیدٕ اُس گوٚ ڈٕیچہٕ لٹہٕ نبرشالس نِش۔ تمہٕ دِژ ٹلی ٹارٕ نبرشالس کُن نظر۔
سہٕ اوس تس وٕچھان۔ اسان تہٕ گیوان:

چِنی لوٚشہٕ ہینگہٕ مٕتے ڈینٛٹھمس تن

ہاچہٕ لو ڈٕیی زٕ رٕس لوٚجہٕ عالم

خوتن دٕیدٕ آو نبرشالہٕ پٕنزِ پاٹھی لوکٹ بوزٕبہٕ۔ الپاکک پھیرن لاگِتھ۔ پھیکہ لبُن دِسہٕ
ترٛاوِتھ تہٕ ۲/۷۹ ململ گنٛڈِتھ۔ زٕنتہٕ وٕنی اوس گرٕ پیٹھہٕ وٕتھمت۔ زٕنتہٕ سوٚ اَس ویگہٕ پیٹھہٕ چ ہرینی،
کار لو مرادِتھ لوکٹ موٚکٹ، بقول خیال دِ رٕس منٛز پیٹھہٕ کھوژان تہٕ نژان: ہے ہے وٕ نی کریم
یہٕ کتھ۔ بہٕ کیاہ وَنس؟ بہٕ ہا منٛد چھہٕ!"

(اختر محی الدین: درٕ یا یہٕ ہٕند ییزار)

خوتن دیدٕ چھے خاندارس کشرٕ دگار ژھانٛڈان ژھانٛڈان الغابہٕ اَکس پلوٚ پھٹیجہٕ منٛز پننٕ خاندرک
ییزارٕ لبان تہٕ تمس چھے ییزارٕ وٕچھتھے اکھ عجیب حالتھ پادٕ گژھان۔ افسانہٕ نگار چھہٕ اکس خاص
فاصلس پیٹھہ دوٗری امہٕ حالژ ہنز سام ہیوان۔ سہٕ چھہٕ خوتن دیدٕ ہنز نفسیاتی کیفیژ سیٹھاہ قریب
مگر او سلوبک شوعوری خیال تھاوِنہٕ کِنہٕ چھپنہٕ پانیارک تہٕ نزدیکیہٕ ہٕند باس لگان یُس مثلن
بوٗنی مِس اقتباسس منز لگان چھہٕ:

"لوٚشہٕ گژھہٕ آیہٕ نہٕ راتس اَکس برٕنزس تہٕ نیٛندرٕ۔ خبر کم کم خیال وٕتھی تس۔
گوٚ دمین چھے کار انہی! کیاہ اوس اَمس گوٚند فاتر نہٕ کوٗر طالے! وولہٕ بی،
تو تہٕ آیہٕ جانے نصیبہٕ پیٹھہ خاندارس کیتھ۔ نتہٕ گیہٕ سوٚ شکس لدنٕ، زٕ ژ تہٕ میٹ
کرن رانٕس کانہی۔ خبر گاشن آسیاہ باسکل اوٚنمت؟ دپان اوس اگر کانہہ
قسطن پیٹھہ دِیہٕ نیلرانہٕ ضورو۔ زٕنگہٕ چھس بچارس رٕنی دار پیٹھہٕ دفتر تام وٕ تھلی
تران تھکان۔ اگر لوٚز بوٗزٕ ولیف چھے ییترٕ راتس گو بان۔ خبر تتہٕ کاژاہ تیر آسہٕ؟

صائبس اتھ لیکھناوِ گاشس زِ پننہٕ گرٕ نبر آسہٕ ژیر تام روزان، لانتہٕ ژھنِتن تتھ جوٲہر نگرکِس کورٕ ٹیوٗشنس۔ بگوان ژھپن اگر کُنہٕ پھرِ کینہہ کیتھ آسِہس، زٕیوٗنہٕ لوِنہٕ۔ کیاہ بلاے ٲلی ہیتھ ٲس چاندنی چوکہٕ کنِنہٕ ہٹس لایق کاٲتیاہ کِٹ بشاٹ اُسی کنِنہٕ...... (بیترِ)"

(ہری کرشن کول: تاپھ)

پوشہٕ کنج (اکھ پرانہٕ فاشِنج بڈ) چھےٚ نیچوِس تہٕ لوٗشہٕ ستی دِن ہس دِلہٕ ہنٛدِن بازرن ہنٛد ساٲل کرتھ تھچمٕژ تہٕ کٕنی زٕنی چھےٚ بسترس منٛز پانسے ستی رٲد مٕژ۔ اُمِ ہنٛدِس ذیہنس منٛز چھےٚ تقریبن تٕرِ ھے نفسیٲتی حالتھ پادٕ گژھان یِژھ چیز چھ ایس سٕنز لوٗکیسز ناولہٕ منٛز موالی بلوٗم سٕندِس ذیہنس منٛز پادٕ چھےٚ گژھان ییلہٕ سو بستر پیتھ نِندٕرِ پادٕ نچ کوٗشش چھےٚ کران۔

ہری کرشن کول سٕنز تیکنیک تہٕ چھےٚ تیتھ اقتباسس منٛز ژیتہٕ وٕز (STREAM OF CONS- -CIOUSNESS) ٹیکنیکہٕ ہشِ۔ ماحول چھ رٲژ ہنٛد تہٕ لیکھن وول چھ پوشہٕ کجہٕ ہنٛز نفسیٲتی کیفیژ متلق پانہٕ تٕرِ ژنکس منٛز تکیانہٕ انسانہٕ سٕند ذیہن چھ برنزِ پتہٕ برنزِ بدلوٗن۔ یہ چھ اکھ مسلسل بےٚ شقہٕ عمل نہٕ زِ کانٛہہ ٹھہرتھ حالتھ ییتھ زن لیکھن وول کیمرٲیی باریکیہ سان تصویر ہیکہٕ تُلتھ۔ گوڈنکس تہٕ دویمس اقتباسس چھےٚ یہے فرق زِ گوڈنکس منٛز چھےٚ خوتن دیدہٕ ہنٛز نفسیٲتی کیفیتھ حالتھ ژانتھ یاد نہٕ آمژ۔ تہٕ دویمس اقتباسس منٛز چھےٚ یہ اکھ بےٚ شقہٕ تہٕ بےٚ ترتیب عمل۔ گوڈنیک چھ نثری اُسلوٗبُک اکھ نفیس نموٗنہٕ ییلہٕ زن نہٕ دویمِس منٛز اسلوب چھُے۔ دویمِس منٛز چھ لیکھن وول پوشہٕ کجہٕ ہنٛدس ذیہنی وُتھ وارس ستی لفظ ترِ ژاران۔ یمہٕ کنِنی امیک نثر ڈلہٕ وُن تہٕ اکھ اکِس ستی دیجہٕ سان لاگتھ جملن ہنٛز سوٗمبرِن چھ۔ نثر نگار چھ کردارٕ سٕنزن خاہشن، یادن، تمی سٕندِن احساسن تہٕ وہمن کامیٲبی سان پیش ہیوٗکمُت کٕرِتھ۔

۷۔ داستٲنی نثر۔ یہِ چھنہٕ زمانہٕ ییلہٕ زن داستان، لگہ کتھ، کٲہاوتھ، قصہٕ تہٕ اساطیر ہیکہٕ بوٗزِتھ تخلیق سپدِتھ مگر یہ چھ پَتہٕ زِ ازکیُک نثر نگار ہیکہٕ ضرور وٕرتاوِ منٛز بیانی صنفن ہنٛز

ٹیکنیک ورتاوِتھ۔ییلہِ اکھ افسانہٕ نگار یا ناول نگار یِژھہٕ ہِش ٹیکنیک ورتاوِ تمیک مطلب گوو سُہ چھہٕ بروٚنہہ تیار کرنہٕ آمُت اُسلوب ورتاوان تہٕ سُہ چھہٕ لفظن تہٕ ترکیبن ہُند پنُن شخصی ورتاو ترٲوِتھ بروٚنہہ مقرر کرنہٕ آمُت کانہہ لفظٕ ورتاو اِختیار کران۔یوٚدوے اتھ منز تہٕ تمی سٕندِ شخصی جذبن ہنز لہر لفظن ہنزن لیوٚت ژھاین منز آسن مگر ظٲہری طور چھےٚ داستٲنی نثرس منز تخلیقکارسٕنز شخصیتھ غٲب روزان تہٕ نثر چھہٕ تخلیق کارسٕنز شخصیژ کُن کانہہ حوالہٕ دِنہٕ روٚس بروٚنہہ پکان۔

"اکہِ زمانہٕ اُس کوہِ قافس پیٹھ اکھ پری تہٕ ہیر وٕہس گوو اُمس سٕتی عشق۔پری اُس خوبصورتھ،زلف کالہٕ شہمار ،ڈیکہٕ ماہتاب،بُتھ افتاب بمہٕ کمان،اچھ گولاب،اُنز نہٕ گردن،تہٕ سینہٕ انارٕ ڈیپتان تہٕ توٚنہٕ لوٚن کُن زٕ روٚ پیہٕ مِنار،یمن لوٚت کُن گُل لالن منز دلِتھ گوہرِ یکہ دانہٕ اوس۔یِم گلالہٕ اُسی نہٕ کانسہِ علی بابانہٕ سیم سِمہٕ سٕتی مژر نہٕ لیوان۔تہٕ کونز اُس جینن کوہِ قافہِ چیر اکِس نچہِ منز روزِتھ آزمژ۔"

(کوہِ قافس پیٹھ پری جِن تہٕ ہیرو۔فاروق مسعودی)

وونی اُسی اُسی صرف ترےٚ زٕنی ینہہ کُن روزی مِتی ؛ بہٕ اکھ شٲیر ،قلندر تہٕ ساد مکار۔چونکہِ اُسی اُسی نہٕ یژھان سُہ گوژھہ فوٹوگرافرسٕنز لاشہِ بےٚ حُرمتی کرُن،اوکنی ترٲو اَسہِ پننہٕ سارےٚ مصلحتھ اندیشی تہٕ فوٹوگرافرسٕنز لاش ترٲو دری یاوس۔دری یاوس الوپرتر نہٕ بروٚنہہ تُل اسہِ حلف تہٕ پننہٕ پننی کتھ دٕرٲو۔قلندر اوس یژھان تمس زنادےٚ رٹُن،ساد مکار اوس یژھان تمی سٕند نوٹ تہٕ بہٕ اوسُس مالی سٕند قسم لُور گرِتھ عفریتہٕ سُند وجود ےٚ یژھان مٹاوُن۔"

(میانہِ خونچ کتھ۔گلشن مجید)

کتھ نہٕ اُس ڈیکس تل سجدگاہ تھوونچ تہٕ نہٕ اوس سوال ییمہٕ کتھہٕ ہُند زگری سوارس

تلوار لاین واتِس کھسیا پھاسی کِنہٕ واتہٕ سنگسار کرُن بہرحال دولکھ سہ یوٚہے ہِتھ
رُٹتھ ماجہِ ہنٛز گھونہِ اندر لیتھ وان تہٕ پتھر کنہٕ کوٚرہس یدٕ برتھ شلکھ۔

(فلمی ٹریلر۔ بشیر اختر)

یم ترٛینوے اقتباس چھِ ترٛین افسانن ہندی تمہیدی حصہٕ۔ ترٛشونی اقتباسن منٛز چھےٚ اکھ کتھ مشترکہٕ زِ صورت حال چھُ غار عقلی۔ تہٕ یہ خاصیتھ چھےٚ لکہٕ کتھہِ ہنٛز ادبین خاصیتھ۔ مگر لکہٕ کتھہِ ہنٛزِ غار عقلیژ تہٕ یمین افسانن ہنٛزِ غار عقلیژ چھےٚ فرق یہ زِ لکہٕ کتھ منٛز چھُنہٕ غار عقلیژ ہند باس لگان تکیازِ غار عقلی عنصر چھُ تتہٕ پانے پننُ مقصد۔ تتہِ چھُنہٕ یہ امہِ نیبر بیٚیہِ کنہٕ چیزس کُن اشارہ مگر یمین افسانن منٛز چھُنہٕ غار عقلی عنصر پانسے منٛز توجہہ شر پرادان بلکہٕ چھُ متضاد حالتھ یادٕ گرتھ گوڈے بیٚیہِ کتھ تام چیزس کُن توجہہ پھِران۔ گوڈنکس اقتباسس منٛز چھُ "ہیرٕ سُند آسُن پترٕ ہِ ڈالان" دوٚیمِس منٛز "فوٹوگرافس ہنٛز لاش" تہٕ مختلف ڈاکٹرن ہندی کردار عفریتس خلاف جنگس پیٹھ رواںٕ آسٕنٕ تہٕ ترٛیمس منٛز ماجہِ ہنٛز گھونہٕ منٛز شیر خار بچس پتھرِ پیٹھ ڈالتھ شلکھ کرُن۔ یوٚہے چھُ ثوبوتھ زِ نثر نگارن چھُ مقصد ایرنی (IRONY) ییٚمہٕ باپتھ تمو داستانی انداز ماسک (MASK) چھُ بنوومت یتھ سیدِ سیود بیان دنہٕ نشہٕ تہٕ بچن تہٕ تفریح تہٕ ہکن دِتھ۔

نثرس منٛز چھِ لیکھنکی یم کینٛہہ خاص طریقہٕ مگر بیٚیہ تہٕ چھِ کاتیاہ طریقہٕ۔ چونکہ کاشرس منٛز چھُنہٕ نثر دنہٕ تہٕ بسیار مقصدن ہندِ خاطرٕ ورتاونہٕ آمُت۔ ییٚہندا چھُنہٕ ضۆرورتھ تمن قسمن پیٹھ کتھ کرنک ییٚنہٕ مثال تہٕ کاشرس منٛز چھُنہٕ۔ یمن قسمن منٛز چھُنہٕ کانہہ قسم کھسی پایہ زباتے آسہن وسی پایہٕ پزر چھُ یہ زِ جان نثر گوڈسے یُس پننس موضوعس مطابق آسہٕ یتھ پاٹھو ییٚمہٕ کل بجتہٕ تلہٕ نان چھُ ہیٚژ پیٹھ تیتھے کتھ دوٚد تھان چھےٚ مواد چ کتھ تہٕ چھےٚ پانے دوٚد تھان مواد تہٕ ہیتھ چھِ اژھان۔

# ۸

# اُسلوٗب

۸۔۱۔ اُسلوٗبُک تصوٗر۔ زبان چھےٚ قٲیدن تہٕ ضٲبطن ہُنز اکھ ترٛہ سوٗمبرن یُس یمہِ کَن حدن منز رٕوزتھ تمہِ زبٲنی ہنارِس پرتھ کٲنٛسہِ بوٗلن وٲلِس انتخابُک اختیار چھُ۔ پرتھ کٲنٛسہِ زبان بوٗلن وٲلِس چھِ زبان ورتاونٕکی انفرٲدی طور طریقہٕ یَاد لو "اُسلوٗب" یتہِ یوت نہٕ تمِس چھُ پننہٕ مخصوٗص "اسلوٗبہٕ" ورٲے بیٚیہِ تہِ واریاہن "اُسلوٗبن" پیٹھ دسترس حٲصِل آسان یِم سُہ مختلف موقہٕ محلہٕ مطٲبق ورتاوان چھُ۔ گوٚدٕ پرتھ کٲنٛسہِ چھُ پننہٕ زبان عجیب پٲٹھۍ یا نے موٗمولہٕ ڈلتھ بوٗلنُک اختیار ٹکیازِ پرتھ کانٛہہ چھُ پننہ مزازٕ کنۍ "عجیب" آسان۔ تخلیقکار یُس سارنۍ ہنٛدِ کھوتہٕ "عجیب" چھُ آسان چھُ سارنۍ ہنٛدِ کھوتہٕ عجیب اندازٕ زبان ورتاوان یا دلو تمۍ سُنٛد اُسلوٗب چھُ سارنۍ ہنٛدِ کھوتہٕ "ناکارٕ پٲٹھۍ بیوٚن تہٕ بڈٕ ڈن آسان۔ تمۍ سُنٛد زبان ورتاونُک بیوٚن تہِ بڈٕون طریقہٕ چھُ تمۍ سُنٛد اُسلوٗب۔

یہٕ سوٗرُے کٔنہہ دنتھ تہِ (بیٚیہِ تہِ اگر کوتاہ تہِ دنہٕ یِیہِ) چھُ اُسلوٗب اکھ سیٹھا مبہم اصطلاح یتھ بے شمار مانے چھِ دنہٕ آمتۍ۔

۸۔۲۔ اُسلوٗبکۍ ترٛے مانے۔ مڈلٹن مری چھُ اسلوٗبکۍ ترٛے واضح مانے بدِ کڈان۔ ر۱

۸۔۲۔۱۔ اُسلوٗب چھُ بدٕ دنیتھ۔ اُسلوٗبُک یہٕ مانے چھُ تمہِ ساتہٕ ذہنس منز روزان ییلہ

---

ر۱ MIDDLETON MURRY,

THE PROBLEM OF STYLE (1922)

وٕلنوٕ زِ مٮ۪ے پرزٕلوو یہ گرٛژھ فلانۍ سُنٛد مضمون آسُن۔ تمِس چھُ اُسلوٗب"۔ گو واُسلوٗب
چھُ زبان ورتاونُک سُہ ہیٚوٗن تہٕ بدٕلوٗن لہجہ یمہٕ ستۍ اَسی کانٛہہ لیکھن وول پرزٕناوِتھ
ہیٚکون۔ یہ چھُ پوٗز زِ اَسی ہیٚکون ساس شارو منٛز لال دێدِ ہٕنٛد شار پرزناوِتھ۔ اَسی ہیٚکون
وارِہو شارو منٛز اہین کاملُن شار یا رحمان راہین شار پرزٕناوِتھ۔ مگر وارِیہن لیکھن
وارِین ہٕنٛد لہجہٕ پرزٕناوُن چھُنہٕ سہل اُسلوٗب پرزناوُن چھُ وارے مُشکل بنان ییلہٕ کانٛسہٕ
شاعرس یا ادیبس تقلید کرن واٲلی وارِیاہ آسَن۔ یہ پزِ پٔتیٖن زِ تِمَس تھاوُن زِ کانٛسہ ادیبہٕ
سُنٛد اُسلوٗب بدٕ نظم نثرس مانیس منٛز آسُن چھُنہٕ لازمی من تمی سُنٛد کانٛہہ بجر۔ واز محمودس
چھُ ٹاکارٕ پاٹھو ہیٚوٗن تہٕ بدٕلوٗن اُسلوٗب مگر یہ چھُنہٕ ہرگز تہٕ رُت اُسلوٗب۔

۸-۲-۲۔ اُسلوٗب چھُ بیا کھ صلاحیتھ۔ اُسلوٗبُک یہ مانے چھُ تمہٕ ساتہٕ ذہنس منٛز
روزان ییلہٕ وٕلنوٕ زِ فلانِس چھُ نفیس خیال مگر تمِس چھُنہٕ وَنُن ینٛگان۔ تمِس چھُنہٕ اُسلوٗب"۔
اُسلوٗب چھُ اَتھ مانیس منٛز اکھ گوٗن یُس مینٛخٕشرہ ستۍ اَسی پانس منٛز پادٕ ہیٚکو کٔرِتھ۔ لیکھنکۍ
چھِ کینٛہہ ماگہ میتی تہٕ زانۍ میتی لوازم مثلن سیوٗد تہٕ سادٕ لفظ ورتاوُنۍ، اختصارس کام ہیٚنٛز، گرامرُک
گرٛژھ خاص خیال یُن تھاونہٕ بیتر۔ اگر تیتے یوت اُسلوٗب آسہے یہ ہیٚکہ ہو کُنہِ شوکوٗس منٛز
ہیچھتھ۔ چونکہ صحافتھ چھپے پزٕ پاٹھو ہیچھناونہٕ یوان مگر اُسلوٗبُک یہ مانے چھُنہٕ تخلیقی ادبہٕ
خاطرٕ صحی۔ یہ چھُ صحی صرف تمن تحریرن ہٕنٛدِ خاطرٕ یمن منٛز واقعیتھ باونہٕ آسہٕ آمژ یا خیالن ہٕنٛد
آسہٕ اظہار کرنہٕ آمت، چونکہ تخلیقی ادبُک تولق چھُنہٕ واقعیتس یا ترتیب وار خیالن سۭتۍ بلکہ تخلیق کار
سُنٛدِ ین احساسن، جذباتن تہٕ تمہ سُنٛدِس تخیلس ستۍ۔ اگر ادب پارٕ یمن ہٕنٛدِس واتناوُنس
منٛز کامیاب اوس اُسلوٗبُک چھُنہٕ تیلہٕ کانٛہہ مسلے پادٕ گژھان۔

۸-۲-۳۔ اُسلوٗب چھُ تخلیق کاری ہٕنٛد کمال۔ اُسلوٗبُک یہ مانے چھُ تمہٕ ساتہٕ
ذہنس منٛز روزان ییلہٕ اَسی وٕلنوٕ زِ فلانۍ شاعر سُنٛدۍ ساری خیال چھِ پرانۍ یود وے سہ
مُشکل پسند چھُ مگر تو تہٕ چھُ تمِس اسلوٗب، اَتھ مانیس منٛز چھُ اُسلوٗب سہ اکھ گوٗن یُس

خال کانٛسی حاصِل چھُ آسان۔ اتھ مانیس چھُنہٕ اُسلوب بدونیٚشِر تامے محدود روزان بلکہٕ چھُ یہِ شاعرٕ سندس ذاتی اندازس تہٕ آفاقیٚشر پانٕہٕ وٕنی میل گرٛتھنگ ناو۔ یہِ کتھ ہیکو اسی کنہِ للہٕ داکھس متلق وٕنتھ یُشش رنگ ہشہِ کنہِ نظمہِ متلق وٕنتھ۔

۸-۳- اُسلوبچ لِسانیاتی وضاحتھ : سون یہِ بحث چھُ صرف تِتھی اُسلوبس تام محدود یُس زبٲنی شٕندس ورتاوس منز ظاہر چھُ سپدان۔ لیٚہٰذا روزِ تۄتام اُسلوبگ پرتھ کانٛہہ تعریف مبہم۔ یۄتام نہٕ اَمِچ لِسانی وضاحتھ یِیہِ تلاش کرنہٕ۔ روالف سینڈیل چھُ اُسلوبُک تعریف یمِن لفظن منز دِوان۔

"اُسلوب چھُ غار مالوٗمی لِسانی انتخاب کرنُک اکھ مخصوص طریقہٕ"۔[1]

اتھ تعریفس ستی رلوٗن تعریفہٕ چھُ ڈولیچیل تہٕ دوان[2] یُس خلاصہ آٹھی یہِ چھُ زِ اُسلوب گوٚو متبادل عنصرن منز لگاتار انتخاب۔ اتھ انتخابس منز چھِ زٕ اُصوٗل پتہٕ کنی آسان: داخلی یا انفرادی تہٕ خارجی یا سیاقی۔ بیٚیہِ تہٕ چھِ واریاہو لِسانیاتی ماہرو اُسلوبکی تعریفہٕ پیش کٔرِمتی مگر اسی بناوَو صرف یمے زٕ تعریفہٕ بحثچ بنیاد تکیازِ یم چھ باقیو مقابلہٕ میانہٕ خیالہٕ زیادٕ وضاحتی۔ ہیٚرِ میوٚ ردٕ یمو تعریفو تلہٕ ہیکو اسی یِم کیٚنہہ نتیجہٕ کڈِتھ:

۸-۳-۱- اکاے کتھ وننکی چھِ اکھ کھوتہٕ زیادٕ طریقہٕ۔

۸-۳-۲- وننُک اکھ طریقہٕ ژارنس ہیکن زٕ وجہہ آسِتھ : داخلی یا انفرادی تہٕ خارجی یا موضوعی۔

۸-۳-۳- اُسلوب چھُ وننُک اکھ مخصوص طریقہٕ۔ 'مخصوص' لفظِ تلہٕ چھُ مطلب یہِ زِ وَنن وول کرِ مستقل پأٹھی کانٛہہ اکھ طریقہٕ اختیار۔ یُس طریقہٕ باقی تمام طریقوٚ نشہٕ بیوٚن آسہِ مثلن

---

1, ROLF SANDELL; LINGUISTIC STYLE AND PERSUATION (1977)

2, DOLEZEL. STATISTICS AND STYLE (1969)

کُنہِ کتابہِ منز آسہِ کانٛسہِ ادیبُن ژھوٚٹۍ جُملہٕ تہٕ بے ساختہ زبان ورتاونُک طریقہٕ۔ اُسی وچھوا تھو کتابہِ منز مختلف جایَن۔ اگر یِہ پرٛتھ جایہِ ژھوٚٹۍ جملہٕ اُسی تہٕ زبان اُس بے ساختہٕ' اُسی وَنوٚ زِ ادیبہٕ سُند طریقہٕ چھُ مستقل۔ کُنہِ طریقہٕ کہٕ ہیوٚن آسنُک مطلب گوٚو یہِ زِ یِہ آسہِ نارمل طریقہٕ نِشہِ ڈلتھ۔ مگر اتھ چھُ مسلہٕ یِہ زِ اگر اُسلوٗب نارمل گفتارکہِ طریقہٕ نِشہِ ڈلتھ طریقہٕ چھُ' نارمل کتھ وَنوٚ۔ اگر نارمل گفتار گوٚو سُہ گفتار یتھ منز نہ ذاتی وَنتھ بلکل آسَن تہٕ لفظ کیوٚ جملہٕ آسَن رلوٗ اَثر مطابق۔ مگر عام گفتار چھُنہٕ یتھ آسان۔ عام گفتارس منز چھِ رِواتی ورتاوس لرِ لوٗر ذاتی ورتاو تہِ روزان تہٕ یُس ورتاو ذٲنتھ مانتھ خالص رِواتی ورتاوَن تاپے محدود روزِ سُہ تہٕ بنہِ اکھ اُسلوٗب۔ بیاکھ مسلہٕ چھُ یتہٕ زِ کتھ حدس تام گژھ کانٛہہ ورتاوٕ لِکھ ڈلتھ آسُن زِ یہِ دِیہِ اُسلوٗبُک باس۔ پرزِ چھُ یہِ زِ زبانی ہُند پرٛتھ کانٛہہ ورتاوٕ لِکھ چھُ یَنہِ جایہِ نارمل طریقہٕ تہٕ بیہِ اگر ڈلتھ بیہِ زانُنہٕ بیہِ چھُ بٔیہ کُنہِ ورتاوٕ نِشہِ ڈلتھ۔ امی ڈلتھ آسنہٕ نِشہٕ چھُ کانٛہہ ورتاوٕ لِکھ ہیوٚن تہٕ بدلوٗن۔

گوٚو اُسلوٗب چھُ مخصوص تٔلی یٔلہ یہِ مستقل پاٹھۍ زبان ورتاوٕنہٕ کیوٚ باقے سارِوے طریقوٚ نِشہِ ہیوٚن آسہِ۔ امیُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ اُسلوٗب چھُ زبان ورتاونُک غار رِواتی تہٕ عجیب طریقہٕ بلکہِ چھُ یہِ صرف باقے طریقوٚ نِشہِ کانٛہہ مختلف طریقہٕ یتھ ورتاوَن والی سُنٛز شخصیژ ہُنز موہر بیٚمژ آسہِ (وُچھو ۸۔۴)

۸۔۳۔۴۔ اُسلوٗبس منز چھُ غار مالوٗمی لِسانی متبادلَن ہُند انتخاب سپدان۔ چونکہِ زبانہِ چھے اظہارٕکۍ امکانن ہُند لامحدود خیرٕ تہٕ واقعی وَنتھ چھِ محدود، لِہٰذا چھُ وَنن وول یا لیکھن وول زبان ورتاونس منز انہٕ وزِ اکھ (کُنہِ ساتہٕ شعوری تہٕ کُنہِ ساتہ لاشعوری) انتخاب کران۔ پرٛتھ کانٛسہٕ زبان بولن والِس چھُ زبٲنی ہُند یہِ گیتھ زخیرٕ پرٛتھ وِزِ دستیاب آسان۔ یٔلہ سُہ پھِرِ پھِرِ کُنہِ لِسانی عادتُک مظاہر کرِ اُسی وَنوٚ تمِس چھُ پنُن اُسلوٗب۔ (اکُے وَنت یا جملہٕ بردنٛٹھ کِنۍ تھاوِتھ ہیکوٚ نہٕ اُسلوٗب پرزنٲوِتھ)۔ گوٚو پرٛتھ کانٛہہ چھُ وِزِ وِزِ بے شمار

ونتھ بولان تہٕ پرتھ کانسہٕ چھُ پنُن مخصوص لِسانی عادتھ آسان تہٕ لیٚہذا چھُ پرتھ کانٛہ زبان بولن والِس پنُن اُسلوٗب آسان۔ اُسلوٗب چھُ تیتھٕ پاٹھۍ پننِس کُنہِ لِسانی انتخابُک تکرار۔ یہ اُسلوٗب چھُنہٕ صرف ہم مانے لفظن (مثلن زٕمین، بتراتھ، بُتھل بُم) منٛز انتخاب کرُن بَلکہ اُسلوٗبس منٛز چھُ بییہ تہٕ وارِیاہن چیٖزن ہُند انتخاب سپدان۔ مثلن باوتھن، گراوتھن پیکرن، استیارن، تشبیہن تہٕ باقے النکارن ہنٛدس ورتاوس منٛز، جملن ہنٛدس گرتس منٛز وغیرہ زبانن ہنٛدِ بن لفظن ہنٛدس ورتاوس منٛز بیترِ۔ اُسلوٗبُک مطالہٕ چھُ اُکنِہ یمن سارنٕے چیٖزن ہُند مطالہٕ۔

**۸-۴۔ اُسلوٗب تہٕ شخصیتھ۔** گوٗلفورڈ (GUILFORD) چھُ شخصیٖژ ہُند تارٖیفہٕ یِتھٕ پاٹھۍ دِوان:

> "اکِس فردس‌ہنٛز شخصیتھ گیہ تمہِ سندِ ین وطیٖرن ہنٛز مخصوص ترتیب۔ تہٕ اکھ وطیٖرٕ گوٚو سُہ امتیازی تہٕ تہٕ وارِیاہس حدس تام یوٗشہ وُن طرٖیقہٕ یُیمہ کنہِ اکھ فرد بیٚیس فردس سٟتۍ پھیر چھُ ہاوان۔"[1]

اُسلوٗب چھُ ادیبہٕ سنٛز لِسانی شخصیتھ یتھ منٛز زبان ورتاونکۍ تمہِ سندۍ ساری بدٕون طرٖیقہٕ شامِل چھِ (وچھو ۸-۲) مگر یم بدٕون طرٖیقہٕ چھِنہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ۔ ییلہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ آسن تیلہٕ چھےٚ یہ فُضوٗل بدٕونیتھ یتھ پاٹھۍ زن مےٚ واز محمودنِس اکِس غزلن ہنٛز مثال دِژ۔ جایز بدٕونیتھ گیہٕ سوٕے یتھ پتہٕ کُنہ شاعر سنٛز یا ادیبہٕ سنٛز ذاتی جذباتی ترٛاے آسہٕ۔ مگر یہ ذاتی جذباتی ترٛاے لبنہِ چھےٚنہٕ پرتھ ادب پارس منٛز سہل کتھاہ۔ عام باتن منٛز چھےٚ یہ سطحس پیٹھے آسان تکیازِ بنیادی جذبہ چھُ سیٹھاہ ساد آسان تہٕ پرتھ کانہہ مانے چھُ شاعر سند بدٕون لِسانی وطیٖرٕ مطابق لفظ رٹان۔ شاعرس چھُنہٕ زانہہ زبانی سٟتۍ کانہہ مجادلہٕ پیوان کرُن۔

---

1. GUILFORD,

غار شخصی یا دلو موروضی یا ئژ تو حقیقتھ پسند ادبس منز کتھ پاٹھی ہکو یہ جذباتی ترائے لُبتھ۔ مثلن گژھ حقیقتھ پسند یا غار شخصی ڈراہس یا ناولہِ منز کتھ جایہ ووچھو شاعر سُنز جذباتی ترائے تہ تمہِ کِہ مدتہ تمی سُنز لسانی شخصیتھ؟ یوہے سوال ہکو پرژھتھ تمن سارنے ادب پارن متعلق تہ یمن منز شاعرن یا ادیبن پننی جذبہ ڈرامایی شکلہِ منز آسن پیش کری ہتی۔

حقیقتھ پسند ادب چھُ اکھ بےمانے ناو۔ "REALISM IS A CORRUPTION OF REALITY" ؎۱ ۔ اسہِ منز چھُ پرتھ کانہہ خارجی حقیقتھ پننہِ پننہِ اندازہ زیانن تہ پرتھ کانسہ نِش چھُ حقیقتھ ہنز پنن ہیون تہ بدون تصور۔ نام نہاد حقیقتھ پسند ادیب تہ چھُ پنن یوہے تصور پیش کران۔ تہ تمی سُنز کام چھےٚ یژھے سہ کرِ پرن والین منز "WILLING SUSPENSION OF DISBELIEF" ؎۲ پادہ۔ امہِ خاطرہ چھُ تمس پنن فن ضرور زِ دزھ تہ سُہ فن چھُ زبان ورتاونہ چیہ تمی سُنز مہارژ کنی نوون نیران۔ اتھ جایہ چھُنہ تمس بییہ کانہہ شریک۔

ڈراما آسی تن یا ڈرامایی ادب یوٚدوے لو کتے نظر کانسہ کردارہ سندے چھُ [illegible] آسان مگر اتھ چھُ پتہ کنی تخلیق کارہ سند انفرادی جذباتی ڈلیر ضرور آسان۔ اتھ منز چھُنہ صرف بدس کالکی جذبہ شامل آسان بلکہ پننہ کُل وانسہ ہندی جذبہ تکیانہ پرتھ کانہہ چھُ پننہِ ساری ہے وآنہ منز دار دارہ پنن مخصوص جذباتی وطیر بناوان تہ اتھ پھانپھلاوان روزان۔
امی جذباتی وطیرچہ رہبری منز چھُ تخلیق کار پننی موضو ژھانڈان روزان۔ سُہ چھُ سے موضو ژاران یس بقول بودلیر "تمی سُنزہ اہمیژ ہنز علامتھ چھُ بنان"۔ لیہذا یہ آسی تن شش رنگ "نظمہِ ہنز لولہ منزہ ہنز رے" یہ چھےٚ رحمان ڈارنی لے یہ آسی تن شہزھ کونس لیر بادشاہ سُنز آواز یہ چھےٚ شیکسپیر سُنز آواز ____ اُسلوبک آگر چھُ داخلی۔ بفون سُند یہ قول ہیوک نہ دنیکتام مکمل پاٹھی رد سپدتھ زِ "اُسلوب چھُ شخص"

---

۱۔ WALLACE STEVENS, OPUS POSTHUMOUS

۲۔ COLERIDGE, BIOGRAPHIA LITERARIA

**٨-٥- اُوسلوٗبکیٖ شرط** : یِوٚدوٚے اُوسلوٗبُک آگُر داخلی چھُ مگر تمیُک مطلب چھُنہٕ زِ اتھ پیٹھ کیا چھُنہٕ کانٛہہ خارجی شرط۔ اُوسلوٗب ورتاوَن وول چھُ مُسلسل یمَن شرطَن ہُند شوٗعور تھوان۔ یِم شرط چھِ :-

**٨-٥-١- موضوٗعہٕ مواد** - زبان ورتاوَن والِس چھُ پرٛتھ ساتہٕ موضوٗعُک خیال پیوان تھاوُن یُتھ مطابق سُہ مواد ژاران چھُ۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ مواد چھُنہٕ اُوسلوٗبس پیٹھ تیوٗت اثر تراوان یوٗت موضوٗع چھُ۔ مثلَن اکھ قصیدہٕ تہٕ مرثیُک سُہ حصہٕ یتھ منٛز مرَن والی سٕنٛدی تارِیفہٕ آسَن کرنہٕ آمتی چھِ اُوسلوٗبہٕ کِنۍ بِلکل جُدا گانٛہہ۔ یتھے پاٹھی چھِ سٹیجس پیٹھ بٔہتھ سیاسی لیڈرٕ سٕنٛدی تارِیف اَکِس اُوسلوٗبس منٛز کرنہٕ یِوان تہٕ مودی متِس سیاسی لیڈرٕ سٕنٛدی تارِیف بیٚیِس اُوسلوٗبس منٛز۔

**٨-٥-٢- موقہٕ محل** : "ہوٗنِس آلو کرُن، شُر سنبلاوُن، نصابچ تشریح کرٕنۍ، نسخہٕ دِیُن، یراد کرُن" لہٰ بیٚترِ چھِ دۆہ دِ ہنٛجہِ زندگییہ منٛز بے شمار موقہٕ یِم مختلف آسنہٕ کِنۍ مختلف زبان منگان چھِ۔ فکشنس منٛز چھُ لیکھن وول مُسلسل پننۍ ذاتی اُوسلوٗب مُشراوِتھ پرٛتھ کُنہِ موقہٕ محلہٕ مطابق زبان بدلاوان یتھ منٛز کِردار آدر آسہٕ۔

**٨-٥-٣- بوزن وول** - وَنن وول چھُ ہمیشہ بوزن والیٚن ہنٛز والِنس تِمُن سُند مزاز، سماجی رتبہٕ، تِمن ہنٛز تالیِم تہٕ خاص کٔرِتھ پانس تہٕ تِمس درمیان رشتن ہُند خیال تھٔوِتھ زبان ورتاوان۔

**٨-٥-٤- سماجی حالتھ** - زبان ورتاوَن والیٚن ہنٛز پرٛتھ کُنہِ رنٛگٕچ سماجی حٔثیت یتھ : والِنس جنس، مذہب، پیشہ، ذاتھ، تالیِم کلچر بیترِ چھیے تِمن ہٕنٛدِس لِسانی وطیرس یا وٚلنو اُوسلوٗبس پیٹھ وارِہس حدس تام اثر تراوان۔ وۆنۍ گوٚو اتھ مادانس منٛز کام کرن والی ماہر چھُنہٕ بوٗلن والیٚن ہٕنٛدِس لِسانی وطیرس منٛز سو فرق اُوسلوٗبُک عنصر زانان یُس والِنسہٕ بیٚیِس سِتی زبانی پیٹھ تِمن ہنٛز دِہار ژٔرِ منٛز یِوان چھیے۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ سۆ گوٚلُن

منز مشترکہ تاٲیم تہٕ کتابہٕ، ریڈیوٗ فلم اخبار بیترِ چھہٕ اُسلوبُک یہ بین وار یہس حدس تام کم کران ۔ مگر سمٲجی حثی یتھ چھے مستقل پاٹھی بوٗلن وٲلی سنٛدس اُسلوبس پیٹھ کم یا زیادٕ اثر تراوان روزان ۔

۸-۵-۵- یرادٕ ۔ زبان ورتاونس دوران چھُہ بوٗلن وٲلس یوزن وول متاثر کرنُک یرادٕ ضرور ورِ یتہٕ کنہٕ آسان ۔ تیتھ کالہِ آسی بلاغتکی ٲہر پریتھ کانہہ کوشش کراں زبٲنی ہنٛد وُتشادٕ ول قوٕ وتھ ہرٲراونہٕ خاطرٕ ۔ مگر تمہ آسی یترہان زبٲنی منز النکار ورتاوتھ شعوری طور تجہیر پاد کرُن یمیُک نتیجہ اوس نیران تصنع تہٕ فوضول پارادٕ مگر از کالہ چھنہ ہریانہٕ النکارٕ تہٕ شعوری تجہیر پسند یوان کرنہٕ ۔ وُتشادٕ ول قوٕ وتھ ہیکہ تیٚلی ہرتھ ییلہِ موزوٗن لفظ موزوٗن جایہِ ورتاونہٕ ییہ ۔ مگر تہٕ گرتھ چھُہ وُتشادُک یرادٕ یتھ وتھ اُسلوبس پیٹھ اثر تراوان روزان ۔

۸-۵-۶- ذریعہ ۔ اُسلوبُک دار مدار چھُہ یتھ پیٹھ تہٕ زِ زبان چھاہ لیکھتھ ورتاونہٕ یوان کِنہٕ ونتھ ۔ وُچھنہٕ چھُہ آمت زِ ونہٕ آمژ زبٲنی منز چھہ جملہٕ آسان ڈیلیٖ استیفہامی حارتی تہٕ امری جملن ہنٛد تیداد چھُہ آسان زیادٕ تہٕ مخاطبس کُن چھہ آسان زیادٕ حوالہٕ ۔ اتھ برعکس چھہ لیکھتھ زبٲنی ہنٛد جملہٕ آسان چُست، تہٕ اکثر جملہٕ چھہ آسان بیٲنی تہٕ مُرکب ۔ ووں گو واسہ چھُہ خیال تھون زِ لیکھتھ زبان چھنہٕ سارے اکی قسمچ ۔ اتھ منز چھے یوان کتاب (کتھ تھن قسمن ہنٛدی؟) اخبار رسالہٕ بیتر ۔ تہٕ بولنہٕ آمژ زبٲنی منز تہٕ چھہ شٲمِل وار یاہ چیز شلن ریڈیوٗ تقریر کنہ باتھ، بیترِ ۔

۸-۵-۷- عام لسٲنی شرط ۔ اسہٕ موٗن زِ اُسلوب چھُہ زبان ورتاونُک کانہہ سُہ طریقہٕ یُس غار رلواتی آسہ تہٕ موٗولہٕ نشہِ ڈلتھ آسہ ۔ بنیہ طریقہٕ چھُہ اُسلوب تیٚلی ممکن ییلہِ یہ کُنہِ مخصوص زبٲنی ہنٛدس دٲیرس منز تہٕ امہ کِبن قایدن تابیا آسہ ۔ ین دون کتھن چھنہٕ کانہہ تضاد کیٚو دوے باسان چھُہ، رلواتی یا موٗولُک ورتاو گو دیتھ پاٹھی عام پاٹھی اکثر موقن

پیٹھ اکثر لکھ زبان ورتاوان آسَن تہٕ اُسلوٗب گوٚو یتھی ورتاوُنٕچ ڈٕلُن۔ زبٲنۍ ہندِ بن قٲیدن ہُند دٲیر گوٚو وُسہٕ علاقہٕ یتھ منٛز روزِتھ وارِیاہن اُسلوٗبن ہنٛز گنجایش آسہٕ۔ یہِ لوٗکنہٕ تگہِ یتھ پٲٹھۍ بوزِن زِ کُنہٕ زبٲنۍ ہُند علاقٲیی پھیر یا زمٲنی پھیر ییہ نہٕ اُسلوٗبُک پھیر زانُنہٕ۔ مرازی تہٕ کمرازی زبٲنۍ ورتاوُس ہیکو نہٕ أسی الگ الگ اُسلوٗب زانِتھ، یا ژوٗدٲہمہ صدی ہندِ کٲشُر زبٲنۍ تہٕ وُہمہ صدی ہنٛز زبٲنۍ درمیان چھُنہٕ اُسلوٗبُک پھیر بَلکہ لِسٲنی پھیر۔ اُسلوٗبس پیٹھ چھےٚ لیہٰذا یہ شرط زِ یہِ گژھ ہِنٛزِ لِسٲنی علاقکۍ سٲری ضٲبطہٕ تہٕ قٲید تسلیم کرُن۔ اگر ژوٗدٲہمہ صدی ہندس لِسٲنی علاقس منٛز کانہہ نصاب آسہِ یہِ گژھِ گوٚو ڈٕتھمکۍ قٲیدہٕ تہٕ ضٲبطہٕ مانُن پتہٕ گوٚو موٗولہٕ نشہِ ڈٕیتھ ورتاو ــــ اُسلوٗب۔

# ۹

# لٔلہٕ واکھ ہنٛد شارٕ

لٔلہٕ واکھن ہنٛز سارٕے پھیر ہٲو خٲصی یتھ زانٕنہٕ خٲطرٕ چھِ گۄڈٕ نیتھے لٔلہٕ واکھن ہنٛدِس ہتُھٲنی اختصارس ستن ضورۄری رِتکیا زِ یہ اختصار چھُ باقے سارنٕے خٲصیژن ہنٛز بنیاد۔ لٔلہٕ واکھن ہنٛد اختصار چھِنہٕ تفکرک دیت یمہٕ موجب زن لفظن ہنٛد سختی سان انتخاب آسہے کرنہٕ آمت یا تفصیل آسہن کم کھۄتہٕ کم ورتاونہٕ آمتی تہٕ نہ چھُ یہ اختصار واکھن ہنٛد ژمصری (کیژن واکھن منٛز چھِ ژۄر کھۄتہٕ زیادٕ مصرٕ تہٕ) شارٕ صنفہٕ ہنٛد داخلی کردار۔ یہ چھِنہٕ ضورۄری زِ صنفہٕ ہنٛد اختصار کیا آسہٕ اظہارک اختصار تہٕ۔ مثلن رباعی چھے ہمیشہ ژمصری آسان۔ مگر ساپہ وادٕ رباعیہ چھے ازتام ترٛاہ لیکھنہٕ آمژِ یمن منٛز اظہارک اختصار یاد چھِنہٕ ہیوکمت سیدتھ۔ تہٕ رباعیہ متعلق چھے یہ کتھ برۄنہہ عام (لیوسہٕ اکھ غلط راے چھے) زِ امکین گۄڈنِکین ترین مصرن ہنٛز اصلی کتھ گژھہ ژۄریمس مصرس منٛز بۄنہ کنُن ینٕز۔ تیٖہے کتھ چھِ رباعی ونن والی غلط پاٹھی زانیتھ رباعیہ ہنٛدِ گۄڈنکی مصرعار ضورۄری تھاوان۔ رباعیہ منٛزے یوت چھِنہٕ یہ سیدان بلکہ غزلس منٛز تہٕ نظمہ منٛز تہٕ تہٕ نثری ادبس منٛز تہٕ۔ غزلس منٛز یہ عاب خاصکر تھ تمن شاعرن ہنٛدین غزلن منٛز سیدان یم کانہہ خوبصورتھ قافیہ تہٕ ردیف ذیہنس منٛز تھٲوتھ شار چھِ لیکھان تہٕ پتہٕ پاٹھی چھُ شارک گۄڈنیک مصرٕ تہٕ دۄیمہ مصرکی اکثر لفظ ہر کانہہ آسان۔ یتھے پاٹھی چھِ کینہہ نظم نگار اصلی کتھ نظمہ ہنٛدس آخری بندس تام پلہٕ تھاوتھ غار ضورۄری عبارژ بران روزان تہٕ آخرس پیٹھ کتھ لیوب تلان —— لٔلہٕ واکھن منٛز چھِنہٕ کُنہ تہٕ جایہ یہ فنی عاب نظرِ گژھان۔ لٔلہٕ واکھن منٛز چھُ پرتھ کانہہ مصرٕ بلکہ پرتھ کانہہ لفظ گرٛتھ ژرتھ ساختگ (STRUCTURE) ازیھن

چھِہ ۔ پَرتھ کانٛہہ مِصرٕ چھُ پننہِ جایہِ ضوٗروٗری تہٕ پننہِ جایہِ مُکمل تہٕ نہٕ الگ پاٹھۍ تہٕ چھُ فنی۔
تکمیلُک احساس دِوان ۔ واکھکۍ ژور مِصرٕ چھِ ژور اِکائییہ آسان تہٕ یکہٕ وٹہٕ رلیتھ چھِ اکاے وحدت
خلق کران یوسہٕ سون ظۄن ترکیبی اِکائین کُن چھِنہٕ نِوان بلکہِ کُلہم حیثین انگہٕ نیکتس (ORGANIC
UNITY) کُن۔ ووں گو تجزِیاتی مطالعہٕ خاطرٕ چھِ امہِ یکتہٕ کِس بیون انگن تہٕ سٕنٛن ضوٗروٗری بوان۔

للہٕ واکھن ہُند اختصار چھُ جذباتی مانٕنے خاطرٕ (SUGGESTIVITY) ہُند اِختصار
یُس للہِ آفاق (UNIVERSAL) کُنہِ نتہٕ کُنہِ خاص (PARTICULAR) منز ڈیپرادِتھ
پرووُمُت چھُ ۔ یہِ قوت چھِ کم زیادٕ پرتھ شاعرس حاصل آسان ۔ مگر للہِ واکھن منز چھِ للہِ ہنٛد
یوہے قوت پرتھ کُنہِ واکھس منز دریٹھ گژھان تہٕ یمَن واکھن چھُ عامیانہٕ سوتہٕ نشہِ بلند
کران ۔ یہِ کام چھِ تِتھس شاعرٕ سندِ خاطرٕ دارے کریٹھ بنان یمی سنز آواز اکہِ پاسہٕ عوامی آوازٕ
نکھہٕ آسہِ تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ آسہِ شاعر اتھی اجتماعی آوازِ منز تِمن غار معروف تہٕ ازٔلی (UNEXPLORED)
رازن ہُندِس تلاشس منز یمن ہُند تعلق صرف شاعر سندِس ذاتس ستی آسہِ ۔ ذاتی تجربن تہٕ
اجتماعی عقیدن درمیان کُنہِ حدس تام ہِشر پاد کرنہٕ خاطرٕ چھُ شاعر پننہِ جایہِ پرتھ کانٛہہ بادٕ ژبل
تہٕ بادٕ ژول کامہِ لاگان ۔ یہِ ہیکہ نہٕ بٕنتھ یژھے زِ شہ ہیکہِ پننۍ تخئیلی بازیافت اصلی حالتس منز
چھُہم لگنہٕ ورائے پیش کرِتھ ۔ شاعر چھُ پننۍ تخیُلی بازیافت دوٚیمین ہُندِ خاطرٕ قابلِ فہم تہٕ احسم
بناونہٕ خاطرٕ پانس اندۍ پکھۍ ووٚن دِتھ کائناتکس پرتھ جہتس ژھانڈ دِتھ تہٕ پتہ کانس تہٕ پیش کانس
زالٕ دِتھ تِمی موضوع ژھارِتھ انان یم تِمی سندِس تخیُلی بازیافتس ترجمہ کرِتھ خارجی صورتھ ہیکن
بخشِتھ ۔ لل دید چھِ اتھ گُذرٕ کامہِ منز استعارک وسیلہٕ پننس منس موافق زوٗنمت ۔

استیارٕ چھُ للہٕ واکھن منز ہیشر ہُند دوٚیم ناد ۔ لل آسہٕ ہے شارِدن وِزِ شاید پننہِ جایہِ
واضح زِ تِھند کھوتہٕ تھوٚد روحانی تجربہٕ تہٕ چھُ تو تام دوٚیمین ہُندِ خاطرٕ بے اثر تہٕ بے مطلب
یوٚتام نہٕ سُہ تجربہ کُنہِ ویدٕرس موزوٗنس منز ڈیپرادِتھ پیش یِیہِ کرنہٕ ۔ اَدٕ کنی چھُ للہٕ واکھن منز
باسان زِ شاعرس چھُ استیارن ستی مکمل COMMITMENT ۔ استیارے چھُ للہٕ واکھن منز
روحانی عجائیباتن ڈرامائی شکل دِتھ زانٛنس مانٛنس منز اصلی کام کران ۔

للہٕ واکھن ہُندین استیارن ہُنز کینہہ خاصِیژ چھِ خاص کرِتھ توجہہ مَنگان تہٕ یِمے

کینہہ خاصی نٔژ چھے تمی سٕنز شاعری تمی ہنٛدِس ہم عصر شاعر شیخ العالمؒ سٕنزِ شاعری نِشہٕ بدٕ دِن کران۔ یمو منز چھے اَکھ پیر زِ للہ واکھن ہنٛدِ کر اِستیارٕ چھینہٕ وضاحتی یِتھہٕ پاٹھو زن شیخ العالمؒ سٕنٛدر اِستیارٕ چھہٕ۔ مثلن:

موت چھُے سہہ (موت = سہہ)

آدن سونتھ چھُے (آدن = سونتھ)

کینژن رٕنی چھے شیچ بوٗنی (زنانہٕ = شیہج بوٗنی)

یِتھی اِستیارٕ چھہٕ لازمی کمزور روزان تِکیاز پرَن والی سِندِ خاطرٕ چھینہٕ تلاشہٕ خاطرٕ کانٛہہ گنجائِش روزان تہٕ اَتھ سٕتی چھہٕ مانوی اِمکان کم گژھان۔ اَمیک وجہہ چھُ یہٕ آسان زِ اِستیارٕکی زٕ جزیانے تصوُر (CONCEPT) تہٕ موروض چھہِ کرلور رُدزِتھ وضاحتہ یاد کران۔ اَتھ برعکس چھہٕ للہ واکھن ہنٛدِ اِستیارٕ علامتھ نِکھ بوان تِکیاز یمن منز چھُ اِستیارٕکو ترٛیوٕ جزو (تصوُر، موروض تہٕ رِشتچ بنیاد) منز صرف اَکُے جزیانے موروض لوٗن روزان تہٕ تمی سوٗتے کینہہ چھُ پرَن والس پیٹھ ترٛاونہٕ یوان۔ مثلن:

ہچِوِ ہارِ نٕجبہٕ پیٚٹھ کان گوم

اَکھ چھان پیوم یِتھ رازٕ دانے

منز باگ بازرس قُلفہٕ رٕوس دان گوم

تیر تھ رٕوس پان گوم کُس مالہٕ زانے

یِتھِس اِستیارس منز چھُے پرَن والس کرٕ تلاشہٕ تہٕ تشویقہ خاطرٕ واریاہ گنجائِش روزان، خارجی منطقہ کِنی چھہٕ واکھکی ژٕ شوٗے منز ژٕور نٔے واٹھ اِستیارٕ پیش کران۔ ژٕ شوٗے منز چھہٕ ژور مختلف پیکر پیش کران۔ مگر واکھس چھُ پنُن اَکھ داخلی منطق یمیہٕ کِنی ژٕورن اِستیارن منز بیہٕ ترکیب ممکن چھُے سپدیمژٕ۔ وِشرحنیہ رٕوس تہٕ ہیکہٕ اَکھ ہُشار پرَن وول ژٕ مِنتھ زِ تہٕ گرتھ تہٕ چھہِ یم ژور اِستیارٕ اَکی تجربچ بادٕ تھ کران۔ مگر توتہٕ چھُے یہٕ ترکیب اَکھ کٕنُ سوال بنتھ ذہنس منز واریاہن جوابن وتِرِش دوان۔ کانٛہہ تہٕ اَکھ جواب چھینہٕ تسلا کران۔

۱۔ داکھس منز چھُ واحد متکلم صیغہ ورتاونہٕ آمت۔ مگر متکلم کُس چھہٕ؟

۲، متکلم چھُنہٕ پانہٕ شاعِر۔ تکیازِ تمی سنٛدِس اَتھس منٛز چھےٚ کمان۔ تہٕ روزنٕ کیٚت چھُس لل (لیوٚدوٚے ناپایدارے چھُ) تیلہِ چھےٚ یہ کأنہٕ شہزادَس مُتعلِق کتھ۔ شہزادِ کیازِ؟

۳، متکلمس چھےٚ گُرِ منٛز باگ، بازرس فلفہ رٚوس داٗنٛچ بأش۔ اَما وانگ مُرٛکیاہ چھُہ یتھ ژورِ ہُنٛدٕ خطرٕ چھُ؟

۴، متکلم رُدٕ زِ یأرٕ ژٕنشہٕ موٚحروٗم۔ کیازِ؟

ا، تمِس اوس نازِ یارٕ تھٕ یاہے؟

ب، تمِس اوسا بٔنیہِ کانٛہہ آوٕریر؟

ج، سہٕ گوٚ وازِ یارٕ تھٕ کرنس منٛز ناکام؟

یِمے چھِ تِم سوال یِمو رحمان راہی صأبن اتھ واکھس منٛز دَرپردٕ اکھ افسانہٕ وُچھنک ظٕلوٗن دِیت[1]۔ یہٕ چھُس نہٕ یتھ جایہِ اَمہٕ واکھکِس رُوٗحانی تجربس پیٹھ تبصرٕ یٔژھان کرُن۔ مےٚ اوس یُتے وَنُن زِ تفصیل نہٕ آسنہٕ کِنی، واکھس منٛز احساسَن ہُنٛدٕ گٔنٛزرِ کِنی تہٕ ابہامہٕ کِنی چھُ یہ واکھ عظیم شأعِرِیہٕ ہُنٛد رُتبہٕ حأصِل کران۔

للہٕ واکھَن ہُنٛدین اِستِعارَن ہُنٛز بیاکھ بیٚیہ ہاوٕ خأصی یتھ چھےٚ یہِ زِ یِتھ واکھس منٛز چھُ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ زوردار پیکر ضروٗر تہٕ آسان اِستِعارٕ ہیکہِ پیکرٕ رٚوس تہٕ آسِتھ۔ مثلَن ہیٚرِمہ واکھہٕ کِس ژورِمِس مِصرِس منٛز اِستِعارٕ:

تیرِتھ رٚوس پان گوم کُس مأنہٕ زانہٕ

اَمہِ قٕسمکی اِستِعارٕ چھِ مَحض منطقی تہٕ یأزِ بیٚٹھ دون چیزَن یا دون تصوٗرَن پانہٕ وأنٛ ہِشر ہاوان مگر پیکرٕ نہٕ آسنہٕ کِنی چھِنہٕ ہیکان پرَن والیٚ سنٛد کانٛہہ حِس آوٕرِ آدِتھ۔ یِتھی اِستِعارٕ چھِ ییٚژ باٹھی اثر کرنَس منٛز ناکام روزان۔ یہِ چھےٚ تقریٖبَن زِ تہٕ زِ گِے ژورَن ہِش کتھ۔ مگر لل دیٚدِ ہٕنٛزِ شأعِری منٛز چھُ پیکرَن ہُنٛدٕ آسنہٕ کِنی کأیِت یأدٕ گوٚمُت للہٕ چھِ یِتھٕ کٕنہٕ قٕسمکی اِستِعارٕ وَرتأوِمٕتی

---

[1] پروفیسر رحمان راہی کِنیٚ ژَنَن للہٕ واکھَن ہُنٛز تنقیدی وِشرِ ہنے"
(لل دید سیمنار۔ ۸ نومبر ۱۹۷۹۔ ٹیگور ہال)

مگر یمن منز چھ عام پاٹھی کاۍل استیار یم زن تمیٚ سنٛد تخیٖلکی بازیاف تہٕ مُبہم تصوٗر ٹھوس موزوٗن ہنز شکلہِ منز پیش چھ کران۔ یم چھ تیتھی کاۍل باسان زِ ژھیتھ تہٕ ہیکو کھ۔

کیاہ بوٗدُکھ موٗہہ بوٗ سوٗدرٕ درے
سوٗتھ لیرتھ بیٚنی تمہ پانٛکھ

٭

نابدٕ بارس اٹہٕ گنٛڈ ڈلیوٗل گوم
دیہہ کاڑ ہوٗل گوم ہیکہ کھو

٭

مشد چھ ہانٛکل کرٕ ژھینم
یلہ ہیڈن گیلن اُسن پراپ

٭

ژہتہ تورگ گگنہ برمہ دون
نیمشہ اکہ ژھنڈ بوزنہ لُج
ژہتہ وگہٕ بود دِتھ زون
پران ایان سنٛد اَرتھ پکھچ
پزر چھ یی زِ شاعرس ہنز کام چھے تیہے زِ سُہ چھ۔

'........gives to airy nothing
A local habitation and a name (Shakespeare)

لل دید اوس پننین تخیٖلی بازیافن مُقامی سوٗکونتھ تہٕ ناو دِنک بے پناہ قوتھ حاصل تہٕ اَتھ قوتہٕ ستی چھے سہ موضوٗعس ہیٚژ ہنٛد روٗپ دِوان۔ تمیٚ سنٛدہ خاطرٕ اُس یہ کام زیادے کرنہٕ ٹیکیاز، سو اُس اکھ تیژھ شاعر یمیس انسانہ ہنٛدِس بیتھ دِنٛی ہٕنس منز صوٗرتِ حالس متعلق کینہہ دِنن اوس۔ سو اُس پننہ شاعری منز اکھ خاص پاٖغام ترژھان باوُن۔ یہ پاٖغام تمیٚ سنٛدہ بصیرتک تہٕ اِدراکک نتیجہ آسنہ کنہٕ تمیٚ ہنٛز پننی انفرادی وُچھن تراے۔ مگر للہٕ ہنٛد دق اوس

سُہ وُق یَیلہِ زَن اجتماعی پیٹھ تہٕ دَربنی یاد تھاوان اُس تہٕ تمہٕ پیٹھ ہُنز زبان تہٕ تمکی اصطلاح اُسی
لوکن منز عام۔ یُہِے زبان تہٕ یِمے اِصطلاح اُسی باوتھ کرنہٕ موکھ للہِ میسر۔ اوکنی اُمس پننی انفرادی
آواز عوامی آواز نشہِ بدون کرنی سیٹھا مُشکل۔ یُر ورتاوکنی اُمی یہ زبان بے مار نیتس نکھ واژ مغز۔ للہِ یانہِ
ناو باوژ ہِند خاطرٕ یُہِے زبان۔ للہِ بخشِس اتھ نوٚو اِستیار آتی مانتے تہٕ پننی شاعری تہٕ بچاوِن
منظوم فلسفہٕ بننہٕ نشہٕ۔ یہِ چھےٚ ازی کین کینژن محققن تہٕ عالمن ہُنز شار فہمیہٕ ہُنز ورتھے زِ تم
چھِ للہِ واکھن منز شومتکی کینہہ اصطلاح وچھتھ فاسلہ نوان کرتھ زِ پیٹھ کانہہ للہِ واکھ چھُ
شوہتک (کینژن ہندِ وننہٕ تصوفک) کانہہ نتہٕ کانہہ فلسفیانہ اُصول پیش کران۔ یہِ چھُ پوٚز زِ
للہِ واکھن منز چھِ شومتکی کینہہ اہم اصطلاح ورتاونہٕ آمتی مگر شاعریہ منز یتھ چھِ یِم اصطلاح EXOC-
ENTRIC بنان یَیلہِ زَن فلسفس منز یِمے اصطلاح ENDOCENTRIC آسنہٕ کِنی کُنہٕ مخصوص
موضوعس تابع موجود چھِ روزان۔ یہِ چھُ للہِ واکھن منز یوٚہے تخلیقی قوتھ زِ یِم چھِ
ازتہٕ سرتاز، یِہُنز افادیت چھےٚ ونہٕ تہٕ قایم یَیلہِ زن شومت کرتام الماربن ہُنز شوب چھِ بنیومت۔

پیکرن ہُنز خاصی یتھ ہُنز بنی یاز ییٚتھ تہٕ اگر وچھوٚ للہِ واکھن منز چھِ پیٹھ کُنہٕ تمکی اِستیارٕ
موجود مگر یمن منز چھِ اکثر بصری حِسس ستی تولق تھاوان۔ سو چھےٚ دُنی یہس پیٹھ کُنہٕ
چیزس اُکس شاعرہٕ سنزہِ اچھو وچھان پرکھاوان تہٕ پننین نیرل روحانی تجربن باوژ خاطرٕ
ژاران۔ للہِ ہندس کُنہٕ تہٕ اِستیارس منز چھُنہٕ جبرک احساس گژان۔ تکیازِ تمی سندبن اعتیارن
ہِندی بصری تفصیل چھِ پانی پانے پننس سیاقس منز دِمی تہٕ واراہ پاٚسل مانے وقت ملاوان۔
پیٹھ کانہہ مثال چھےٚنہٕ نظر گژھان ییتھ منز یہ احساس گژھے زِ شاعرن چھِ بصری تفصیل
پنُن موضوع پاراونہٕ خاطرٕ پہہ اُنی متی۔ للہِ واکھن منز چھِ بصری تفصیلے موضوع SUGGEST
کران۔ للہِ واکھن منز چھےٚ موروثس مکمل خود مختاری حاصل۔ اِستیارن ہُند یہ صفتھ
چھُنہٕ ہنگہ تہٕ منگہ ہلی کہ چھُ یہ اُکس تخلیق کارہٕ سنزن کوشش ہُند نتیجہ۔ امہٕ شاعری
قوت ہیچ مثال چھِ پیٹھ کانہہ واکھ۔

دوٚیمی پیٹھ بہٕ للہِ واکھن ہُندین اِستیارن ہُنز بییس اکِس خاصیتھ کُن اشارٕ
کرُن۔ یانے اِستیارٕ کین بصری تفصیلن منز INCONGRUITY ہُند عنصر۔ امہٕ عنصرچ

ہَنۍ یاد چھےٚ میاٰنۍ کِنۍ دِ جھس CAUSE یتہ نتیجس ( EFFECT ) منٛز باگ تضاد ُکھ۔ یُہے تفاوتھ
چھےٚ IRONY یا دِ کران تہٕ IRONY چھےٚ لُلہٕ دا کھن ہنٛد شاریٚنک رۄح۔ اَمکہ ورتاوٕ سیٚتی
چھہ اَکثر اِستیارٕ طربناک بنیمتی۔ مگر یمےٚ طربناک اِستیار چھہ اِنسانہٕ ہِنٛدِ المناک صوٗرتِ حالکۍ اٰنہٕ
لُلہٕ دا کھن منٛز چھُ طربیہ تہٕ المیہٕ ژلیتھ اکھ خوفناکھ مِزاج پھانپھلاوان۔ کنگ لیٖرس KING LEAR
منٛز چھُ وِلسن نائیٹن (WILSON KNIGHT) اَتھ ہیتھ ہے فرض COMEDY OF THE GROTESQUE
ناوٕ دِتمُت۔

تلہٕ چھےٚ زُلیس تےٚ ہیٚنٛھ ژھُچھکھ نٔژان
وُنتہٕ مالہٕ مَن کیتھہٕ پٔژان ــــ چھےٚ

یکدم چھےٚ اکھ NIGHTMARE ہش کیفیتھ یادِ گژھان اَمِچ ہَنۍ یاد چھےٚ سو ے
المناک IRONY یوسہ یمہ کٲینا تس منٛز اِنسانہٕ سٕندِس مقامس سیٚتۍ اَز ے وابستہٕ چھےٚ۔
مگر اَمہٕ حقیقژ ہنٛد IRONIC آسُن چھُ تمہ سے فرد سٕندِ خٲطرٕ یُس اَمہٕ حقیقژ ہنٛد اکھ جُزٕ اُستھ تہٕ
اَمہٕ نِشہٕ دوٗر سپدیتھ امیک جایزٕ نِیتھ ہیکہ۔ اَکھ اِستیارس منٛز چھُ اکھ سٔرٕدُن ANGUISH
ظاہر کرنہٕ آمُت تکیاز اَمکان چھہ ساری ختم گژھتی باسان۔ اِمکانن ہنٛد ختم سپدُن چھُ ANGUISH
ہُرراوان تہٕ خوف (FEAR) چھُ اکھ لا اِحال حقیقتھ بٔنتھ برونٛہہ کُن یِوان۔ یُہے خوف چھُ۔
وارِیہن اِستیارن منٛز دیدہ مان بوزنہٕ یِوان؛

اُکھ چھان پیوم یتھ راز دلنے

•

چھنٛدس وُچھم مار ہہ اُتے

•

نابدی بارس اَٹھ گنٛڈ ڈیوٚل گوم

•

کیاہ کرٕ پانٛژن دہن تہٕ کہن
وِد کھشن یتھ لیجہ کرٕتھ گئے

ڈرامائیتھ چھے اکثر واکھن ہنٛد فنی حُسنُک راز تہٕ کینٛہہ واکھ چھ محض ڈرامٲیی عُنصرٕ کِنی لازوال۔ یِتھین واکھن منٛز چھِ متحرک پیکر آسان یِمن ہنٛز داخلی حرکتھ گنہٕ پیچیدٕ تجربچ تمثیل چھے بنان۔ اَمہِ ڈراماہُک سیٹج چھُ ذہنہ کین تاریک کھوتین منٛز:

دہہچہ کِردار بَرِ تِرٛو پرِم
ژرانہٕ ژۄر رۄٹھم تہٕ دِتمس دَم
ہرٛ دیچہ کۄٹھ اندرٕ گونٛدم
اَدمکہِ چۄبکہ تِلمَس بَم

کتھ چھے ژٕکہ موٗلی نفس وشش کرنچ کتھ۔ یہ موضوع چھُ کاشر صوٗفی شاعری منٛز لوکرینہ کِس حدس تام ورتاونہٕ آمُت۔ مگر لہِ چھِ یوٗہے داخلی تجربہٕ ڈیدس صورتَس منٛز پیش گۄرمت۔ ژۄر آو عانہٕ موتس پیٹھ رٹنہٕ۔ ژۄرس آیہ نیٚرٕ ژنگہ گنڈنہٕ۔ مکانکۍ ساری درواژٕ تہٕ دار آیہ بند کرنہٕ تہٕ مکانہٕ کِس اَندرِمِس اَکِس لوکٹس کُٹھس منٛز۔ آو ژۄر دامناونہٕ تہٕ آتی گۄرہس زبردست شلکھ۔ پرتھ کانٛہہ پرن وول ہیکہ پانہٕ مۆحسوس کٔرتھ زِ واکھک صوتی آہنگ کوتاہ قریب چھُ اتھ منٛز باوہٕ آمتس ڈراماہس۔ واکھس منٛز چھِ کینٛہہ اشارہٕ موجوٗدیم ہاوان چھِ زِ یہ ڈراما آو روٗحانی سطحس پیٹھ گنڈنہٕ۔ ژۄر چھُ انسانہٕ سنٛد نفس یُس رٕحس پھِران چھُ۔ مکان چھُ انسانہٕ سُنٛد جسم یمکی بَرٕ تہٕ دارٕ حواس چھِ۔ اَندرِم کُٹھ چھُ انسانہٕ سُنٛد دِل۔ تہٕ ژۄرس چھُ "اَدمکہ کمچہٕ" سیتی شلکھ لاوان کرنہٕ۔

یہ اوس ژۄرس سیتی شاعرٕ سُنٛد روٚیہ۔ وٕنی دِچھو پننس محبوٗبس سیتی کیاہ روٚیہ چھس:

یوٗت ژوٗنہٕ وُچھتھ موٗت بولہٕ نوٚدم
دَگ للہٕ ناوم دہہٕ ستنٛزٕ پرٕ سیبے
لٕلی لٕلی کران لالہٕ وُز نوٚدم
میلتھ تس من شرٛوٚہ ژیویم ہے

گوڈنیتھ چھُ وصلکہِ ساتُک انتخاب تاریفن لایق۔ راتھ ہنٛد یتیم پہر ییلہٕ ژوٗن لوسنس تیار چھے آسان تہٕ سرِیہ کھسنس چھُ کمے کال آسان۔ ژٕ پارۍ چھُ ژھوٚپہ ہنٛد عالم۔ شاعرٕ چھے پننِ دِل وُزناوان تکیازِ سہ چھُ پننس محبوٗبس سیتی وصل کرنہٕ خاطرٕ گُرِشان آسان۔ اَمہِ پتہٕ چھُ

پننٕ محبوب نٮ۪ندرِ تُلنک لوزُک مرحلہٕ تہٕ شاعر چھےٚ اتھ منٛز کامیاب گژھان تہٕ امہِ پتہٕ چھُ وصلُک
ژ۪ہنہٕ ۔ دوٚن حقیقژن چھُ میٖل گژھان تہٕ فاعلہٕ سُندٕ من تہٕ چھُ پاک سپدان تہٕ تمیٚ سنٛز تن تہٕ
واکھہٕ خاطر چھُ منٛزلہِ باتن ہُند آہنگ ژار نہٕ آمت تہٕ زیٹھو زیٹھو سوٚر چھہِ تاثر ہُرراونس منٛز مددگار ثابتھ
سپدان ۔ واکھ درپردٕ جنسیت تہٕ چھےٚ برمحل ۔

کیٚنژن واکھن منٛز چھےٚ لل دیدٕ محض زٕ متضاد پیکر ترتوٗر تھاوتھ وضاحتی عبارتھ بر نہٕ ورأے
پننٕ کوٗ تجربت اثر پادٕ کران ۔ مثلن بوٚ نہٕ کنہِ درج واکھن منٛز چھُ لل دیدٕ کتھ پأٹھی چھےٚ ووجود چھر
تہٕ فناہچہ اضافیژ پیٹھ پننیٚ پژھ ظاہر کران ۔ سو چھنہٕ ووجود چھر کنہٕ تہٕ شوٗرژ حسمی زانان بلکہ دوٚیمہٕ
شوٗرژ ہُند اکھ منٛزل:

ڈٔی ڈیٖٹھم ندٕ وُہہٕ ڈنی
ڈٔی ڈیلیوٗ ٹھم اُسم نتہٕ تار
ڈٔی ڈیٖٹھم تہر پھولہٕ ڈنی
ڈٔی ڈیلیوٗ ٹھم گُل نتہٕ خار
ڈٔی ڈیٖٹھم گُگج دزِ دنی
ڈٔی ڈیلیوٗ ٹھم دہ نتہٕ ساس
ڈٔی ڈیٖٹھم پانڈون ہنزِ ماجی
ڈٔی ڈیٖٹھم کرٛاجی ماس

یم ساری ثیون ثیون کتھہٕ کرِ دِنہِ تصویر چھہِ یکہٕ وٹہٕ رلتھ اکھ فنی وحدتھ بنان تہٕ شاعری
چھےٚ بیانہٕ بازہٕ نشہٕ دامن رچھان ۔ یمن منٛز چھُ پرتھ کانہہ تصویر پننہٕ جایہ مکمل اُستھ اکھ اکأیی
گر ثیون ثیون زوٗرتھ چھنہٕ یمن تصویرن کانہہ تہٕ مانے ۔ یُہند مانے چھُ یمن ہند پانہٕ وأنی تضاد
سیتی پادٕ گژھان ۔

کأنسہِ بڈین شاعرن سندین کلامس ییلہِ کلس پیٹھ سام چھےٚ ہینہٕ یوان فوٗرُور چھُ کانہہ
نتہٕ کانہہ یا چھ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ استیا لأتی نظام اتھ یوان ۔ مگر لل واکھن منٛز چھےٚ دِتھ یِہ زلل
دیدٕ ہُند بیشتر کلام چھُ لیکھنس تل نہٕ یینہٕ کنہِ روودمُت ۔ ڈٔی کین چھ کُل 258 واکھ موجود یمن

مُنز وۄلۄتہٕ بسان اُسی ڈون ڈیٚنتھ واکھ لَلہٕ ہنٛدی زٲنتھ ہیکوکھ۔ یِمنٛہٕ کینٛژن واکھَن مُنز چھُ مرکزی اِستیارٲتی نظامچ بُنیاد اسطورِ جستجو QUEST-MYTH یُس اکثر واکھَن منز بار بار چھُ لیان۔ لَل چھےٚ پنُن وۄجوٗد، ییتھ کاینات کُن پٔرتھ کانٛہہ جز پننہِ اصلی مرکز نِشہِ ژھینہٕ گومُت ڈیشان۔ یِمہٕ کنہٕ پٔرتھ کانٛہہ چیز زوال پذیر چھُ۔ پٔرتھ کینٛہہ چھُ پننِس اصلی آگرس ستی واپس رَلنہٕ خاطر کرشان۔

آمہٕ پنہٕ سۄدرس ناوِ چھس لمان
کتہٕ بوزِ دے میوٚن مێتہ دیہ تار
آہین مآکین پوٚنی زن شرمان
زۄ چھُم برمان گرٕ گژھہا

یہ جُستجو چھُ درحقیقتھ پننہِ وۄجوٗدکہِ تکمیلہٕ خاطر جُستجو۔ امہٕ جُستجوٗک رۄخ چھُنہٕ نیٚبر کُن بلکہ اَندر کُن۔ شاعِر چھےٚ تیٚہسان پننہِ آسنُک اِستناد پراوُن۔ لَل چھےٚ پننہِ کنہٕ اُتھ تلاشس منز کامیاب اُسمژ۔ یِمہٕ کنہٕ سۄ مُطمین چھےٚ باسان:

راوٕنہٕ مُنزےٚ راوُن رووُم
راوِتھ اُتھ آیس بوہ نہٕ رے
اسان گِنٛدان سہز پرووُم
دپہِ نے کوٚرُم پانس نہٕ رے

یہ چھُ یوٚہے PARADOX ییتھ لَل "موت" چھےٚ دَنان تہٕ یوٚہے چھُ موتہٕ چہِ تجزیٲتی عملہٕ ہُنٛد پُراسرار تہٕ تعمیری پہلو۔ موت چھُ تلاشُک مثبت حاصِل۔ مُنوٕنیو چھُ اَتھی حاصِلس فنا نادِتمیُت۔ موت چھُ ییتھ پاٹھی تکمیل پراونُک گنٛیٛ وسیلہٕ۔ (یہ پزٲسہِ ژٕتس تھاوُن زِ موت چھُنہٕ لَلہِ ہنٛزِ نظرَن منز محض جِسمٲنی موت یا خودکُشی بلکہ بالا حقیقژ ستی واصِل گژھُن۔)

لَل بوزٲیس سۄ من باغہٕ برس
وُچھُم شوٚمس شُکھتھ میلتھ تہٕ واہ
تنٛتی نے کرُم امر پتہٕ سرس
زِندٕے مرُس تہٕ مےٚ گرٕ کیشاہ

موٗتِک یہ تصوٗر چھُ رلوایتی مذہبی تصوٗرٕ نِشہِ بلکُل مختلف۔ یِتھہٕ پأٹھۍ لل پانہٕ تہٕ وَنان چھےٚ:

شاستر بوٗزتھ چھِ یمہٕ بےٚ کُرُدٕ
کینٕہہ واکھ وِچھو ییمہٕ یمن منز جستجوٗوُک اسطور نیٚنی پأٹھۍ باوتھ چھِ لبان:

آیس کمہِ دِشہِ تہٕ کمہِ وَتے
گژھہ کمہِ دِشہِ کوٗ زانہٕ وَتھ
انتہٕ دا ے لگِمے تیتے
چھینس پھوٗکس کانژہ تہٕ نوٚ سَتھ

●

گژھہ چھُ پھیران زیرے زیرے
اَدکھےٚ زانہٕ گژھتُک ژھل
گژھہ ییلہِ پھیرتہٕ زاویل نیرے
گوٗ واتہٕ پانے گژھہ بل

●

لل بہٕ لوٗسس ژھاران تہٕ گاران
ہل۔ میٚے کورُس رسہٕ نشہِ تہٕ
وُچھُن ہیٚوتمس تأری ڈیٚکھوسس برَن
میٚتہِ کل گٔنے یہ زوٗ سٕ تنتی

مرکزس منز دوبارٕ شُرپتھ گژھنہٕ خأطرٕ کریشُن چھُ لل دیدہِ ہنٛزِ شاعری منز جایہ جایہ اظہار لبان۔ یِتھپٕ یِتھپٕ للہِ مرکزُک تصوٗر قایم کرنہٕ چ کوٗشش کرمژ چھےٚ تتھ چھِ سِٹھاہ نٲرٕ منٛدی پیکر دِتہٕ تلمیحی۔ یمن پیکرن منز چھِ عام پأٹھۍ صرف ژٕ آرکیٹایپ کارفرما وُدی ہیتی۔ گاش تہٕ وُستھ یادہٕ نوے یکہٕ وَٹہٕ تکیا زِیم ژھنہٕ جدا گانہٕ بُلی کہٕ اکھ اکی منٛدی صفتھ۔ گاشہِ چ پھنہٕ کانٛہہ گنٛڈتھ ہیٚتھ تہٕ نہٕ چھُ اَمہٕ کہٕ بعداوُک کانٛہہ حد۔ گاش چھُ پرتھ جایہ واتتھ پرتھ چیزس گاش دوان۔ اَتیک اگر تہٕ

چھُ اُکےٚ.

رُوٗمتہٕ تھٔلہِ تھٔلہِ تأپِٕ تن
تأپِٕ تَن    وۄتھٕم دیش

•

شےٚ وۄت ترٲوِتھ ستھ مارگ رۄٹُم
ییٚلہِ لل بہٕ وٲژس پرٛکاشتھان

•

بانَن گوٗل تےٚ پرٛکاش آو زوٗنے
ژنٛدرٕ گوٗل تےٚ موٗتُے زٕتھ
ژیتھ گوٗل تےٚ کینٛہہ تہِ ناکُنے
گےٚ بُوٗر بُوٗ سوٕر دٕسرِتھ کیتھ

•

ژِ تہٕ تو رگ وُگرِ ہیتھ رۄٹُم
ژیتھ یلہٕ وِتھ دَشہِ ناڈ واو
توٗےٚ شِشہِ کل وٕگلِتھ وٲژھم
شُنس شُنیاہ میلِتھ گو

•

دَما دَم کوٗرمَس دَمَن ہالے
پرٛزلیوم دیپھ تہِ نَنیم ذاتھ
اَنٛدرِیُم پرکاش نیبر ژھۄٹُم
؟.... ... ... ... ... ... ....

للہٕ واکھَن منٛز چھُ دۄتک آرکیٹایپ پرٛتھ جایہِ جۄس منٛز کل تہٕ کُلس منٛز جُز جلوٕ گرآسنہٕ سیتیٚ ظٲہر۔ وۄہ س گو کینٛژَن واکھَن منٛز چھُ دۄتک آرکیٹایپ نُنٛی پأٹھی موٗجوٗد۔ یِتھَین واکھَن منٛز چھُ بوٗنیم

واکھ ستھ ہِے حسین:

یِتھ سَرَس سِرۍ پھوٗل ناوٕژی
تتھ سرس سکلو پوٗنۍ چٕھن
مرگ، سدرگال، گنڈۍ، زٕلہِ ہٕسی
زِہن نازِہن تہٕ توٗتے پٕہن

اِستیعاے یوت چُھنہٕ للہٕ واکھن ہُنٛزٕ آفاقیت ہُنٛد ضامن۔ استیعارس ستی ستی چھے موسیقی تہٕ للہٕ واکھن سرتاز تھوان۔ کاشُر شاعرۍ ہُنٛد اکھ بوٗڈ حصہٕ چھُ موسیقیہٕ چھپہٕ لوگمت۔ شاید چھہِ کانہہ خاص سبب تِکیازِ تلنہٕ خاطرٕ زیٹھِ زیٹھِ باتھ لیکھہٕ ہتی مگر یِمن باتن منز چھے تاثُرچ جاے موسیقیہ رٕٹ ہٕژ۔ مگر لل چھنہٕ موسیقیہ ستی یِر گمژ۔ تمہِ چھے موسیقی مو چھہِ منز رُٹمٕژ تہٕ اکھ چھُن نہٕ شارک یارٕ او بنہٕ دتیمُت۔ للہٕ داکھن منز چھنہٕ موسیقی پرِن والِہ سُنٛد ظون یانس کُن پھران بلکہ چھے تاثرس تابیار وزان۔ للہٕ واکھن منز چھہِ موسیقی وِدہ تلاونکۍ واریاہ وَل ورتاونہٕ آمتۍ تہٕ یِتھ کانہہ واکھ ہیکہٕ مثال بنتھہِ۔ تہٕ گرِتھ تہِ چھہِ کِنیژن واکھن کُن اِشارٕ کرُن ضروٗر دٕری:

لوٗلک نار للہٕ لولہٕ للہٕ لوٗوم
اژھن آے تہٕ گرٕ ژھن گژھے
کُس مرِ تہٕ کسو مارِن
مرِ کُس تے مارِن کس

**یا**

کُس پٕش تہٕ کوس پشائی
کم کُسم لاگِزِ بس پوٗزے

# ۱۰

# شیخ العالمؒ سُند تخیُل

ابہام گوو شارُک سُہ صفتھ زِ شار ووتلاوِنہٕ کانٛہہ تاثر یا کانٛہہ مانے، یتے یوٗت تہٕ گوو زِ ابہام زِ شار زانتس منز ییہِ دِلنٛتھ، بلکہ گوو ابہام شارُک سُہ صفتھ ییٚمہِ کنہِ شار اکہِ کھوتہٕ زیادٕ مانے یا تاثر ووتلاوِتھ ہیٚکہِ تہٕ یوٗت زیادٕ رنگی شار تاثر ووتلاوِتھ ہیٚکہِ تیوٗت چھُ شار کامیاب۔ یوٗہے چھُ وجہ زِ اکھ رُت شار چھِ باضے مختلف پرن والین مختلف تاثر ووتلاوان۔ تہٕ باضے اکی سے پرن وألس مختلف موقن پیٹھ مختلف شارس منز چھُ یہِ صفتھ تلی لیوان ییٚلہِ شاعرن ہٕنٛز ذہنی موٗدوضی رِشتو منٛز موکلاوِتھ بنن اکھ الگ تخیلی دُنیاہ آسہِ آباد کوٚرمُت۔ شاعری چھےٚ تخیلچ زبان تہٕ یتھ دٕباوٕ منز تخیل آسہِ تتھ منز چھُ لفظن ہند مانے غأر ضروٗری۔ پرن وألس نہ چھُ لفظن ہندین مانین ستی غرض تہٕ نہ تمن چیزن ستی یمن کُن لفظ چھِ اشارٕ کران، پرن وألس چھُ غرض تتھ جذباتی روِیس ستی یُس شاعرس تمن چیزن ستی آسہِ یمن کُن شارک لفظ اشارٕ آسن۔ ییٚلہِ شاعر دنان چھُ۔

دُمی ڈیٛوٗنٹھم شُشنم پیوان

اَسہِ چھُنہٕ تتھ مانے یس ستی کانٛہہ غرض یُس موسیماتہٕ کُس کانٛہہ ماہرس یمے لفظ وَرتاونہٕ وِزِ آسہِ۔ شبنم پیوٚن چھُ اکھ فطری عمل۔ دوہے چھِ اسی شبنم پیوان وچھان تہٕ کانٛہہ تہٕ ہیٚکہِ گنٛنہِ تہٕ ساتہٕ وٕنتھ منٛے وُچھ شبنم پیوان۔ مگر ییٚلہِ شاعرن یہے کتھ وٕنی "یم لفظ گےٚ یکدم پننہِ موٗحد وُد مانے یہِ منٛزٕ آزاد تہٕ دوہ نی رُوز ماہنٛیچ "اہمیتھ" باتے، یوہ شارک کُلہم مفہومہ ستی مشخص چھےٚ سپدان:

دُمی ڈیٛوٗنٹھم شُشنم پیوان

ڈُبی ڈٕلیوٚ نٕٹھم پھوان سوٚر

ڈُبی ڈٕلیوٚ نٕٹھم گٹہٕ پچھہ پھوان

ڈُبی ڈٕلیوٚ نٕٹھم پھولہٕ وُن نوٗر

شاعرن وۄن ہنز کھیں صرف تھاوٕن ژٕور تصویر اچھن برٛونٹھ کنہِ۔ شیخ العالم تہٕ شاعر آسنہٕ سٕہ وٕنہٕ ہے ضوٗر دٕریمن ژورن تصویرن لرٕ لوٗر تھاوُنک مطلب۔ تصویرن ہُنٛد تضاد پانہٕ وانٛی موجوٗد چھُ، سُہ چھُ پانے تٕہ۔ تاثر دِتلاوان یُس اکھ خراب شاعر بیان دِتھ ونٛنچ کوٗشش کرِہے اَمہِ واکھک سالِم تاثُر چھُ "ڈُبی ڈٕلیوٚ نٕٹھم" لفظن ہنٛدِ تکرار ستی بییہٕ ہن تمنزٕ لبان۔ یہ شُرک چھُ سیٹھاہ جان مثال یتھ منز پرن وول یہِ ژھنیتھ ہیکہٕ زِ لفظ ہرِہ رکیتھ پاٹھی چھُ ستارتیک اکھ ہِشکان بنیتھ نیلہٕ زَن لفظ ہرِہ ہر (تخیل نہٕ آسنہٕ کِنی) شارک غآب چھُ بنان:

ہیٚرِ نِس شُرکس منز چھُ پیکرن ہنٛد پانہٕ وانٛی تضاد ہناوضاحتی یِیمہِ کِنی ابہامُک امکان ہُناکم چھُ سپدان۔ بیاکھ مثال نیوٚ یتھ منز تضاد ہنادرپردہ چھُ:

خانن ہنٛدٕ ین یمن روبہٕ خانن

جانن دِپان اُپلدی گرٛژھ

سوٗندرٕ وُچھمکھ ہرٛدکھ ناوٕن

ژٕمرد ستنن ڈُوان لرٛژھ

تتی مالہِ ڈینٹھم کیس لوٕ وان

نصرٕ مٔنے وُچھہ ژٕوچھنہٕ گرٛژھ

یہ شُرک چھُ اندٕ وندٕ اکھ دٕہرتھ استیار، لیوٚد وٕے شُرکُک موضوع عام صوٗفی شاعری ہنٛدِ پاٹھی دُنیہچ ناپایداری چھُ مگر شاعرن چھے موٚپچ تجرباتی عمل باوٕنہٕ بدل پیش کرمٕژ یتھ پٔرتھ کانٛہہ پانے ہیکہٕ دِچھتھ تہٕ ژٕنیتھ۔ یہ چھُ شاعرس پنُن مشاہدہ۔ بنٕن کانٛہہ نتیجہ یا پننی کانٛہہ رایہ دِنہٕ ورٲے چھُ سارنی پانے یہِ مشاہدٕ حاصل کرنُک ظوٗن دِوان۔ "نصرٕ مٔنے وُچھہ ژٕوچھنہٕ گرٛژھ" یتھ جایہ سوٗندرٕ ہرٛدکھ ژٕمرد ستی (شیٚتر ووٚٹھ) لرٛژھ چھے۔ ڈُنالن، تتی چھے کیس لوٕوان۔ کیسے کیازِ؟

دانوٕ ونٕر ژھلی

بییہ کانٛہہ پوٚش کیازِ نہٕ، گوٗلاب کیازِ نہٕ، سوسن کیازِ نہٕ؟ کیس لفظُک ورتاو چھُ (۲۵۷۷) دِتلادِتھ

استنیارس بیٚیہ ہن قوٚ دِتھ بخشان ۔ کیسہ پوشں چھ چٔیہ سفید رٔنگہٕ کنہِ زٔہر رٕچ تہٕ بےٚ مایہ گی ہنز علامتھ ۔
کیٚس چھےٚ بنجرن تہٕ تاپہٕ وُڈرن ہیٚتھ تہٕ لوٚ وان ۔ ۱۹۸۰ تہٕ استنیار چھ سٹھاہ قریبی رشتہٕ تھاوان تہٕ
یٔژ پاٹھی چھ یم لرلوٚر وٚہ تلان تہٕ اکھ اکس ڈکھ کران ، دہ شہوتی چھےٚ زکہِ کنی لیسانیاتی ہنز یاد ۔

سارےٚ فنی صنفہٕ چھےٚ بیوٚن بیوٚن خاصیژ تھاوان تہٕ یم ہیکن نہٕ اکھ اکس منز تبدیل سپدتھ ،
مگر منٛز چھ باسان زِ کانٛہہ فن ییلہ بیٚیہ کُنہہ فنچ کانٛہہ خاصیت ہیتھ پرادان چھُ ، یہ چھُ زیادہ حسین بنان ۔
مثلن شاعری چھےٚ موسیقی ، مصوری ، مجسمہ سازی تہٕ ڈراہچہ خاصیژ پانہٕ ناوان یا مثلن کُنہ تصویرس
منز کنہِ موٚرتہ منز ہیکہ شاعری اسیتھ ۔ شیٚنیہ شرکین منز چھےٚ مصوری تہٕ مجسمہ سازِ ہِنز خاصیژ
جایہ پیکر وسعتی یاد گرشھان تہٕ موسیقی لفظن ہندِ ماہرانہٕ ورتاوٕ سعتی تہٕ کینژن شرکین منز چھےٚ پیکر
ڈرامائی خاصیژ تہٕ یاد کران مثلن ـ

شیطانٕ نٔش لاجم ییٚنٛژر بارس
منٛزے راوٕ تارس زٕ وٕرس دِتھ

دوٚنی مصرن منز چھ اکھ مکمل ڈراماوٕ ییتھ تہٕ پیٚری تھےٚ چھ اکھ سرلولوتھ منظر دیدمان
ڈرنیٹھ لیوان ۔ نہٕ چھےٚ کانٛہہ یژوٚ نےٚ نہٕ جذباتیتھ تہٕ نہٕ تفکرہ ۔ شاعرن چھ سارے عمل کُل ذہن لفظن
منز اکھ روشن پیکر دِہار تہٕ سان ذِتھ باوٕ مُنز تہٕ ہیٚن اکھ روحانی تجربہ پیش کوٚمتہ زٕورُ چھ ییٚنژر بور ہیٚتھ تہٕ ییٚنژر
بور چھ پیٚتھ لیورُس نہٕ زٕورِ روزہٕ ۔ ییٚنژ کِنی آس شیطان رٲسے تہٕ لاجنس نٔش تہٕ نارن ٲڈ کِنی زٕھٹھ ۔
زٕور چھُ ہوان زُلن مگر یتھ چھس پیوان دری یاوٕ تہٕ بامبر منز چھس نہٕ تارےٚ اتھِ لیوان ۔ ییتھ پاٹھی
چھےٚ اکھ NIGHTMARE کیفیتھ یاد گرشھان ۔ یہ چھُ شاعریہ ہُند کمال ۔ تہٕ تہٕ چھیکھ یم تمن ذہن
بنیٚہر ہن کاشرِ ہن مصرن منز گنزراوان یم ارتام کاشر شاعریہ منز لیکھنہٕ آمتی چھےٚ ۔ یتھ ہیوٚ پیکر
چھُ تخلیقُک معراج ۔ امہٕ قسمچ بیا اکھ مثال نیوٚ یہ شروٗک :

گنبر پرکٹ کران چھم کاو
تیہر چھنم امبر باوٕ کس
سٕری گوم گرٕ تہٕ وٕہ کھوٚلی گیم ناو
بور گوم گوب تہٕ تراوٕ کس

اگر گہ ڈیکی زِ مصرِ صحی۔ مانوکھ مطلب چھُ بنان یہ زِ کھوُن رُوٗٹس پوٗت ہیوٗ تہٕ کھنز نم تیمر یمہٕ میوٗن پوٗشاکھ (امبر) آسہٕ تہٕ گوس نیتھ لوٗن۔ اندرِیم راز (گنبر) گوم لوٗن (پیرکٹ) کنیزن قلمی سخن منز چھ یِم زِ مصرِ مختلف)۔ یِم تراوی کو حسن چھُ یِتہٕ مِین دوٗن مصرن منز۔ گرہ ہیکہٕ یکیتھ دوٗ کھلی (خوشکہِ وتہٕ) تہٕ ناو ہیکہٕ یکیتھ تری (آبہٕ منزی) مگر یِتہٕ چھ پھِرِ تھر گرچھُ وسان آبس تہٕ ناوِ چھے بٕھس پیٹھ تہٕ یتھ پاٹھی چھ زِ محالیتھ۔ دوٗ تلان دوٗن واٹنج پیکرن منز یِم انانہٕ سنز تمہ بے سلیقہ عملہٕ ہنز باوتھ چھ کران یمیک لازمی نتیجہ چھ سفرچ ناکامی۔ امہٕ پتہٕ چھُ ژوٗر یِم مصر بیاکھ صوٗرتھ برونٹھ کُن تراوان یوٗسہٕ گوڈنچہ صوٗرژنہٕ مختلف اسِتھ تہٕ اتھ سِتی اکھ تاثراتی رِشتہٕ چھے تھاوان۔ لاچاری چھے یہ زِ شاعِر چھُ کُنے زوٗن بور ہیتھ سفر کران۔ بور چھُس گژھان گوٗب زِ قدم گڈن تہٕ چھُس شکل بور تھاوِ ہے پتھر دم سنداہے مگر پتہٕ کُس تلیس اتھ۔ پیٹھ چھینہٕ بور تیتھ زِ تراوِ تھے ژھنہِ ہے تہٕ یکہٕ ہے پانس یہِ چھ واتناوُن منزس۔

بوجھ وہ سر سے گرا ہے کہ اٹھائے نہ اُٹھے

کام وہ آن پڑا ہے کہ بنائے نہ بنے

(غالب)

یہ چھُنہٕ ضوٗروٗری زِ شاعِر ہیہِ ہندِ ین پیکرن آسہٕ پانہٕ وٲنی کانہہ منطقی رِشتہ ـــــ آسُنے گژھِ نہٕ شاعِر یہِ چھُ یِنُن اکھ داخلی منطق تہٕ خارجی منطق ہیکہ نہٕ اسہٕ شارزانس منز کانہہ مدد کرِتھ۔ وارِہن شیخہٕ شرکین منز چھُنہٕ پیکرن پانہٕ وٲنی سُہ منطقی رِشتہٕ یُس اسہٕ محورِ وضعی دُنیہس منز ڈیٛنیٹھ چھُ گژھان۔ یتیمہٕ کنی پیکر پانہٕ وٲنی بے واٹھ چھِ باسان:

رازِ ہوٗنز اُستھ سپدِ کھ کوٗلے

کُس تاں ژوٗلے کیاہ تاں ہیتھ

ژھل گو نُند تے کھار ہیوٗت گوٗلے

گرِ ہِ وول ژوٗلے بآر دِنہٕ ہیتھ

شُرِ کِکی ژوٗ شوٗے مصرِ چھ پانہٕ وٲنی بے واٹھ (یِتہٕ مِین دوٗن پیکرن ہیکہ واٹھ لگنتھ) مگر لوٗر روٗزِتھ چھِ ژوٗ شوٗے پیکر اکھ ثالِم تو شروٗ تلاوان تہٕ شرِ کِس منز چھُ توتہِ اکھ انگہٕ یکیت (ORGANIC UNITY)

پادگرٕ ژھان موتیچ خاموش عمل چھُے گوڈٕ رازٕ ہُونزٕ سندِ مِس کٲل گرٕ ژھنس ستی ہُشراونہٕ یِوان یَاتمہٕ پتہٕ کیاہ تام راونس ستی تہٕ پوٗتُس گرٕ بٹہٕ نبر گرٕ ژھنس ستی۔ ژٕھل تہٕ گوٗبند تہٕ کھارِ تہٕ ہیوٗت گوٗل شرپرس منز گیٚیہٕ حرکتھ بند تہٕ کھیون چیوٗن تہٕ گوٗبند مگر گرٕ بٹہٕ ودل گوٗ پانس پننی بآروتٕ ہیتھ۔ دٔیس اُمس انسانہٕ سٕنز زِندہٕ زُد کرِ مژ عمل ستی کأم ــ جسم چھُ مٕیشر۔ "زوٗژلِہ نیر یتھ موٗرموٗ ژٕ میٚشرے"۔

شیخہٕ شرکین منز چھِ تقرابَن ٹرِیتھ کُنہٕ حسکی پیکر۔ یِژ پأٹھی چھِ ہیم لبری پیکر یمن منز چیزن ہُند رنگ، گرٕت تہٕ باڈوٗ بیترِ سوٗرے کینہہٕ چھُ یِوان۔ کینہہ پیکر چھِ تِم تہٕ یمن منز مرٕ، مشک تہٕ ژٕنیکی حِس تہٕ آدرنہٕ چھِ یِوان شلَن:

| | |
|---|---|
| نفسے میانے ژٕ پرٕوِ اگر | دِژٕ ے دگو پھوٗلہم نہٕ ذاتھ |
| | (دٕرہٕ) |
| عشق چھُے گُنہٕ تلرِہِب برُن | سُہ ہے سو کھ برے تہٕ کھی |
| | (ژھُن وو تھنہٕ کنی بےٚ قراری) |
| عشق چھُے تیز کرٕ تچِہ ژٕ یخہٕ دُرن | سُہ سہے چھِو کھ زرے تہٕ کھی |
| | (دگ) |
| ژٕالُن چھُے پان پٔنن کُڈن گرٕ ہٕٹو | ژٕالُن چھُے کھیوٗن وہ ہہہ تہٕ گار |
| | (دگ تہٕ ہٕٹیچھ) |

مگر شُننکی (AUDITORY) پیکر چھِ سارِوے کھوٗتہٕ دلچسپ:

- اَن، لَیہٕ بَنشِرہ تہٕ "نأن" لَیہٕ لچھ
- دٕمی "ہہہ" گوٗم دٕمی "ہُہہ" گوٗم
- ہہہ اکِہ سنگرٕ تارزَن وزنُ<br>گُمبٕد وزن دُنی وُنی کتھ
- سوٗ ژٕوٗن اشارہٕ سیتن لبوٗزن<br>کوٗ ژٕوٗن لبوزن نہٕ "ڈمہٕ ڈمہٕ" گتھ
- ہوٗن چھُوٗکران "وَوٗ بادَد

شیخ العالمؔ چھِ منزٕ تِھیٚ استیارٕ تہِ ورتاوان یِمن ہٕنٛز کُنہٕ قسمٕچ استیارٲتی اہمیتھ چھےٚ تہٕ صرف چھِ خوبصورتھ تہٕ واضح پیکر۔ مثلن:

کیوٚپٕ کوٚت نیرکھ پینہٲنیٚ

یہِ پیکر چھُ صرف اکھ تصویر یتھ منز اکھ انسان کُنےٚ زٕون سفرس پیٹھ نیران چھُ دُنیہس بے زار گژھتھ۔ سفرس پیٹھ نیرُن ہیٚکہِ استیارٕ اَستھ، مثلن یِلہِ رُوحٲنی سفرس پیٹھ نیرُن۔ مگر اَمہِ مصرٕ پتہٕ یُس مصرٕ چھُ سُہ چھنہٕ اتھ یِہِ استیارٲتی اہمیتھ تھاوان۔ "ترادتھ شری مرکہ تہٕ گیٚنہٕ بار" تصورس منز چھُ یِتےٚ یوان زٕ اکھ درویش چھُ لوہ لنگرٕچ مایہ ترٲوِتھ پٔز رچہِ کٲنٛژ منزٕ ون رٹنہٕ نیران۔ یِیمہِ وزِ شاعر پننِس تخلیقی قوتس کام ہیٚتھ یانس اندی پکھیٚ وچھمٕژ چیز تِھےٚ پاٹھیٚ تہٕ تمی ترتیبہٕ چھُ شارس منز پیش کران یتھ پاٹھیٚ تمۍ وچھمٕتۍ آسن، پیکر چھِ لوان بارسس مگر یِیلہِ شاعر یِمن کُنہِ نوٚوِ طریقہٕ تہٕ پانےٚ تصورٕ کٔرِ متس ترتیبس منز پیش کرِ، استیارٕ ییہِ بارسس۔ یہِ چھنہٕ ضروری تہِ استیارس سٟتی آسہِ پیکر تہٕ۔ شیخ شرکین منز چھِ پیکر وٕرٕوس استیارٕ تہٕ نظر گژھان۔ مثلن:

ییٚمۍ ییتہِ دوٚد تہٕ تمۍ تتہِ لولو

گمریھیٚ استیارٕ چھِ بےٚ اثر آسان یوت زٕ اَمہِ کس استیارٕ آسنس کُن چھنہٕ ظوٚن تہٕ گژھان۔ وٕنۍ گوٚ دیتھۍ بےٚ زٕ استیارٕ چھِ شیخہٕ شرکین منزٕ ستھاہ کم۔ شیخ العالمؔ سُند سوچ چھُ شاعرِ سُند سوچ یِیمہِ کنیٚ سُہ ٹھوس حقیقژن ہنز ترتیب تہٕ اَمہِ کین موٚرٕ وٚضن ہندی منطقی رشتہٕ مُشرتھ پننِس تخیلس منز وُچھِمٕژ تہٕ زٕنیمہِ حقیقژ پننی ترتیب تہٕ پننۍ رشتہٕ چھُ بخشان۔ یہے چھےٚ فرق اکِس سائنس دانس یا سیاست دانس یا بیٚیہِ کٲنٛسہِ عقل پرستس تہٕ شاعرس یتھ کُن یِیمہِ صدی ہند اکھ نقاد پیٹرک کیلر PETEP MCKELLAR دلچسپ اندازٕ اشارٕ چھُ کران۔ سُہ چھُ وَنان زٕ انسانی سوچ چھُ دٕن قسمہٕ:

" R-THINKING (حقیقژ ہند سوچ) چھُ سُہ گاٹہٕ جار سُہ بیدار شعورُک انسانس تمہِ ساتہٕ حاصل چھُ آسان یِیلہِ سُہ منطقی حقیقتھ پسند تہٕ غٲر جذباتی آسہِ۔ کراشے ولیمز چھُ یوٚزٕ وَنان زِ یہِ سوچ چھُ انسانس دُنیاوی کامین منز کامیاب گژھنس منز مدد دِوان تہٕ اَمی سٟتی چھِ اَسی دُنیہکین سارِنےٚ مظہرن تہٕ یِمن مظہرن ہندین وجہن تہٕ اثرن متلق صحی رأے ہیٚکان قٲیم کٔرِتھ۔ اَتھ سوچس برعکس

چھُ یاکھ سوچ۔ (A-THINKING) یہِ چھُ بیدار شعور بدلہٕ نِندرِ رنہٕ مستیمہٕ ہند سوچ، امیک دارٕ مدار چھُ منطقی رشتو تہٕ حقیقتھ پسند ہیر بدلہٕ خیالن ہندِس رلنس (ASSOCIATION) پیٹھ۔ اتھ ہیکہ نہٕ ٹھوس شاہد وسیتی درستی سپدِتھ، اتھ منز چھُ تخییلک دخل۔

یوہے دوٚیم مہ قیمک سوچ چھُ سُہ طاقتھ ییمہٕ سیتی شاعر استیارٕ چھُ گران۔ استیارس منز ہیکہ نہٕ شاعر کانہہ تہٕ یوٚسے حقیقتھ یادٕ کرِتھ ثابت کرِتھ ہیکہ چھُ تس تو تہٕ پننین حِسہٕ تجربن تا بیار روزن۔ یہِ تمس پننی پانژہٕ حِس پلناوٕن تتھی چھِ تمس پننی ترتیب دِنی تہٕ تی چھُ تمس پننہٕ تخلیقی شعورٕ رتہٕ مطابق ورتاوُن۔ ساری سپے وانسہٕ اکِس بند کمرس منز روزِتھ ہیکہ نہٕ کانہہ تہٕ شاعری کرِتھ۔ یکہٕ ونِس دُنیہس ستی یکہٕ ونن روزِتھ چھُ شاعرس تہٕ اکھ زندٕ نٕہِ فرد آستھ پرِتھ ساتہٕ پننو پانژو حِسو کنز انتھہٕ روٗسی تجربہٕ جوٗٹ کرِتھ اندر لیوان۔ شاعر چھُ یمن قسیر ژار کرِتھ نوٚی نوٚی ییر بر دِتھ کن انان مگر یمن پرزرن ہند پوٚز آسُن چھُ شاعر یہٕ ہندین حدن منز اہمیتھ تھوان۔ یتھ پاٹھی ونے گو ڈے ووٚن زِ شاعر یپلہِ حِساوٕ تجربن پننی منفرد ترتیب چھُ دِوان تیلی چھِ بابکر استیار تھنہٕ یوان، شیخ العالمؒ چھُ اکھ شاعر، اکھ پوٚز شاعر کینہہ بیانی شُرکی (یم وقتہٕ وقتہٕ پتہٕ شیخ العالمسؒ ستی منسوب چھِ کرنہٕ آمتی) اوک طرف ترأوِتھ چھُ یا تھے ساری شُرکی پنہٕ شاعری ہندی پاٹھی تخلیقی زبان تہٕ امکی ساری استیار چھِ زوردار بیکرہ ہتھ۔ فہرست دِین چھُنہٕ شاید ضروری، مثالہٕ پٕرٕھی یمو صرف اکھ استیارٕ۔

کالیِ سنگر شین زن ژسکھ

ادٕ ماژ لگکھ ترژ تاوی

استیارٕ چھُ بنیادی دون مختلف تہٕ کُنہٕ ساتہٕ متضاد مفہومن ہند ملُن۔ اگر نہٕ یم نہٕ مفہوم مختلف آسن استیار ہیکہ نہٕ بنتھ۔ یہِ کتھ ژتس تھاوِتھ چھُ ہیر بم استیارس ٹھیے زوردار تہٕ نادر استیارٕ۔ شینہٕ ماژی ییتس کالس بالہٕ تینتاکس پیٹھ آسان چھِ، تینتس کالس چھُ یہِ سیٹھاہ موحفوظ تہٕ روب دار باسان تہٕ پننہٕ عظمتک باس دِوان مگر پتہٕ یپلہِ تاپھ تتان چھُ عظیم شینہٕ ماژی چھِ تلی تلی گلان تہٕ سنگرو پیٹھ ژسیتھ لبن سیاہ نارن منز شر پان۔ یوٚہے چھُ حال انسانہٕ سند۔ یینس کالس حالاتھ ڈکھ چھس روزان تینس کالس چھُ سُہ تہٕ یینس عظمتھ کس تہٕ موحفوظ آسنہٕ کس فریبس منزہٕ روزان تہٕ ظوٚنے چھُنہٕ یوان زِ انسانہٕ سنز ہستی چھِ تُرکہٕ غارِ موحفوظ (PRECARIOUS).

شیخ العالمؒ چھُ خوٗدٲیی قہرٕچ تادِ ہندِس صوٗرتس منز وُچھان: "تۄتا پہ سۄر گرزھہِ کۄہ ہین تہٕ بالٕن"۔ ہیرِ
مِس استیارس منز چھُ سنگر لفظُک ورتاو خاص اہمیتھ تھوان۔ سنگرن ہندِ تھزرُک پیکر چھُ
انسٲنی بجرُک تصور وۄتلاوان۔ یُیمہِ ورٲے سوٗرے استیار مۄرد آسہِ ہیکیا زِ نتہٕ چھُ شین
سزن منز تہٕ گلان۔ بیتھے پاٹھۍ چھُ "کالی" لفظ تہٕ سیٹھاہ اہم تہٕ یہِ چھُ گوڈنکہِ پھیرِ شیخ العالمنۍ استیاراتی
مانیس منز ورتومت تہٕ تمہِ پتہٕ چھُ تقریبن سارِنٕے کاشر لوٕ شاعرو زیاد ورتاوِ عستی چھُ یہِ
زوٕ نی نشومت (گہیہ آمت) تہٕ اسی چھِ ازِ شکلنے امہٕ کِس استیاراتی مانیس کُن گرزھان۔

موضوعی ایتبارٕ ہیکو اسی شیخ العالمؒ سندی ساری پیکر تہٕ استیارٕ کینژن خاص قسمن منز
باگراوِتھ تکیازِ شیخ العالمہؒ سنز شاعری منز چھِ کینہہ موضوع خاص اہمیتھ تھوان۔ (مےٚ چھُنہ ہرگز تہٕ
یہِ مطلب زِ تہندین استیارن ہنز اہمیتھ چھےٚ موضوعن ہنز اہمیتھ یا یہِ زِ کیم استیارٕ چھِ اکی
تھدِ پایکی زیمن منز چھےٚ تھدِ قسمہٕ کین موضوعن ہنز باوتھ)

۱۔ محبوسیتس متلق استیارٕ۔ اکھ اہم گرٛپ چھُ شیخ العالمؒ سنزِ شاعری منز تمن
پیکرن تہٕ استیارن ہندِ یمن منز زرح چھُ اکھ تیتھ پنکھی تصور کرنہٕ آمت یُس فطرتن آزاد چھُ مگر
یُس دُنیہس منز یتھ جسمہٕ کِس مرِس منز تاد چھُ سپدان۔ آدمی مۄر چھُ اکھ ٹھیپ۔

شوگہٕ زلہِ نیرتھ بنزرہ منٛھم
لوٕ تہٕ لوٕ تہٕ تلنم ہاہا کار

THE ROBIN RED-BREAST AND THE NIGHTINGALE
NEVER LIVE LONG IN THE CAGES
(THE DOUCHESS OF MALFI) WEBESTER

بنزرکِس تصورس عستی چھُ اکچہ ناپایدارییہِ ہند تہٕ عستی سستی احساس گنان۔ بنزرس
چھُ پھٹُن تہٕ روحس چھُ آزاد سپدُن:

زوٕ زلہِ نیرتھ مۄر مۄر میٹھے
میٹرہ ستی میٹر گرزھہ میلتھ کتھ

فناہ چھُ گژھان بنیزن۔ انسانہٕ سُند موٗر روٗح ہیکہ نہٕ فناہ گژھتھ موت چھُ شریرہٕ خاطرٕ روٗح چھُ آزاد سپدان:

وشہٕ دُر یلہٕ گرزیز تھ ییم
اُدمن ژرلیم سندانہٕ

موت چھُ شریرچ تہٕ روٗحچ جدٲیی۔ ییم اَکس خاص مُدتس پکہٕ وٕٹہٕ چھہِ روزان تہٕ آخر چھہِ الگ سپدان:

کنڈے آس تہٕ کنڈے ژھینہٕ
صاحبو زینہٕ چی گییم ہانژھ

موتس متلق چھُنہٕ شیخ العالمؒ سُند تصور تیتھہٕ پاٹھی خوش یوٗن ییتھہٕ پاٹھی لل دیدہٕ ہنزِ شاعری منز چھُ۔ شیخ العالمؒ چھہِ موتس متلق تصور نہٕ ہیکہٕ رلٲوِتھ تصور تھوان۔ ییتہٕ کن لل دیدِ ہِن لفظن منز اشارہ چھُ کورمت:

"شاستر بوزتھ چھُ یمہٕ بے کرد ٹھ"

لل دیدہٕ ہنز نظرِ منز چھُ موت انسانس تہٕ دیس میٖل گژھنک اکھ طریقہ، ییمہٕ کنی سو مرنہٕ خاطرٕ بے قرار چھے۔ مگر شیخ العالمؒ چھہِ ییمہٕ بیہ کنی قبرِ متلق تہٕ نجبو سنیک تصور تھوان ییتھ تم خوفناک پیکرن منز چھہِ پیش کران۔

جاے چھے تژھ ییتھ دارنہٕ برلو
تتہٕ موٕ یچھ گرٕ برٕ نے اوٕ
ڈاین گزن تل ییس ژٕ سے
لرتل میٚتر تہٕ وٕرنی میٚتر

۲۔ سہہ تہٕ شکار۔ استعارٕ

موت چھُ شیخ العالمؒ ہنزِ شاعری ہُند مستقل موضوع، ییتھ سُہ رنگہٕ رنگہٕ طریقو بادتھ چھُ کران۔ مگر سارِوے کھوتہٕ دلچسپ چھُ موت سہہ ہندس روپس منز۔ قدیم مذہبین منز تہٕ چھُ موت جنگلی درندِ بنادتھ پیش آمت کرنہٕ ییس کمزورِ شکارس پتے چھُ، موتس زبردنہہ کنہٕ انسانہٕ ہنز لاچاری وُچھو:

موت چھے سہہ تے ٹوٹو ژاݪی زے
کھیلہِ منز کڈِی ژارتھ کنھ

موت چھ سہہ ینہِ کھوتہ تہٕ خطرناک درِندہٕ
مرنس ژاݪی زے استس کھنڈس
سہس ژاݪی زے کرِوہس تام
دین دارس ژاݪی نے ہرس کھنڈس
موتس ژاݪی زِنہٕ اچھ موہس تام

انسان چھ جسمس منز قاد ــــ زالس منز ہند تہٕ ژلنس چھنہٕ کینہہ دتھ تہٕ سہہ چھس لرِ
تل رُوزِتھ زاگہِ بہتھ انسان کتھ ہیکہ امہ کہ بیہ ردس رُوزِتھ
زالس استھ اچھ کتھ مورس
سہہ چھم شالہ مکھ کرِتھ مارے
یمہ بے چھ نوی نوی پیکر ژٹتھ بادتھ لبان۔ موئج تخریبی عمل چھے تیتر خاموش زِ امیک
باس تہٕ چھنہٕ لگان نہٕ وچھان وچھان چھ کم گنڈر منظر و دور گژھان ۔ یہ خاموش عمل چھے تیتھے
پاٹھی جاری تیتھ پاٹھو نوین کنترِ دین بانن منز لوبی زاوان چھ یا تیتھے پاٹھو تتھ پاٹھو داٹی وان بُڈرادتھ
نیران چھ:

پوز زَن شرپے لوٗہن بانَن
داٗنی دِتھ وانَن پھالو گئے

### ۳۔ موسمہ بدلی متلق استیار:

انسانہ سنز دانہِ چھ مختلف منزل، لوکچار، جوانی تہٕ بُجر۔ شاعر چھ یمن منزلن
مختلف موسمن سیتی ہشراوان تہٕ پرتھ کنہ موسمس منز چھ ہوش مند انسانس نشہ کنہ خاص عملہ ہند
توقع۔ یوسہ کام سونتس منز کرِنہٕ، سہ ییہ نہٕ رتہٕ کالہ یا ہردِ کرنہٕ، یوسہ رتہٕ کالم کرِنہٕ ییہ سہ ییہ نہٕ
ہردِ یا سونتہ کرِنہٕ داریاہ شیچھ شرکی چھ یمن منز یہ موسمہ بدلی ہاونہٕ چھے آمژ:
سونتہ یم ژٹے کُن لا گنے کرن

تِمے سو کھ برن پپہ نِندے

---

سۄے ژالہٕ نندٕ ییمہِ وۄدو بیو لو
ژآرِتھ گٔڈہٕ ہس ہامہ کآئنی
سۄنتہٕ ییمہِ وۄدو تہٕ ہرٕدٕ تمی لۄلو
لاگِتھ جنتس ژاد وآنی

---

ہارس نِنیدرٕ پٔنیم یام لۄہ گوم
کارس دہٕ آم نہٕ گرٕنز اکھ
ژکھ لاگِنیہِ ییم پانے لَنے کرَن
پٔنِتھ یِییکھ ہٕٹہٕ رہکلے

۴۔ علمہٕ تہٕ جذہس متلق استیارٕ:

شیخ العالمؒ سٕنز شاعری پٔرِتھ چھُ یہِ باس لگان زِ انسان چھُ تقدیرٕ کین اتھن منز لاچار تہٕ انسانہٕ سٕنز ساری عمل تہٕ کوشش چھے فضول مگر وارٕ زٕنِتھ چھُ یہِ صاف نَنان زِ اتھ منز چھُنہٕ کُنہِ قسمُک DETERMINISM بلکہ چھُ انسان فردا سِتھ پانہٕ ذمہٕ وار۔ سُہ چھُ انتخاب کرنہٕ خاطرٕ آزاد دُنیہس منز تہٕ تس چھُ پانٕنیٚن عملہٕ ہندین نتیجن ہند ذمہٕ وار تہٕ روزُن:

ژۄکٕ تہٕ مۄدُر، ٹیوٹھ تہٕ زہر
خونِ جگر ییمہِ کھیوو
ییمہِ یتھ پیٹھ گونڈ ژنڈ تہٕ کہر
سُہ تتھ شہر گژِھتھ ییوو

امہِ قسمکی چھِ واریاہ استیارٕ یمن منز خاص کٔرِتھ تم استیارٕ شامل چھِ یمن منز وۄنکیٚ تہٕ لۄنکی پیکر ووتلان چھِ۔

۵۔ ھزلی استیارٕ:۔ شیخ العالمؒ سٕنز شاعری منز چھُ طنزُک عنصر موجود یُس تمین

لوٗو شاعر چھُ بادان تہٕ یُس تمِس لل دیدِ ہند کھوتہٕ تھوٗد رُتبہٕ چھُ بخشان۔ تہنزِ شاعری منز چھ وارِیاہ تمہِ استیارہٕ موجوٗد یمن منز بُہتِ یاد ہرِل تہٕ مذاق چھُ۔ کینژن جاین چھُ یہِ کھٹِتھ تہٕ کینژن جاین لوٗن۔ مثلن :

کیاہ کرِ دَندہٕ رٗوستے ڈوٗنِس
کیاہ کرِ اَنِس تیر کمان
کیاہ کرِ سعہٕ شُندرِ وستے ہوٗنِس
کیاہ کرِ اَنِس شِلہٕ پَہ مان

---

برونٹھ کالہٕ آسَن تتھی کیٖرن
ٹنگ ژرونٹھو پیپن ژیرن سعہ ستی
ماجہ کورِ اکھ واس گیرتھ نیرن
دَدہ دین برن پَرد ین سعہ ستی

---

کینژن دِتھ نیتہٕ کیاد توٗتے
کینژن نیتہٕ نتہٕ توٗتے کیاہ
کینژن دِتھ لالکُ ترِوٗٹے
کینژن گاشہٕ منز گوٗٹے گاہ

بیترِ بیترِ

شاعری منز یُتھے طنزک عنصر پاد چھُ گژھان یہِ چھے آسان بیٚنہٕ دِ قیچہٕ حقیقژ نزدیکھ امژ تہٕ لیوسہٕ شاعری پیٚنہٕ زمانہٕ نشہٕ بدٕلِن آسہٕ تتھ منز کوتاہ تہٕ فن اَسی تن سع چھنہٕ دارِتھ ہیکان۔ طنز چھُ نوِ شاعری ہنز اکھ اہم خصوصیتھ۔

بیٚیہٕ تہٕ ہیکن کینہہ قسم شیچہ ژُر کین ہندین استیارن تہٕ پیکرن ہندی بنتھ۔ مثلن تمہِ استیارہٕ یمن منز ژلہٕ وُن دَگیہ چھُ ہاوِنہٕ آمُت۔ گرتہٕ لکھہٕ تہٕ چھِ یمن استیارن قسم مثلَن سادہٕ استیارہٕ مرکب

استیارٕ، پھٲلتھ استیارٕ تہٕ میلتھ استیارٕ بیترٕ موٗخر شیخ العالمؒ سُند تخیٖل چھُ واریاہ پاسل تہٕ تعجب چھُ زِ ازتام چھُنہٕ اَتھ کُن کاٚنسہِ تہٕ توجہ دِتھ۔ بێیِک نتیجہ دراو زِ شیخ العالمؒ اَدیبانہٕ اکھ بوڈ مُبلغ بناوِتھ پیش کرنہٕ یِتہٕ زِ ن تہٕ سُہ اکھ پرزۄ چھُ ۔۔۔ سانٮ۪ن چھِ کانہہ نتہٕ کانہہ تحقیقی مسلہٕ تِلتھ تِمہٕ ہنٛزِ شاعری نشہٕ دوٗر گژھان۔ کینہہ چھِ شیخ العالمؒ سٕندِس آسنس پیٹھ تہٕ شک کران۔ اَسہِ چھُ یِتہٕ وُچھُن زِ یوٗت تام اَسہِ برونٛہہ کُنہِ کلام شیخ چھُ اَسہِ چھُ مانُن زِ شیخ العالمؒ چھُ کاشرِ شاعری ہٕنٛد اکھ بوڈ شاعر ادسمت ۔۔۔ یِتہٕ چھُنہٕ اَسہِ پئے ہومرکُس اوس، کالیداس کُس اوس، چاسرکُس اوس شیکسپیرکُس اوس!

## ۱۱

# جدیدیتھ

## — پننِ کنہ پہہ ترأے

جدیدیتس حمایتس منز چھُس بہٕ یہ مضمون تیلہِ لیکھان ییلہٕ زن اتھ خلاف مزاحمتھ اِلہِ پہٕ سوریہ چھےٚ تہٕ جدیدیتس حمایتس منز کانہہ قلمی تحریک چلنہٕ ورآی چھےٚ یہ سانہِ ادبٕ تہٕ شاعرٕ دِتو لول کرِتھ تہٕ تمہِ چھہ جدید ترٛایہ لیکھنچ کوشش کران (کُس کتھ حدس تام چھُ کامیاب سُہ چھُ وکھ سوال) ووُن گھووُنہ تہٕ چھہ ساری کینہہ دانشور شکایتھ کران زِ جدیدیتھ چھےٚ کاشر شاعرٕ یہ ہندِ خاطر ووپر امہِ اوّن سانہِ شاعری یہ تہٕ سائنس اَدلس زوال، جدید ترٛایہ لیکھن والی چھہِ محض نقال۔

جدیدیتھ چھنہٕ سانہِ ادبی تہٕ اخلاقی رِوایژن تہٕ قدرن سیتۍ کانہہ ہشر تھاوان بنیرِ یہ فیصلہ کرنہٕ برٕونہہ زِ جدیدیتھ چھا سانہِ خاطرٕ ووپر کنہ یہ چھےٚ اَسہِ پننۍ ترٛاے، چھہ گوڈٕ تھ دانشورن ہنٛدِ تہٕ رٕن زِ جدید تخلیق پرٛزناونکۍ تہندی ساری میشرٕ وٕنۍ چھہ کھوٗڑ تہٕ جدیدیتس متعلق ہندی ساری تصور چھہ اَبٕزرٕ۔ اتھ سیتۍ چھُ ییتہٕ وُچھن سانی اکثر ”جدید“ شاعر تہٕ ادیب چھہٕ جدیدیتس تعلق پانہٕ تہٕ واضح۔ جدید مخالف دانشور چھہ صرف تمہٕ شارس یا ادب پارس جدید ونان ییتھ منز تمن ابہام باسہِ تہٕ ساری کینہہ جدید نما شاعر تہٕ ادیب تہٕ چھہ جدیدیت آسنک باس دنہٕ خاطرٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ سیوٚد سادٕ کتھ ورٕدارٕ اظہارٕ دِنچ شعوری

کوشش کران۔ تِم چھِنہٕ یہ زانان زِ ابہام چھُ پتھ وتھ شاعر یَن ہندین بنیادی لوازمن
منزٕ اکھ اہم سمت ییٚتہِ پیٚٹھ کنہ دورٕچ روزٕ وٚنی شاعری چھےٚ بیٚہِتھ آسمٕژ۔ بیٚیہ پاٚٹھٕ چھُ یہ
اکھ غلط تصور زِ جدیدیت گوو سُے ییٚتھ منز کانٛہہ ہیٚتی نوٕہ آسہِ۔ نوین ہیٚتن منز ہیٚکہِ پرٛون
مواد دِنہٕ یِتھ پرٛانین ہیٚتن منز نوٚو۔ یہ غلط تصور چھُ جدیدیت مخالف دانشورن تہٕ جدید
نما قلمکارن پانہٕ وٲنی شروع۔ ییٚتھ رودی جدیدیتس سیٚتی وابستہٕ بیٚیہِ کیٚنہہ لفظ مثلن خود پرستی
تنہائی، وٲراگ، انتشار، خوف، ناوومیدی، ییٚتھ کال پرستی بیتر۔ یمن لفظن ہتر ڈٲہر دوت
لوکن برابر ییٚتہٕ مود ہوڈری لو ییٚتھ وایان یہ زانہٕ ورآے زِ یہِمہٕ سارِ نیٚے خاصیژ چھے
رومانیتچہِ بنٛیادی خاصیژ۔ تہٕ رومانیت چھے جدیدیتک تضاد۔ کانٛہہ شیراز کس "آزٕچ کاشر نظم"
نمبر کس دیباچس منز چھُ ایڈیٹر یہے ساوٕ کنہ ییٚتہ کنہٕ زور دِتھ ماینز اوٕنہچ کوشش کران۔

"ادبُک چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ مقصد، ادیب چھُنہٕ کُنہِ نظریک تہٕ پابند۔ یہ بنیوٚد جدیدیت
ادیب (ادیبہٕ) سند "نظریہ"۔ ہینٛچ ہیتا (انفرادیت) ماّنی راونی چھےٚ اَہنز اہم آواز۔ تنہائی،
وٲراگ، دَم پھٔٹی ماحول، شک، اشکال، خوف، مولوسی، بے ناو دوودگ تہٕ پس کال پرستی
چھےٚ اَہندین تخلیقن ہِسالہ کرون فِضا۔ لیٚہہ ہے چھُ جدیدیت افسانہ۔ جدیدیت ڈراما تہٕ جدیدیت
اَدب۔" مگر تیلہِ کیازِ زانون تہٕ لل دیدِ ہنز شاعری جدیدیت یا ازبرہ نہہ زِ ساس وری لیکھنہٕ آمتین یم کیٚنہہ شار

BUT IF ANY FAR-OFF STATE THERE BE
DREARER THAN LIFE TO MORTALITY;
THE HAND OF DARK HATH HOLD THERE OF,
THE MIST IS UNDER AND MIST ABOVE
AND SO WE, ARE SICK FOR LIFE AND CLING
ON EARTH TO THIS NAMELESS AND SHINING THING

FOR OTHER LIFE IS A FOUNTAIN SEALED
AND DEEPS BELOW US ARE UNREVEALED
AND WE DRIFT ON LEGEND FOR EVER!

{EURIPEDES, HIPPOLYTUS}

تہٕ رحمان راہی سٕنٛز نظم "سوٗنٛتھ" کیاز کڈوان تہٕ جبیدٕ شاعری ہنٛدِ آیرٕ منٛز۔

ژھٕچہ کرٕتھ کاکدٕ قلمن پنجرس تہٕ
دٕشؠ اَتھہٕ ہنارِس ڈٕکس پھٕرِوان دوٗتھم:
کُنہِ تہٕ چھیہٕ شرٕ تھوٗسی اَچھن آگاشہٕ کرٕ ہیشیار ہنہٕ؟

ہٕرٕری اَکنڈٕ!
ہوٗشیون شہہ
زٕمرٕ وٕدی پھہہ ________

لولہٕ وٕنہٕ وہ شلوو وچھ تیمبرٕ لوٕ وڈٕ جوٗد
اُمتی چھہٕ درسہٕ وان دادٕ پانکل
ژاگٕ رٕنیہ تل شاعرس رٕتھ سنٛدرٕ جہ لوٗلی
بالہٕ پلہٕ پٕنٛزی کانجن ہنٛدرِس ژٕشتہ پوٗنپرا کابل تاپہٕ چھٕہہ زٕنتھ چھوری گنٛتھ
دہ لرٕگنہٕ ہنرگاڑ وزٕملی وڈری تھرِ ینٹھی ہری یہٕ زٕ ژٕ ہنرپہٕ اُدٕر تارکھ پھلے
وتہٕ پیٹھکہٕ پٕنٛزی پوشہٕ کوترگرایہ ہنٛد وہوٗن گگو
نَب، ہوا، ہٕترانتھ
سَنہٕ سوٗدرٕچ کٕنی سنٛزارِ دہ پد ہیمٕتر رٕہٕچ خوشبو یہٕ ژھٕٹھ
اَچھہٕ، قلم، کاکدٕ، حرف، گنبد، فضا
شٕینٛتھ جیہنہٕ باداں اَچھہٕ کھورہ لو
دٕکھ چھہٕ یوٗرہٕ آگمت

یتھ مِہ کأشرِ شاعرِیہ منز چھُ خالے کانہہ غزل یا نظم یتھ منز بہارُک کانہہ ذکر آسہِ
آمُت تہٕ بہارس متعلق چھےٚ کأشرِس منز وارِیاہ نظمہٕ مگر یِم نظم چھےٚ ہیٚمہِ کنہِ مختلف تہٕ ادے
کنہِ جدید زٕ شاعر چھُ پننہِ ذاتہٕ مکمل پأٹھی سونتہٕ چیٚر تخلیقی عملہِ نِشہٕ بدٕلن تھاوِتھ ہیوٚک مُت
تہٕ نظم چھےٚ گوڈنیٚتھ اندس تام پیکرن ہند گنہ ہٕرلس سیٚتی سونتک رٕسہٕ رٕسہٕ تیزوُن رفتار
پیش کرِتھ تیتھ خوشبوُن مأری موٚند سماپادِ کران یُس نظمہِ ہندین سرحدن منز تہٕ تیوت
ٹھوس تہٕ حقیقی چھُ باسان زِ پرن وول چھُ پننو حسو سیٚتی موٚحسوٗس کران۔ نظمہِ منز چھنہٕ
کانہہ تہٕ PROPHETIC لوٚدوٗے کانہہ پرن وول اکھ سیٹھاہ PROPHECY ہیٚکہ
زانِتھ، بلکہ چھُ صرف اکھ مأری منز رامیکٕ مقصد یُس وٕ تلان چھُ۔ یہ چھُ لوٗزِ جدید
شاعرِیہ منزِ بہ مثالہ چھےٚ سیٹھاہ کم تہٕ اکثر جدید شاعری چھےٚ یٔژرِ پأٹھی یراسش
(PESSIMISTIC) مگر جدید شاعرِی بوت چھنہٕ بلکہ ہر دورٕچ تھزٕ شاعری چھےٚ
نِراش رٕوزمٕژ۔ انسانہٕ ہنز حالیتھ چھےٚ انجر یادی المناک تہٕ پرٕیتھ دورکِس شاعرِ ہندِ تخلیک
مرکز چھُ انسانہٕ ہنزِ ہیے حالتھ روٗزمٕژ تہٕ جدید شاعرٕ کُس گوٚ ناہ کوٗر زِ تم چھِ زیادٕہ شدتہٕ
اَمہِ المیکٕ شوٚعور تھاوان۔ وجہہ چھُ صرف یہی زِ یُتھ پن ساسہ بدین دری ین منز لوت زیادٕہ
یہ پرٕ اسرار المیہ زانٕنچ کوشش آیہ کرنہٕ یتوٚت لوٚگ امکہ ناقابلِ فہم آسنکُ پےٚ تہٕ زانکُ
امکان گوٚو ختم۔ وُنہِ مہ صدی ہندی سائنسن وانٕ وٕ آسی اَمہ مسلہٕ کسِ ژکسِ تل یتہ یہ ناقابلِ
فہم المناک صورت حال قبول کرنہٕ درآئے چارے روٗدنہٕ۔ جھوٗنی شاعر یتیہٕ وجدس یتھ پنن
پان ذاتِ بالاہس تیشرادِتھ بننن شکن آسہ تھوٚپ دِتھ اَمہِ صورت حالہٕ نِشہ اچھ موٚران اوس
تہٕ روٗمانی شاعر اکھ صورتِ حالس مقابلہٕ کِتھ پنن پان اکھ تباہ حال ہیرو زانان اوس تتھ
چھُ جدید شاعر دل پھٹتھ تہٕ سیٹھاہ مایوس پأٹھی یہ صورت حال قبول کران مگر سُہ
چھنہٕ پننہِ ناکامیہ منزِ پنن پان ہیرو زانان بلکہ سنجرُس چھُ پانس پیٹھ پانے آسان۔

بقول آسکر وائلڈ۔

"WE ARE ZANNIES OF SORROW WHOSE HEARTS ARE BROKEN"

یاتھ پاٹھی ہےٹس شخصیژ پتھ یمن لفظن منز ظٲہر کران چھ :

TATTERED COAT ON A STICK"

تہ ایلیٹ چھ THE HOLLOW MEN نظمہٕ منز کھوکھین ستی ژلتھ کھوکھ بنان

لبُس نہ سوکھ ہیکہٕ ژینتھ تہ وُدکھ

یُنہٕ کین دۄہن کوٚن منز ز بہٹہ لیچھ پھیر چھوٚلمُت پٔتھ دستار، گلشن مجید: نظم: سونٛ آسُن۔

گوو جدیدیتہٕ مخالف دانشورن ہندی میژرِ تہ وٕرٛ چھ کھوٚٹہ تہ جدیدیتُک شاعر وچھ جدیدیتہٕ

بنن سُہل زونمُت۔ اکہٕ پھیر ٹیلیہ ۱۹۵۷ء ہس منز لندنکی اکہ رسالن یمزٕ تٲرِیفن

CYNICAL DEFINITIONS' ہندٕ اکھ مقابلہٕ سنڈ ونو جدیدیتہٕ شاعری متلق

دٲتی یم تارِیف :-

قافیہ : فرسوٗدٕ تہ فسیح شرٛدِ بزارے، شاعری منز وونی ترک

مانے : زبانٛی ہندِ ذری ہیرِ موخفر خیالٕن ہند داتناوبر شاعری منز وونی ترک

بحر : کینہہ تام ، ییہ لاڈ ٹینی سنس ستی غاب گیوو،

داتناوبر : ۱۹۱۴ء پتہٕ اکھ نابود مسلہٕ

اِبہام : ٹاکارٕ

اِلہام (AFFLATUS) ہوا، جدیدیتہٕ شاعری ہند اکھ لازمی عُنصر

جدیدیتہٕ شاعری متلق ساہن یمن دانشورن تہ جدیدیتہٕ شاعرن ہُنڈ تصور

تہ چھ ہیژہ ہوا سنس لایق۔ جدیدیتہٕ شاعری پٔتھ جدیدیتہٕ لفظن تہ جدیدیتہٕ پیکر شوٗ غوری کوشش

کٔرتھ ذرناورنی مطلب نماوان۔ کانہہ دوستہ کارس ہے لوٚن اشنک چینر دیو بناوٕن سہ بادِ

ڈیوس ہے ٹراکہ فاشنک بادر، سہ بناد۔ مگر یہ توفا ہکو نہٕ اَسی کانسہ شاعرس یاد پس

لسٚنہِ تھاوِتھ۔ شاعری یا ادب اگر پنٕنی پانٕچھ میعاری آسہِ، اَتھ منٛز آسہِ ضرور کُنہٕ نہٕ کُنہٕ رنگی عصرٕچ
تخلیق کارُن پنُن شعوری کوشش آسی ہیکہٕ نہٕ شاعری بنِتھ :

"کمہٕ ساعتہٕ کوٗر راڈار ارٕکہٕ ٹ ؟
قبرِ اکس منٛز
ٹھونٛٹھاہ دِتھ ووٚتھ اُڈی جَن کُن
اَکھ اُڈی جہ کٔرتھ نزاہ
ٹیکنکی مددٕ نہٕ کہ معاہدٕ کٔرِ
کمپیوٹرٕ دکٔری راڈار نصب
روٗمن پیٹھہ، اَستانن پیٹھہ
قبرن ہندٕ شُردے کرٕ کرٕ کری
کٔرِ شُر
سینکھ، ٹوٗلکھ ریڈیم لہر ووستی
راڈارٕ دٕنیٚر منیٚر ہیوٚتکھ......۱"

غلام محمد آجر۔ نظم

اُسی گژھہٕ نہٕ جدید شاعری یا ادب جدید فاشنن سٕتی رل کرُن۔ فاشن چھہِ کالہٕ پگہہ
بدلان روزان، یمن چھنہٕ کانٛہہ دٲیمی اہمیتھ۔ نہٕ چھہِ فاشنن ہندِ بارسس پنٕنی خاص وجہہ آسان نہٕ
نہٕ ختم گژھنٕکی۔ اَتھ برعکس چھِ کُنہ شاعری یا نثری تخلیقہ پوشہِ وٕنٛی اہمیتھ آسان نہٕ یمن منٛز
کُنہِ قسمٕچ مزاجٕ تبدیلی ییٚنہٕ کٕرچھہ سنجیدٕ نفسیاتی، سماجی، اقتصادی تہٕ تمدنی وجہہ آسان۔
کانٛہہ ہیکہٕ نہٕ شایدٕ ونِتھ زِ کھلہٕ مُرِ پتلونٕ نہٕ پتہٕ کیازِ آو تنگ مُرِ پتلونن تہٕ تنگ مُرِ کیازِ وٕ زِ نہٕ
فاشن۔ کورٕ ہندی پھراکھ کیازِ چھہِ ژھوٚٹان نہٕ زِ ہیٚٹھان مگر اُسی ہیکو وجہہ بادِتھ زنشنوی

کیاز گیہ ختم . دورگہ اظہار کیاز چھُ مناسب . ناوِل کیاز چھنہٕ کُنہِ منز بیتھ

جدیدیتس خلاف یم سارٕی غلط تصور رد کرتھ چھُ اَسہِ اتھ متعلق کانٛہہ صحیح تہٕ واضح تصور قایم کرُن، یہ ونہِ یتھ زِ جدیدیتھ چھےٚ تخلیقی عملہٕ منز تمام قسمہٕ کیو بیٚ اہر تخلیقی پیرادوہ مقصدو نشہٕ مکمل آزادی۔ تخلیق (اشعار، افسانہٕ، ڈراما، ناوِل، تصویر بتیر) خالص فن آسہِ اسہل یا مشکل اتھ کُنہ تہٕ تحریکی حد بندیہ منز شامل ہیکہٕ نہٕ سپدتھ تہٕ زندگیہ ہندِس کُنہ شولس منز کانٛہہ ٹھوس سوچ وانتاونچہ ناکام کوشش درآے تہٕ آسہِ زندگیہ ہندی رنگہٕ رنگہ ابھار تہٕ اکہِ سٕنز وۄہ گنی زانہٕ اس منز ادرگہ) مدد دِوان، سرُدر بخشان تہٕ زنار گیہ قریب انان. مگر جدیدیتُک مفہوم یہ تاریف چھُ "جدیدیتھ" اصطلاحس تہٕ غارضۆرۆری بناوان تکیازِ یہ تاریف چھُ تکرہ پزِ ننک تاریف . تہٕ پزر چھُ ہی زِ جدیدیتھ چھےٚ پُزِ ننک دریاف . یہ چھنہٕ کانٛہہ نظریاتی تحریک یتھ پنُن کانٛہہ منشور آسہِ تہٕ اکھ امتیازی خۄصوصیتھ چھےٚ یہ زِ اکھ منز چھنہٕ تخلیقی تجربن بنار کانٛہہ ہشر تکہ چھےٚ امہ امتیازی خۄصوصیتھ تجربن ہندِ ہیانہ رنگا رنگی. جدیدیتھ چھنہٕ کانٛہہ تحریک تکہ محض اکھ پنُن ہیج، محض اکھ رۆدی یہ بۄے چھُ وجہ زِ جدیدیہ نقاد چھنہٕ زانان زِ اکھ پزٕ تخلیق ہیکہ صرف اکھ جدید تخلیق کارے پیوت یاد گریتھ سۆ چھ پھتہ کُنہ دورس منز تہٕ پھتہ کُنہِ تحریکہ تحت پیش کرنہٕ آمژ پزی تہٕ شۄوی فن پارہ پزر ناوان تہٕ تمن پنُن جایز مقام دِوان. "شاعری چھ فرد لیکھان نہ زِ تحریکہ" . (جیمز ریوز) جدیدیتکس انکھ رُدی لیس آیہ تحریکہ مندریجہ دریچ کہ یا سرچر کوشش کرنہٕ مگر تحریکہ روزِ بنان تہٕ پھٹان تہٕ پۆز فن رۆد ہر ونٛہ ہیکان. جدیدیتُک ہیو کنہ کانٛہہ تہٕ لوشہِ دِن منشور بنتھ تہٕ یمن تحریکن دوران لیس نہٕ تاریف جدیدیتکہِ خاطرہ گرنہٕ آوۄ رۆدُکنہ تہٕ رنگی نامکمل ممکن چھُ زہیر کُنہِ دِ قیمت مفہوم یہ تاریف تہٕ آسہِ نامکمل. مثلن ہی تو یہ اکھ تاریف لیس جدیدیتکہِ اکِ باکی کارن دِ قیمت چھُ

جدیدیہ شاعری چھےٚ پرانہِ شاعری ہندٕ ضد. امیکُ تۆلق چھنہٕ کُنہٕ دلیرانہ

عملہٕ سیتٕ، یہِ چھےٚ شعقہٕ پاٹھۍ تہٕ چھیکرس اندرٕ وٕیزٕ (INTROSPECTIVE) بنیمٕژ۔ اَمیک تعلق
چھُ شاعرٕ سٕندس منس منٛز لمحاتی تاثرن ہنٛزِ باوتھ تہٕ واتناورس سیتۍ۔

(ٹی۔ ای، ہیوم۔ فرٛدرسپیکیولیشنز)

پرانہٕ شاعری تہٕ جدید پدٕ شاعری درمیان سپد یوٚد گوڈنکہٕ کہن کنوہی منٛز معدنیہ ہندس
پتمس حصس منٛز دوٚرہ پاد ییلہٕ فرانسہٕ کیو علامتہٕ پرس شاعرو روٗمانینس خلاف مکمل بغاوتھ
کٕرتہٕ شاعرٕ زبانی (PRIMITIVE) لوکن ہنٛزِ زبانی ہنٛز ہشِ سادگی، فطری اظہارتہٕ ماننے آفری
عطا کٕرتھ یہ تمہٕ سائنسی، تجارتی تہٕ سیاسی زبانی لنشہٕ بدڈن گڈلیو سہ سانینہٕ جہ ترقیہ کنی لفظن
مختلف چیزن کُن محض اشارہٕ مانتھ دہ ہیہ کھوتہٕ دہ ہیہ مانیہ لنشہٕ اکھ چھےٚ چھلان۔ فرانسی
علامتہ پرستن ہنٛد اثر روٗٹ سارِنے بروٚنٹھ امریکی شاعرد تہٕ ادیو کم جدید پدٕ تکی علمبردار بنیے
انگلستانکہ تہٕ امریکہٕ ہلی تخلیق کار گیئے۔ (ARTHUR SYMONS) سٕنزٕ مشہور کتابہ
'THE SYMBOLIST MOVEMENT IN LITERATURE' لنشہٕ مناشر۔ اَمہٕ کتابہ ہنٛد اثر
روٗد اکھ حدس تام وۄسی زِ کلہم انگریزی شاعری ہنٛد مزاج سے بدلیو۔ ییہ کرِ۔ اَمہ کتابہ ہنٛد
اکھ اقتباس نقل یتھ منٛز جدید تہٕ یاد تنٛہ پاٹھۍ نظرِ چھےٚ گژھان۔

"ٹاکارتس (EXTERIORITY) خطابت تہٕ مادیت چھہ ریلو اثر خلاف بغاوتس
منٛز پیتھ کنہ چیزک چھیکراٰی جوہریاررح بیلہٕ (DISENGAGE) تراونچہ کوشش منٛز
تمہ زن شعور تتھ تام واتنتھ ہیکہ، یُس پیتھ تمہِ علامتہٕ ہندس انتظارس منٛز ییمہ علامژ سیتۍ چیزن
ہنٛدٕ رح تہٕ پاٹھۍ بوزنہٕ ییہ، ہیکہ سہٕ اَدب آزادی تہٕ تیقہ باو کتھ (AUTHENTIC SPEECH
پرٛاوتھ یُس ادب وارِہ بارٕ گوبر دوٗرِ مت چھُ۔ ییلہ ادب آزادی پٕراوان چھُ یہ چھُ
اکھ زیادٕ گوب بار متہٕ ہوان تکیاز، ییلہ یہ اَسہٕ سیتۍ تتھے پاٹھۍ پانہٕ نیارسان تہٕ سنجیدہ
پاٹھۍ کنتھ چھُ کران تیتھہٕ پاٹھۍ ازتام صرف مذہب امت چھُ کران، یہ چھُ پانہٕ اکہ قسمک مذہب بنان یتھ تقدس

رٕسمکہٕ پاٹھہٕ پننہٕ فرضن تہٕ ذمہٕ داری یہٕ آسان چھےٚ"

ARTHUR SYMONS: THE SYMBOLIST MOVE-
-MENT IN LITERATGKE 1899.

یہے کتاب بنیہٕ یہ ٹی. ایس ایلیٹنہٕ شاعری منز رازہٕ بدلیہٕ ہند لوٚڈ وجہہ. بیمہٕ
ہندہٕ ہندہِ گوڈنکس دہلس منز عٔرن یہ مشہور کتاب تہٕ PORERATEOF
لیکھتھ تٔمن جدید اِنگریزی PRELUDES A LADY تہٕ "PRUFROCK"
شاعری دِس. اتھی دہلس منز چھُ ایذرا پاونڈ کیٚشرن شاعرن ستی عٔلیتھ امیجسٹ تحریکہِ
شوٗرو کران تہٕ اتھی دہلس منز چھُ ڈبلیوٗ. بی. یِٹس تہٕ نوِ اندازٕ لیکھُن ہوان. ییتھ پاٹھہٕ
مےٚ گوڈے وٗن زِ یوٗرُز ادب ہیکہ نہٕ کنہِ تہٕ تحریکہٕ مکمل ثأبیار دٕرتھ، امیجزم تہٕ پیچ نہٕ دہو
وری یوٗکھ تہٕ زیاد وقتس قائم روٗزتھ. یوٗ دوٚے امہٕ تحریکہٕ جدید شاعری سیٹھا بر دنتھ
یکنٕد. امہٕ تحریکہٕ ہند ناو (IMAGISTE) چھُ پاونڈن گوٚرمُت. سنہ ۱۹۱۵ ع ہس منز آو شیکُ
منشور تہٕ پیش کرنہٕ یُس پاونڈن ادس پنُن ناو دِنہٕ ورأے تیار کوٚرمُت. امکی کینہہ
اہم نوکتہٕ آسی یِم.

"دوٚہ دۄہکہِ گفتارٕچ زبان ورتاوٕنی مگر لفظ گژھہِ ہمیشہ تہٕقہٕ EXACT"
ورتاوُن، تہٕقہٕ نزدیم تہٕقہٕ (NEARLY EXACT) تہٕ نہ گژھہِ لفظ صرف پأرأوی آسُن.

۲. نوٚی آہنگ بأوٕ کرنٕی تہٕ پرانین آہنگن نقل کرُن یِم زن چھ پرانین کیفیژن
(MOODS) ظأہر چھِ کران.

۳. موضوٗ ژارنس منز مکمل آزادی تھاونی.

۴. پیکر پیش کرنی (تہٕ اوٚکنی "پیکر بیتھ" ناو)

۵. "تِژھ شاعری تخلیق کرنٕی یوٚس ٹھوس (HARD) تہٕ صاف آسہِ. زنہہ گژھہِ
نہٕ گٹ (BLURRED) یا بےٚ تہٕقہٕ (INDEFINITE) آسنٕی.

۶. چھیکرس، اَمہِ منز چھہٕ مانان اکثر زارتکاز چھُ شاعری ہُنار ہنز بادی رُح ۔
اَمہِ منشورک مُدا ادس یی زِ نظم گژھِ اکھ لمحاتی مشاہدٕ یا تأثر موختصر کھوتہٕ
موختصر پاٹھی گژھِ شد تہٕ سان نہ دیر پا اثر۔ سان پیش کرنی تہ حس آدراونی تہ مکمل
تصویر اُچھن برونٹھ کُن آنٕنی۔ مثلن۔

ALBA

AS COOL AS THE PALE WET LEAVES OF
LILY-OF-THE-VALLEY / SHE LAY BESIDE ME IN
THE DAWN.

(ایذرا پاونڈ)

HER SKIRT LIFTED AS A DARK MIST
PROM THE COLUMNS OF AMATHYST.

ایمجسٹ تحریک شوٗرٕ گژھنس ستی گیہ اتھ منز اختلاف پادٕ۔ تہٕ
اُمکی ساری اہم رُکن ژلی بیون بیون دتو۔ ہیوم موٗد تہٕ لارینس، پاونڈ، جوائس، ولیم
کیرلاس ولیمز ہیکی نہٕ پننہِ انفرادیتہٕ تحریکہ حوالہٕ تھاوتھ، ایچ۔ ڈی تہٕ گیہ اَمہ پتہ تحریکہ
نشہِ جدا تہٕ ایمجزم تحریک پھٹ مکمل پاٹھی۔ جدید شاعری برخلاف گیہ جارجیین
GEORGIAN تحریک شوٗرٕ، یمکی شاعر جدید جدید ہساکی خلاف انگریزی زبٲنی ہندِ بن
رومانی شاعرن ہند مزاز دوبارٕ زندٕ آسی ثیرحال کرن۔ مگر یہ تحریک سپدٕ پیہٕ تیشر
بدنام یہ سبب ساعری بدلہٕ چھ جارجین لفظ ورتاونہ لیوان۔ یتھے پاٹھی گو ڈنکہ بڑ جنگہ کہ دور چہ
شاعری گنہِ ناوٕ ورای باضابطہٕ تحریکہ ہنز صورتھ اختیار تہٕ اشیک اکی موضوعس جنگ لودٕ وے اتھ
دورس منز ایڈمنڈ بلنڈن، ولفرڈ اوین، ولفرڈ ولسن گبسن انفرادی رنگس منز شاندار جنگی نظمہ لیکھان روٗدی۔ مگر تحریکہ ہندس صورتس منز

رۆز یہ شاعری ناکام (EDITH SITWEL) سنٛزِ شارٕ سۆمبرن (WHEELS) لیوٗ ہے اکھ تحریک ہُنا شارٕ مزاز مقبوٗل آس بناوُن ژھان، سو تہٕ گیہ کیٚنژھ ہیے کالس منز ننگہ تہٕ اَمہٕ سۆمبرہٕ پیٹہٕ پیٚچ یہٕ اکھ قدم تہٕ. دوٚن گوٚ اَچھِ رٕژٕ نظمہٕ تہٕ رۆزٕ تحریکہ نیمبر پوشہٕ دِنٕ اہمیتھ حاصل کٔرتھ تربیمہِ ڈٔہِ لچہِ انگریزی شاعری یہ رۆٹ جدید پٔد شاعری یہ منز اکھ ہیوٗن تہٕ بدلوٗن رنگ تکیٚشارِ اکھ منز یُد مارکسزمُک اثر نٔنہ پاٹھۍ غالب تہٕ (W. H. AUDEN) ہیٚنوو اَمہ شاعری ہیٚند علمبردار۔ تہٕ کرسٹوفر کاڈویل ایٚتھک نظریاتی پیشوا. دوٚن گوٚ واکھی ڈٔہِ لِس منز وُدہ تلیٚیے تم کینہہ شاعر کم اَمہ اثرٕ نیمبر رۆزٕتھ بہلہٕ پایہ شاعر بنیٚیے۔ مثلن ولیم رابارٹ گرٔیوز، سٹیفن سپینڈر، جارج بارکر تہٕ ڈلن تھامس.

بیٚیہ پاسہٕ دوہ تلیٚیے رۆژ ٚرسِ ڈٔہِ رِس منز تہٕ دوٚیمیس عالمی جنگس دوران اکھ نوٚ تحریک لیوٗ ہٕ وار یہِس حاس تام نہ رہیٚز مکس اثر بس تل رۆز۔ اَمکہٕ ساری شاعر آسی شٹھہٕ مذہبی یم نٕرایلیٚم سپندٕرن عظیم ڈٔرکی یا فنٕ ہنہِ رنگہ وَرتاوٕنچ کوٚشش آسی کران یا ژھٕرمہ ڈٔہِ لچہِ شاعری ژٕٹ لوٚب دِتھ تہٕ پرانہِ شاعری یہ برخلاف کٔرن نظریاتی وابستگیہ تہٕ سرریلز چھِہ بیے ضبطی لِنشہٕ دوٗر رۆزنچ کوٚشش. مگر اَمہ شاعری یہ تہٕ کٔر جلد ہے تحریکہ ہنز صوٗرتھ اختیار یتھ (THE MOVEMENT) چھِ وَنان۔ اَتھ تحریکہِ منز چھُ ساروے کھوٗتہٕ اہم تہٕ مقبوٗل شاعر فلپ لارکن یُس تحریکہ ہنز وٕعدٕبندی لیوٗ نیمبر چھُ۔

انگریزی شاعری یہ منٛزٕ ہے یوت تہٕ ٹلی کرتمِن سارنی زبانن ہنٛزِ شاعری یہ منز رۆز جدیدیتھ گٔنہِ تحریکہِ ہندین حُدرن منز قادر سپدِ نہ وراسے رنگ بدلوٗنی حقیقتہٕ ژینیک تہٕ ناننکُٹ اکھ ترائے بدلوٗن ژدیہ یمِن زمانن منز لفظن، نحوی رشتن. شاعری ہیٚترکن تہٕ آہنگن وُہِ صدی منز شلیہ یاژہِری اخلاقی قدرٕن، سماجی رشتن، تہٕ نظریاتی بناین ہندِس مِسمارِس سیتی ژھو ژر یادگو و۔ یوٚہے بدلوٗن ژدی یہ چھُ شیٹھہ بیتہٕ چہِ کاشرِ شاعری یہ منز تہٕ ٹاکارہٕ پاٹھۍ وریٚتھہ گژھان. وگنیچ شاعری چھے ایلیٹ تہٕ پاؤنڈ سنز شاعری یہ نِشہٕ مختلف۔ یہ چھُ یِزرہٕ یم چھِ جدید

شاعری ہِنٛدی باعٲنی کارٕ نکیاز ہنٛزِ شاعرِ یہِ تہٕ ہِنٛدِ وُتہٕ تنقیدی کارنامہٕ کینٛہہ گِیہِ جدید شاعری پرانہٕ شاعری ہِنٛشہٕ جداتہٕ شاعری
پرٛادِ نٕنٛیِ آزادی تہٕ خود مختٲری۔ مگر یِہنہٕ شاعری تہٕ چھِنہٕ ورگہٕ پاٹھۍ بیٚیہٕ کُنہٕ نظارت شاعری نظریہٕس تابیار وزان
ڈُبنکیٚنہٕ شاعری چھےٚ نہٕ کُنہٕ اخلٲقی، دینی یا سیاسی نظریہٕس تابیا تہٕ نہٕ چھےٚ فقط سرریلزمکی پاگُڈ
لاشعورکین بےٚ ربط تہٕ بےٚ ترتیب ہنگامن ہنز ہوبہو قلمبندی۔ ونکیٚنہٕ شاعری منز چھُ یےٚ
ماہِنز ہِنٛدٕ زیادٕ شدید احساس تہٕ اکھ سنتٕ چھُ مانےٚ تلاش کرنک احساس تہٕ تتنزٕ لبان۔ یہ دِنٕ چھُ
حال زِ یہ تلاش کوت واتناوِ۔ مگر یِہِن چھُ شقہٕ زِ اُزیک تخلیق کار چھُنہٕ اَمس ٹرٕتھ سوالن لنٕ
اُچھ مورٕتھ مختلف فلسفن تہٕ نظریہٕن ہِنٛدٕ وُکھ ژھاران۔

نی ہیٚتھ ییٚتھ پالَس ڈوٚکھ دیتٕ تِہنٛز آب سپدُ
دیٚہہ کھیٚتھ ییٚتھ سوٚدرس ووٚتھ ژھنی نایاب سپدُ

گوڈنکِہ عالمی جنگہٕ پتےٚ ہیٚلہ انن مذہب، اخلاق تہٕ انسانی قدرن ژٕرگی دلو دل
گوڈ، فن کار رود نہٕ اُچھ ژُتھ۔ مگر تمو ہیٚتھو بیٚیہٕ مختلف پرٛژھن ہنز زدل ژھیٚنہٕ تل پناہ (THE
WASTE LAND) یوٚدوے کلچرکہٕ زوالک تہٕ قدرن تہٕ رشتن ہنٛد سمارک اکھ لوٚز آنہٕ
چھےٚ پیش کران مگر شاعرن چھُنہٕ آشہٕ ہِنٛد دامن ترٛوومُت تہٕ تہٕ چھُ بیٚیہٕ تمے خاب
وونان یمن ہنٛدِس خاب تہٕ محض خاب آسنس تہٕ پانے مانان چھُ۔ یہ زمانہٕ ساز نظم چھےٚ
"سونتھ" لفظہٕ ہیٚتھ شوٚرٕ گژھان تہٕ شانتی، لفظس ہیٚتھ اندٕ واتان یُس گیتی ہنٛدِس سنسکرت
لفظن DA, DA, DA متر بجایہٕ دِتھ لبان۔ THE DECLINE OF THE WEST
OSWALD SPENGLER چھُ لیکھتھ یہ فتوادِوان زِ انسٲنی تہذیب چھُ بیٚیہٕ توری کُن لمان
یِنہٕ ہیٚتھ یہ دوٕ تلبوٗمت اوس۔ E.M. FORSTER روٗد انہٕ ہِنٛد ازلہٕ زز پوچ پرٛژھ
سینس ہنٛدِ ژٕٹھ نہٕ مارکسی نقاد چھِہ نجاتک اکے وَتھ باوان — مارکسزم۔ اَتھ برعکس چھُ
اُزیک تخلیق کار پرانیٚن تہٕ چھِن قدرن ہنٛدِ زوال تہذیبی ارتقاہک اکھ فطری منزل

زانٛنِتھ کانٛہہ گژھاونٛسکانہٕ کرنہٕ ورآے حقیقتھ تۆ بۆل کران، دوٚن گوٚو دِل ہۆ لۆل پاٹھی ژنٛدرن
ہندِس مِسمارس پیٹھ وادیلا کرُن چھ حقیقت پسندی خلاف اکھ رۆمانی رٔوی یہ یتھ خلاف
لبادتک ناو جیٚد پٲدٕ یتھ چھُ۔ انسانہٕ سٕنٛز اصلیتژ ہند خوفناک اعتراف چھُ وونٛکینٛچ شاعری یہ
منز جایہ جایہ حیوٲنی پیکرن ہندِس صورتس منز نظرِ گژھان

THERE IS NO BETTER WAY TO KNOW US
THAN AS TWO WOLVES, COME SEPARATELY TO A WOOD,
NOW NEITHER'S ABLE TO SLEEP – EVEN AT A DISTANCE
DISTRACTED BY THE SOFT COMPETING PULSE
OF THE OTHER; NOR ABLE TO HUNT – AT EVERY
STEP / LOOKING BACKWARDS AND SIDEWAYS,
WARYING TO LISTEN / FOR THE OTHERS SLAVER-
ING SUSH.

{ TED HUGHER (B - 1930) }

ژٕرے اسی دنٛد نہٕ ناپان
مٕلے اسِم نم نہٕ نوکھل

(رحمان راہی پشیل)

مبانہٕ تُنز شِندی پیمانہٕ چھِ تمے
بیٚلیہِ بہ کٔلی لیٚنجن گگٕرسہٕ نرآدِتھ نگے نژان اوسُس

(رحمن لال چمن۔ آدم)

تُمہٕ آسہٕ ژٕ دِرٕ أکِتھ کُنہِ شِکارِ میوٗنٛ کھیوٗمت

ٲلی بہٕ پنجہِ تَچھان، أنٛز مشک، ہیوان پکان

(شوق)

اگرچہ جدید یتھ تیٚژ ہنٛد تصوّر ودِوتلاونس منٛز کامیاب سپد یوٚس یوٚزن والین ہیٚیہ کاشرِس منٛز اَپُز کانٛہہ تِہی مثال ژھارنس منٛز ہناد لگِتھ۔ وقتاً ادس زِ کاشرِ شٲعرن ٲسک نظم نمبر اوس جدید یتھ نظمن ہنٛز نمایندٕ سوٚمبرن مانٛز لیوان تہٕ از تام اگر کانٛہہ مقالہٕ نِگارس جدید کاشرِ شاعری ہنٛز کانٛہہ مثال ضروٗرت ٲس سہ اوس یوٚد ہے خاص شمارس الماری منٛز گژھان۔ یِتھہِ زَن پزِ زٕ چھُ یہِ زِ امہِ سوٚمبرنہٕ ہنٛز اکھ زٕ نظمہٕ اوٚک پاسہٕ ترٲوِتھ باقٕے ساریٖے نظمہٕ زکرٕ ژرانہٕ رومانی شاعری ہنٛز نمایندگی چھےٚ کران، شاعر چھِنہٕ واقعہٕن چیزن یا شخص ہندِس آزاد وجوٗدس کانٛہہ تیزتھ کوٚرمُت پریتھ کُنہِ نظمہِ منٛز چھُ شاعر کُنہِ خاص تجربہٕ پیٹھ شوٗرٕ کران مگر کیٚتر و مصروٗ پیٚیہ۔ چھُ ہنٛ تجربہٕ تُترٲوِتھ فلسفہٕ وشرح ناوان، قدرن پیٹھ ماتم کران۔ تنہا یہِ ہنٛزٕ شکایژ کران۔ محبوٗبس آلو دِوان، لوکچار یاد کران۔ توارِیخکہ ورق پھران تہٕ نظمہِ لوٗت ونیوٗت طوٗل دِتھ ہنٛ لوس لوٗزٕ راوان۔ لفظ، استعارٕ، تشبیہ تہٕ پیکر لیبلہٕ پاٹھۍ ورتاوِتھ تہٕ چھِنہٕ تجربہٕ اکھ سوٗتھ تہٕ برونٛہہ پکان۔ بیرٕ چھُ لوٗزِ زمین اکثر نظمن منٛز چھےٚ پزٕ شاعری تہٕ مگراد یِرٕ وُچھکرتھ تہٕ کانٛہہ نظمُ چھِنہٕ پزٕ شاعری اُنتھ ہیٚچمٕژ۔

جدید شاعری ہنٛز اصل مثالہٕ چھےٚ کاشرس منٛز اَمہِ نمبرٕ پتہٕ نظرِ گژھان یِتیہٕ رحمان راہی ۱۹۷۰ پتہٕ رِوایتی مانٛیس منٛز خوٗلبوٚرتھ تہٕ خوش لیوٗہن موضوعن ہنٛد گنٛڈتھ انتخاب ترٲوِتھ پننین رنگارنگ تہٕ لمحاتی تجربن یا تاثرن اخولبوٗرتی ہنٛد پابندِ روز تہٕ درآے۔ اموضوع بناوِتھ برٕ ونہے تسلیم کرنہٕ آمنٛز آہنگ تہٕ ہیٚیژمُتہٕ راوِتھ پننیو تخلیقی ضروٗرژ تہٕ مطابق نوٚو آہنگ، لفظتی تہٕ ہیٚیژر گران چھُ تہٕ ہیٚمہٕ غرضہٕ زہنٛس ذاتی تجربس شدِ تہٕ سان باوتھ کرٕتھ میلہٕ پرن وآلِس ہندِس منٛز

منز موجود غلشن ترتیب تہٕ شیرٕ زآر باوٕ زنادِ پرن والی سپندِ ِس منس منز ترٕ ہ باترتیب غزلشہ یمن ہند نتیجہ سرود آسہٕ ۔ پنن یہ شاعرانہ مقصد بامل اننہٕ خاطرٕ چھُ راہی اندی یکھی حقیقتٕ رعہ استعٲرٕ رٔدی یہ انجیار کران یمہٕ کنہٕ اندی یکھہٕ زآنی متہٕ پہٕ ماندٕ ی نہٕ عام چیز تہٕ پُر اسرار چھہٕ باسان تہٕ تمن چیزن ہند خاطرٕ تہٕ چھہ مانینِ ہندی نٔوی جہت پرادان ۔ یہوے چھُ وجہہ زِ تمی ہنز جدید شاعری منز چھہ شاعرانہٕ غار شاعرانہٕ رِواتی امتیاز مِٹان تہٕ تخیلہٕ کہٕ زورٕ چھہ سورے کینہہ یکہٕ وٹہٕ رٕلتھِ شاعری بنان ۔

# رۄد

پہوان چھُ

یُینہٕ لوگُن تنُہٕ چھُ پہوان

اَکی تراپہٕ ، ژِھدٕ رۄس

نہ دُزمَل ، نہ گگراے

فقط رۄد

●

کو ہپہٕ تیٚنشالِ چھہٕ

"سانہٕ گرِ ساری مۄسم سالہری"

(یہے سۄدرٕ کورہن ہنزٕ اسمانی وٕچھا!)

راوٕ برن آسکہٕ وُنمتُ

(رٔولِ بتراتھہٕ وچھو)

●

نہ وزمل نہ گگراے

شُری تام ، شرہن ہنز موج

ساری پیٚیہ زبنگہ
آنگن کو کرشٹر پٔہرِس
تہٕ رٕژِ جیٚوے دفعہ ہنرد کرِتھ

دورے پیہ

سوٚدرِ ہلکٕ سال اوس پوٚزِ ے
پوٚز تَتھ چھیٚترِ چھیٚ کانیٚ پھچٕر
ژادرٕ کھیٚترٕ اٚتھرِ

تہٕ پتھ چھُ رٕژد

وٚسان

پننِ جذبہٕ تہٕ احساس کأبنادِنہٕ ( OBJECTIFY ) خٲطرٕ ٹھوس مورد مَنن ہندِ خوٗد موٗختار آسنک احترام چھُ دنیا ناتھ نادم ہنزن کیٚشرن نوٚین موٚخصر نظمن منٛزٕ تہٕ موٚجوٗد ہیٚمیٚک نتیجہٕ یہ نیران چھُ زِ شاعیر چھُنہٕ پننِ زلوٚمِن مورٕدمن اٚمِسٕ منٛز تھاوِتھ کیٚتھ کرناوان یا تمن مورٕدمن پننین جذبن ہندٕ دٕرٕن وٚتھرن کرالنٕہ زَن ترقی پسند شاعیر یہ ہُنٛز عام رلوایتھ چھیٚ اٚلکہ چھُ مورٕدٕ خیٚ شاعیرٕ سندٕ ین جذبن ہندٕ ٹھوس خٲرجی رٕپھ داران تہٕ شاعیر یہ ہندِس قالبس منٛز یتھِ جذبس ہتی ہتی جٕس تہٕ بیدار کران

ٹھیٚترِس پیٹھ تلہٕ کترِس پٕلیٚٹھی تیچ

کھرٕ پھیسرائے

دٕ تہٕ دٕ تہٕ کھیٚ کھوسہ اٚہنزارے ہیٚتھ

سمیٚن، پھرٕن، اقرن لحلتن ہنٛز اٚہنزارے

لوگِ چونکھرِ پیٹھ لوگہ چونکھرِ تام

دٕ ہیٚ آسمانس منٛز گیہ غائب

(نظم : گرِشمن)

جذبن تہٕ احساسن ہنز یہ اُڈرن چھنہٕ نادم سٕنزِ پرانہٕ شاعری منز نظر گژھان لوٚدوٚے تہ منز تہٕ اسہٕ ییٚنن ہیتن سٕتھی مارٕ شندی پیکر چھِ میلان۔ جذبن تہٕ احساسن ہنز یہ کابیادن چھےٚ نادم سٕنزِ شاعری منز نابدہٕ تہٕ ٹیٚٹھ درِین۔ نظمہِ منٛزِ چھے ٹاکارٕ سپدان وچھن گو وتوتہٕ ہیکو نہ دیتھ ناتھ نادمنٕ شاعری کلس پیٚٹھ جبید یاد ماتھ تکیازِ اکھ چھنہٕ یہ خاصیتھ تمٕ سٕنزِ شاعری منز مسلسل تہٕ بیٚیہ ادکنہٕ تہٕ زنادم چھُ ینزٕ آزٕ چہِ شاعری منزس ایہامس ژھایہ تہٕ پاٹھ غالک شاعریس آزی چہ حقیقتٕ وژلنس درِتھ مانے ژھار نہٕ بدلہٕ اکھ پانے قایم کورٕ مت مانے بخشن چھ ینژھان۔

سانی ازکی ساری اہم شاعر چھ بلاشک کیٚنژن بہترین شارن۔ پیکرن استعارن تہٕ تشبیہن ہنزی خٲلِق وژن گوڈیہ کینہہ اڈگ پاسہٕ تراوتھ زیم چھِنہٕ جبید یہ تکیازِ ترقی پسند تحریک ہنزِ چھلہِ چھا... کٔرِ تھ نہٕ تہٕ تربت چھِ یم جبید یہ ہتس تہٕ اکھ تحریک اُتھ امرِ لنشہ ینٛن پان بدرٲز تھاونٕک وأتِھ ڈیتھ ایلان کران۔ چھنہٕ یم جبید یہ ہنزِ شاعری منز چھُ جاگیردارانہٕ اخلاقی جمالیاتی قدرن ہنٛد احترام ییٚمہ کِنہٕ یم تخلیقی عملہِ منز جذبس ینٛن جأیز رول ادا چھِنہٕ دِوان کرنہٕ تہٕ سیٚدہٕ سیٚود یا ٹھٕ یا عاسیانہٕ تشبیہہ یا استعارہ ورتاوِنہ جذبا تیتھ چھِ دوہ تلاوان تہٕ ینٛزِ ذاتھ بڑ ونھ کن آنان۔ یمِ منز چھِ کینہہ شاعر اکھ قدم برونٛھ کنِتھ پرانین قدرن ہنارس مسمارس پیٹھ وادیلا کران تہٕ امرِ ہیتی ہیرٕ ینٛن آدرشن ہنٛد اظہار کران۔ یم ساری شاعر چھِنہٕ جبید یہ مگر ہینزٕ شاعری منز چھِ وارِیاہ شیٚون ہیوٚن شار تہٕ ہنٛد تھکِ یم بہٕ جبید یہ شاعری ہندی لو نمونہ مانان چھُکھ:

تتھ مکانس نہٕ آس دار نہٕ بر
ہیٚتھ مکانس اندر مےٚ ادس اژن

دُچھنہٕ آکاشا سو دارِ کنہِ ڈراژ
نیہ ربا پانہٕ دیٛلی مہ ژھ پیٚتھ کُن

نکھ وأتتھ وادن ژھوردس
ژاتیچ رٔنیہ لگتھ آباسے

(قاضی غلام محمد)

دِرہٕ نۍ اوسُس بہٕ بوٚرتَل
الپورِ دوٚلتُس نہٕ دُ چھم سٕتہٕ انسان
پٔژ ہیٚنس تابِس پکو ہوٚ کھنادان

— (فراق نظم : سۆرانٛدر)

تھٔمبن ہنز شوٚخل رٕہیہٕ اٚس دٕ بہٕ رنگ بدلاوان
ٲز اٚس دٕران ہیر لۆ نہٕ سٲرے
نہٕ کاہنہٕ شَرٕ نہٕ ہنگامہٕ نہٕ کھنگالہٕ

(فراق نظم : ہچوٚر)

بوٚزہٕ نہٕ ماگہٕ
شہرٕ دِگرِتل روزِ ہٕچھ گتی
لاٚدی
لوٚیتی
رنگہٕ ڈلہٕ
خوشبو بہٕ غاب
افتابہٕ!
چانہٕ ۂرہٕ کردانِ ادر

(مظفر عازم نظم : ہمسوس)

گئے زمانس تیتھی گُذرِی حالاتھ
تھکہٕ ہینڈ کینہہ قدِ بیہ بزرِ نیٚتھ
اُلِف لامی لیٚجن چھہٕ آمت کھژ
آسہٕ ماکینہہ جدرو بچو دمت زِنہہ

آیہٕ کلہم زِھو کاں زِھو کاں طرفا تھ
نز کنی کیاہ تلمت اٚ ٹھ چلہٕ
داستاناہ : ملے دلو کا نِزمہ
ہیٚتھ مکانس درِ وٚسن گٔنشو کانِ ژہ

(ناجی منور)

لکبہٕ پھٹ

یا

ہوٚہچہٕ گرٛایہ

اڈٕنگچہٕ ٹھنڈ لوکنہِ رگہٕ رگہٕ نیلیہ یم

رٕم رٕم ریٛشہ ہیوٚد

جٕم جم نارن نال وٚولُم

شوٗلیہ وَن

وَنہٕ گُتھ، کالدٕ، گٕلی کٕنہٕ

دوٚپہٕ دیوارا چھر

یم کہتھٕ کیاہ ؟

پیٚتہٕ ادس ژٕھدٕ ردس شیٛن پیوان

اُڈٕ ی حَل کٕرٕنہٕ گوٚد

رٕسہٕ رٕسہٕ شیٛنس تل

اُچھ رودٕ زٕڈیان . . . . .

پیٚتہٕ بیلہ سوٗنتس لوشہٕ پھیرٕ گیہ

لوکھ گیہ رٕوٗزتھ سٕڑکن پیٹھ

اُچھ!

ڈٕ ہہ رنہٕ اُچھ پوشس پوشس

ہے !!

اُچھ ژٕرنہٕ آیم

أنہِ گٹہٕ ڈٕنٕٹھم
کیتھ کتھ اُسس
نیپہٕ نیپہٕ کپرولٕ لال
ہراں!

(حامدی کشمیری: اکھ نظم)

دوہۍ پہٕ سرماسۍ فضا، کوچہٕ انہر، جابہٕ گنہر
یُس اکھاہ ژادوشہ نوٚن وژادپہٕ ہیتھ شہرس منز
یا ترٕ لوٚگ اَسہ مشکلن ہندی حل
یا نہ از یا پہٕ مشکلا تھ بنیے

(امین کامل)

دوہ دِکوٚل چھےٚ پکان تمہٕ ساترٕ ونس
وُنہٕ دوت نہ آلو آر پلس
کیٛہنہ عکس ہہٕ لیکھہٕ یا آپہٕ سبزکہٕ
کیٛہنہ نقش بہٕ کھنہ یا داپہٕ بُرسُ

(غلام نبی ناظر)

یمن سارنی مثالن منز چھےٚ موضوعی ہنبر باوجود نہ اکھ خاص ہیتھ مشترک ییٛتھ ذاتکۍ مکمل نفی یا پیکرن ہنز مکمل خود مختاری وُنو.

تِمن ہندی شاعر چھِنہٕ وُنہٕ جدید پہٕ شاعری ہنز سُکاہتہٕ قابل بروسہٕ نہٕ باوُن باوُن لایق مواد تخلیق ہیکی ہنتہ کرتھ لوٚدوے ذاتی زندگیہ منز یم تمہ صورت حالہٕ منزی چھ گُذارن تیمیک پاداوار جدید پہٕ سوچ چھُ۔ اَتھ چھُ لوٚڈ وجہ یہ زِ یمن منز چھِنہٕ وُنہٕ اکثر یا نہٕ شاعری تخلیق کرنی منٛز

واحد سنجہ مقصد زانِتھ، ہنگہ پتہٕ نتہٕ چھنہٕ وۄنہ تجربآتی دورس منز وۄزانہٕ (رنسق راز تہٕ گلشن جبید چھنہٕ اکھ جماز منز شامل) ساپن اکثر جدید نما شاعرن منز چھے موضوعٲتی دۄشرھے تہٕ جذبٲتی غار موجودگی نظر گژھان۔ وۄنؠ گوو یم چھہ شاعری ہندی ترکیبی دلیل زانان۔

گوو شیٹھ تہٕ لبکھنہٕ آمتیٚ ساری کاشُر شاعری چھنہٕ جدید بلکہ حقیقی جدید شاعری ہنز اکھ نمایندٕ سوٚمبرن ہیکہ مشکلے اکھ یتھ کھنہٕ بنتھ دوول گوو بیہ لوٚو روجحان چھُ رُسہِ رسانہٕ شاعری منز مقبول سپدان۔ امکہ پھاپھلنہٕ خاطر چھُ شاعرہ ہندِ جدیدیت الناہٕ ہندین نفسیاتی تہٕ سماجی مسلن متعلق ذاتی مشاہدہ علاوہ جدید علمن تہٕ فکری ذرٕی یا فن ہند شرون مطالعہ تہٕ لازمی شرط۔ یُس نہ سانی اکثر شاعر چھہ پوٚرہ کران۔ جدید مخالف دانشورن ہند تہٕ چھُ ییوٚے حال یم جدید یتس اکھ پیہہ اثر ترای زانان چھہ۔ تمن چھے جدید یتھ اوّ کنیہ پہ ترای باسان تکیاز جدید شاعری ہنز صحی مثالہ چھے کمیاب۔ دۄل گوو بیتے لوت چھنہٕ وجہہ۔ یم چھہ ہینہ تہٕ کینہہ وجہہ یادان یم یتھ پاٹھی سہٹھاہ سنجیدہ چھہ باسان۔

دۄیم چھُ ییوان زِ جدید شاعری چھے محض کتابی علمک پاداوار۔

یم زِ اکھ منز چھنہٕ حقیقتھ پسندی۔ مگر یُس چھُ یہ زِ جدید شاعری چھے زِ کہٕ صحی حقیقتھ پسندی ہندِ خاطرے اکھ تواریخ ساز کوشش۔ جدید شاعر چھہ پرانہٕ شاعری بہٕ غار حقیقتھ پسند زانان۔ پرانی شاعری اُس حقیقتھ پسندی ہند دعوٰکرتھ تہٕ حقیقتس نشہِ سٹھاہ دور۔ پرانہِ شاعری ییتہٕ نظریاتی عامک منزی وۄچھتھ حقیقتھ زانہٕ نچہ کوششہِ منز گوو ژرٕ ژھیتے گوجہ متعلق فاصلہ کران اُس تتہٕ چھے جدید شاعری گوٚاچ وۄچھتھ گوٚ لرہہ نہ پیٚٹھ اعتباری ثابت کران۔ جدید شاعری منز چھُ اندی پکھہِ کین چیزن کردارن تہٕ واقعن ہندِ شاعر سند ذہنہٕ پیٹھ خود مختار وجود ک

مکمل احترام جیٚہ پدٕ ساٚیرچھِنہٕ کھوس حقیقتھ ہندٕ پن رنگہٕ رنگہٕ جٔرن تہٕ اظہارن ینٚنہٕ جذبن (اٚیژ پاٹھۍ خوش کرٕ نہٕ) ہندی ترجمان بناوان ٹلی کیٚہ چھِ سُہ یمن رنگہٕ رنگہٕ دٕہن تہٕ اظہارن منز ہینٚہ جذبہ رنگہٕ پاٹھۍ شعر پراوان زِ ساٚیر چھُ جذباتن لٔنبۍ بیان تہٕ پرٚتھ کانٛہہ موضوع یا واقعہ چھ ہینہ باسہِ دِنہ حالژ منز نیرِتھ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ امکانی حالژ پراوان تہٕ اتھ سٕنز چھ یمن موضوعن تہٕ واقعن ہندِ خاطر لفظن دارِیاہ پاسِل مانے اختیار کران:-

## ہندِ قولوٗنس

پٔھنہٕ پھوکھ لایہٕ ہم
سخت آوِیل چھُسے
تیوتھ آوِیل زِ
رنگ
پیٚرٕہن تہٕ یمہِ شن آنٛزرد
شکل
افتابہٕ ڈولِم
نیٚبری
یاٚرِ پھیوٗرتاہ، شیٖنہٕ تھوٚسِ ساہ
اُندری
ہو نیرِ طلسماتی جارتھ
کٲینا تہٕ تُھوٚپ دوٚپ واٚنِتھ !)
میٚنہٕ پھوٚس، زودِ دوٚنہٕ تھس، تا پیٚرِ کھوٚتس
بولہٕ بزم تہٕ جہِ یِنہِ غُبند شو بشو ہ

بالہٕ تینتٕ اکی تہٕ اسمان وُچھم
دۄ ہلہِ باسیوم بۄزِ ہِہ کنہِ گرٛزہٕ سر
راتھ کینٛتہٕ پیوم نہٕ زٕ بتیس
آس کمہٕ دلیشہٕ، گرٕ ژھٕن کۄت پیٛٹھ چھم
اکھ نظر یان وُچھویوم،
مگر !
یُتھنہٕ بہو کھ لا یہٕ ہم
سخت آویل چھُے
تیوٗتھ آویل نہٕ .........

(رحمان راہی)

زنانٛزِ ہنٛدِ واحد تہٕ موحدُ دزُبلہٕ کہٕ رُعد تہٕ ہینہٕ ہا تہٕ شاعرن ہنٛدِ پوش اکی ساری زاوی جارِ ہتھ ہیوٗ دمت چھِ یمہٕ مثال ہیکہٕ سۄ پرانہٕ شاعری منز میلتھ، مگر تہٕ کیٛتھ تہٕ چھُ نہٕ یہٕ فوٹوگرافی منز حقیقتھ نگاری، نظمہٕ ہنٛد ہنٛدِ فو لوٗس چھُ اکی ساتہٕ دۄر منس منز پھۄلمُت پوش تہٕ تہٕ نظمہٕ ہنٛدِس کیلپڑ وسکوئیس منز اکھ واریاہ مانیل علامتھ تہٕ. پوشہٕ چیٛن عامی یٕژرن چھُے منوٗ رٕ ژر شاعران تٕ ژ ارِ کٔرِ مژٕ. تکیاز ہنٛدِ پوشس پیٛٹھ نظم لیکھنہٕ ورِ ہکہٕ ہن نہٕ شاعر پسنٛدی جذبہٕ بے دخل آستھ مگر نظمہٕ ہنٛدِس خود کار تحریری ڈنیہس منز ییٚہ چھُ ہنٛدِ فولوٗس باغس منز پھۄلی مُتہٕ پوشہٕ نسبہٕ مختلف آسیتھ تہٕ باغس منز پھۄلمُت پوش باسان۔
فطری حسنچہٕ باوژ منز چھُے رۄمانی شاعری تہٕ جدید شاعری منز بۄڈ فرق ییٚمہ زِ رۄمانی شاعر چھُ پننین جذبن ہنٛدِس عکسس ستی پر گژھتھ پیکرن ہنٛدِس گنجارس کام ہیوان ییٚلہٕ زن جدید شاعر پننی جسا وِ یتھ (SENSUOUSNESS) ضبطس تل تھاوان چھُ. ہنٛدِ فولوٗس نظمہٕ منز چھُ گوڈنچن پنٛدہن سطرن منز یتھوٗ تےُ (SENSEDATA) لوٗت یہٕ تاثر شنٛدہٕ سان دوہ تلاونہٕ خاطرِ منوٗ رٕ ژری چھُ زِ:

دۄ ہلہِ باسیوم زِ بۄزِ ہِہ کنہِ گرٛزہٕ سر

راتھ کیٚتھ پوٚم نہٕ ژ بتیے
آس کمہِ دلیشہِ نہٕ گژھن گوٚت پیٚٹھ چھم

نہ صرف فطرت نگاری منز بٔلکہِ سماجی موضوعن ہیٚتھ تہٕ چھِ جدید دورٕچ شاعری
شۆندرٕ دی بہٕ غار جنہ باتی۔ نظر نظر یاتی تہٕ بے لوٚن تمہِ ہنز کلام چھِ دوٚہ پچھ یا سۆہ پچھ
کاہنہِ حالتھ تیتھے پاٹھی پیش کرنی ییتھ پاٹھی تمۍ پانہِ محسوس کٔر سماج شدار چھنہٕ تمۍ سندٕ
مقصد۔ دوٚہ پچھ یا سۆہ پچھ کاہنہِ حالتھ پیش کرنہٕ دِرِ چھ شہ ہنزِ ژرھ، یقین نہٕ
بیرادِ یوٚت پلہِ تیٚوت لوٚب تھاوان تہٕ پننہِ خود سکار تخلیقی عملہِ مکمل پاٹھی آزاد تراوان۔
بیٚ چھس نہٕ وَنان زِ کنہِ مخصوص حالتن متلق گیاہ آسہ نہٕ شاعرس پنُن کاہنہ ذٲتی رائے۔
یُوتام شہ کنہِ سماجک فرد چھ تُوتام چھ تمس پانہٕ تہٕ سماجہٕ کین باقی فردن ہیٚتی مختلف
مسلن سندٕ مقابلہٕ پیوان کرُن تہٕ تمن متلق سوچُن۔ دوٚہ گوٚو شاعر یہ ہندس دُنی ہس
منز ییتھ چھ تمس پنُن سارٕی جذبہٕ تہٕ اعتقاد مکمل پاٹھی ضبطس تل تھاوُن۔ شاعر یس منز
چھے تمس وگ پیش کرنی یا مزہ غم یا خوشی نہ زِ پنُن اعتقاد۔ یتھ رۆز جان ایلیٹ
سندی لفظ پھرنی۔

"THE MATERIAL OF THE ARTIST IS NOT HIS BELIEFS AS HELD BUT HIS BELIEFS AS FELT".

ییلہِ شاعرس اُزی کین سیاسی کہو اخلاقی رہنماہن ہنزِ مکارہٕ متلق
شار لیکھن آسہٕ شہ لیکھ:

لوٚچھ ہیٚتی پاٹھ مبرنیہ دراصت ژٔر کران
رُستم کھہِ زکھشس
ظلمانس پنیہ تاپھ

ئُلنس ژٕلہِ جارتھ

جب کھسہِ ہیٚس ہتہ ہتہ نیوٚر

سنگر مالہِ گلاٹ دِرہیٚن ہمٔژ ازل ابد کھو کھلاٹ دِتھ نن

(رحمان راہی : صدا)

یہ چھےٚ تخلیقی عملہِ ہنٛز مکمل آزادی یوٚسہٕ مناسب علامژ ژھارِتھ، سماجس تسلیم کرٕنژ زبان تیتھٕ پاٹھۍ ورتاوان چھےٚ زِ پانٕژ ھ قولہِ حال چھِ پانہٕ گژھان۔ نتیجہٕ چھُنیران زِ اکھ تیتھ صورتِ حال چھِ پانہٕ گژھان یُس ئٕتھ حقیقتی آسیتھ تہ ٹھوس حقیقت — (CONCRETE REALITY) پیش چھُ کران، قولہِ حالن سنٛد مدتہ پانہٕ گو مُت طنز چھُ شاعرس کانٛہہ بیان (STATEMENT) دِنہٕ نشہِ یا (COMMITMENT)، کرنہٕ نشہِ بچاوان۔ امہِ قسمٕچ حقیقت پسندی چھےٚ شکہِ روٚس پرانہِ شاعریہِ ہنٛزِ ٹاسرِ حقیقت پسندی نشہِ برتر، تکیازِ پرانۍ شاعر (ترقی پسند) اُسی سماجی مسلن متلق ٹاکارِ پاٹھۍ لیکھتھ نہ سماجیاتس کانٛہہ ترٕہ بر کران تہٕ نہ شاعریہِ کانٛہہ سوٚ چھِ واتناوان۔ یہ چھُ سٕئوین لوبہان زِ جدید شاعری کیا چھےٚ سماجی مسلن کُن تھر پھیرِتھ۔ پٕزِ چھُ یہ زِ سماجی شعور ترقی پسندن ہندِس مانیٚس منٛزٕ نہ اچھُ جدید شاعریہِ ہنٛز تہٕ بنی یاد۔ مگر یہ چھُنہٕ امیک کانٛہہ لازمی شرط۔

یہ چھُ جدید شاعریہِ ہنٛد حقیقت پسند مزازے زِ اَتھ چھُ یچھُ UGLY آسنُک الزام تہٕ رٹن پیوان۔ بلاشک چھِ کینژن جدید نظمن یا شارن ہندی پیکر سمجھنے دِکھتی۔

یادِ بیٚہ ازہیوم سٕے تھوٚ گمت ڈٔلی

لوٚس ثرو بہٕ اکِس ہو زٕن ڈہمبس اندر

ژکھ ہیٚتھو تہٕ ہوکھی متھو لوکو چھِ ژھکی یتھ اندر

یونلہ سگہ ہٹ ہٹ بیٹہ پاپہٕ کوٗش
از مٔتے ہے تھوٗکمٕٹ نہٕ گرٕ ہٕوت ہیگوٗ ڈہل اکھ یاد پہو
پٕتھ خبر چھا آسہ ما
تٔھیٚ ہوٗرن ژہ ممبٕس اندر
کیمیاوی عملہٕ عہ سیتی
کوٗٹ نہٕ ڈرامٕٹ
آسہ ماسہ وٕ اٹسہ سٕنٕدر چھبہ ارکٕل
میانہٕ بٕکہ ناپاک اُچھہ
کمنہٕ وٕ چھنس!

(شفیع شوق - نظم: نادلاوِچ)

نیلس ٹرمیس منز سبز سبز شوٗلنگ
پارُد پاروتی وٕنگلان اکھ اکھ انگ
نہ Polli ، Polli ، Polli

(انوٗل گیوٗہر پارُد)

داتی کا........
کھمبر ثٕرِ شوٗل
........ دا دمر دمر مردنگ.....
بوگ بوگ، بوگ ..... ببہٕ شالوٗکنی...... پٕرے منگ
اکھ داٗرد پٕچ

{ یا دلہِ ابدیا دلہِ عید

(اُسی بوتل بند۔ اکھ موکٹ کوٗر

میٚنچہِ دار۔ کرٛمِس گومُت ..... بدرنگ) }

گَنہِ بال پٔٹھان

دیوٗ لبستی گام شہر

مگ، ساہر، ارزنگ ـــــ

پانتریٖس ارِچھ رٕچھ تھوٗدمُت) کھہہ بیرِ اَکِس تَل

ٹوٗرنے روو!

(گلشن جدید۔ اکھ نظم)

جدیٚدیہِ کاشُر شاعری منٛز ارِ قسمکی ناپسندیدہ پیکر آسنہٕ تہٕ چھُ جدیدیتہٕ مخالفو کُن نِشہ اکھ جواز یہ چھےٚ مغربی شاعری ہنٛز نقٲلی تکیاز THE WASTE LAND یا بیٚیہِ نظمہ واریاہن نظمن منٛز چھ ارِ قسمکی کچھ پیکر۔ مگر یم چھنہٕ یہ سوچنہٕ ہیکان زِ اکھ شیٖتہ تجربہٕ لیٚس پانے ناپسندیدہ یا گچھ آمرٕ ٹکمن پیکرن منٛز ہیکہِ باوُنہ یِتھ۔ جنسی تجربہٕ چھُ واریاہن کاشرین نظمن منٛز جوش آفرین لہجس منٛز سیٚٹھے ٹاری موٗنٛد باوُنہ آمُت۔ فرق چھےٚ اکھ تجربس ہیٚتی شاعرس پندرُو ریچ تہٕ تمہِ علاوٕ امہ تجربہٕ چہ خاصی اثر منٛز۔ بیلہ جنسی تجربہٕ لولہ روٗس چھ احساسادی سطحس پیٹھ انٛدواتان آسہِ، سہ ہیکہِ نہٕ ناپسندیدہ تہٕ NAUSEOUS ورِ آسے بیٚیہ کبنیہ نتہٕ آسِتھ۔ "ہند کالہٕ اُدیٚجہ شیٖروِنہٕ علاوٕ گُل تہٕ بلبل ـــــ ہیکن تہٕ ناپسندیدگی کاسنہٕ خاطرٕ طلسمو کنی درتاونہٕ یِتھ"

ANTHONY THWAITE : CONTEMPORAPY / ENGLISH, POETRY) اکہ کنہٕ چھنہٕ یتھ ہش شاعری وۄپر:

تیزاب، رتلہٕ ہیٚتہ تل۔ نتہٕ وو نی، گمہٕ

بٔبیہ کِتھن گوٗ دوٗن ٹِیندرس

(ہمٹ بنک تہٕ ژٕھری)

رگن منز موٗٹ تہٕ سیاہ مو رہہ
شہہد مزاہ جاہہ پیٹھ ہر ——!

(شفیع شوق : وٲل وہان)

وۄن گو واتھ مقامس پیٹھ چھُ اکھ خطرٕ ضروٗر زِ کانہہ شاعر کرِ زانتھ ماًنتھ جدید
آسنک باس دنہٕ خاطرٕ جدید ڈکشن یتھ ناپسندیدٕ، یکجہ تہٕ مشینی پیکر استعمال۔ ینہٕ یادی تجربہٕ تتھ ہیتی
ہشر آسہِ تھاوان یارنہ آسہِ تجربہٕ گنڑھ پانے پنہٕ پیکر تہٕ ینن لفظن مشخص کرن۔ جان کیٹس سُند
گف چھُ ازتہٕ پوز زِ
"IF POETRY COMES NOT AS NATURALLY AS
LEAVES TO A TREE, IT HAD BETTER NOT COME AT ALL"

یتھ کاہلہ بتیس کاشر شاعری چھے ٹزی پاٹھی "اخلاق سُدار" تہٕ میے چھُ سارنے کاشرین
شاعرن ہندین اخلاقن ہندٕ کمل احترام۔ ممکن چھُ ساہنو رکشو تہٕ ساہنو صوفی شاعرو آسہِ کاشرین ہندِ
اخلاقی مزاجس تہٕ قومی کردار بناونس منز زبردس رول ادا کوٗرمُت مگر جدید کاشر شاعری منز چھے
وارِیاہ مثالہٕ یمن ہندین سطحی مانیس منز ساہن ماچھن اخلاقی قدرن زرر چھہ واتان باسان۔
جدید شاعری چھنہٕ یہ الزام کشیر منزے لوت پوان دنہٕ بلکہ یورپس منز تہٕ۔ اکھ چھہ
اکی آنہٕ فاشسٹ، کمیونسٹ، ہپی ازم، انتشار زدہ بنہٕ پوان ونہٕ۔ مگر یمن الزامن درمیان موجود
تضاد چھہ پانے یمن الزامن ہندِ بے بنیاد آسنک ثبوت پیش کران۔ اکھ پاسہٕ چھُ
DONALD DAVIE ونان :

"فنس منز جدیدیت تہٕ سیاستس منز فاشزمس چھُ اکھ منطقی تہٕ تواریخی رشتہٕ" بیٛیہ سے
نقاد چھہ ازرا پاؤنڈ سُنز GUIDE TO KULCHUR متعلق ونان زِ یہ چھے ننگہٕ پاٹھی فاشسٹ کتاب" مگر بیٛیہ
طرفہٕ ہیٛیہ بے دردی سان جدید ادیب شاعر تہٕ فنکار فاشزمکی شکار سپد یہ، تہٕ تمن کا کتنہٕ لتہٕ تُرِ
ترٛول نازین ہندِ حاتہٕ پننہِ ملکہٕ منز۔ پکاسو آدیوت تنگ فاشسٹن لتہٕ زمی کوٗر SCHONBERG

پَنُن پان کمیونسٹ آسُنک      فاشسٹو گوڈ جدید ہٕژ تخلیق کارن ہیٹھ بے پناہ ظلم تہٕ یمن وٕتھ بولشویکی یا
جمہور نواز آسنُک الزام ۔ یہِ کتھ ۔ تہٕ چھےٚ کانٛسہٕ نِشہٕ کھٹتھ زِ کمیونسٹو کیاہ سلوک گوڈ جدید ہٕژ تخلیق کارن
سیتیٚ تہٕ ژُ ئی کیٛن رکتیٛ جدید ادیب شاعر، ناول نگار، آرٹسٹ چھِ جلاوطن ۔ یتھ چھےٚ نہٕ کانٛہہ شک زِ جدیدیتک
رُجحان چھُ برٛ نی ۔ الِس ایلیٹ ادس شہنشاہیت پرس تہٕ کتھولک تہذیبس پسند ۔ ہنزہ چھُ صحی زِ لیٹس تہٕ
پاونڈ ہنزِ شاعری منز چھےٚ جمہوریت مخالف عنصر غالب ، ہیتہٕ چھ پوٗز پاونڈ تہٕ ایلیٹ آسی ہیٹھ عیسائیت آسی
کُنی ہندو ِن خلاف تعصب تھاوان ۔ مگر یم سارےٚ مثالہٕ چھےٚ انفرادی کمزورِ یہِ ، یم چھےٚ نہٕ ہنزِ شاعری ہندی
غالب پہلو ، نفیٛ بلکہ شاعر سنز شخصیت ہندی ۔ شاعر چھُ بیترٕ شاعر تہٕ چھُ بیترٕ فرد دِ کھرد کھر چیز ۔

دون گوڈ جدید شاعرن ہیتہٕ چھ یمہٕ کتھ منٛز اعتراف زِ یوٗدوے تمی حقیقی شاعری تخلیق کرٕ نی
چھےٚ تمن ہنزِ اخلاقی قدرن کانٛہہ عملی فائدہ واتناونک خاب ترأ ون ۔ ہنزِ شاعری چھےٚ نہٕ زانہہ تہٕ اجتماعی
اخلاقیاتہٕ کِہ کُسی ماینس منزِ اخلاق پرور آسمتٕ ۔ یتِ تِ شاعری اجتماعی اخلاقیاتک حصہ بنیے ۔ شاعری
گیہ نٕ غائب ۔ بقولِ جان کیسی :

" سہ سوٗرے ادب لیس سنجیدہ متوازن پیچیدہٕ تہٕ پوختہٕ کار آسِس سیتی سیتی اخلاقی
تہٕ درسی چھُ تہٕ بیترٕ رٕت تہٕ پوٗز تہٕ آسہٕ ، سہ چھُ پری پاٹھی موجود ۔ مگر ظاہر چھ زِ یتھ ادب
چھےٚ نہٕ کُنی ...... بلکہ واریاہ اہم ادب چھُ اسہٕ دلوی دیوتاین متعلق ، ہیتہٕ کتھ لوز ناوان تہٕ
ورگہ پاٹھی یا نتہٕ یا پاٹھی چھ تمن سیاسی ، اخلاقی تہٕ مذہبی نظامن ہنزِ حمایتھ کران یمن تنز
حمایتھ کرنس از کانٛسہٕ تہٕ منٛ تیٛر تہٕ ۔ امُکنی چھُ نہٕ رٕت ادب تخلیق کرنہٕ خاطرٕ کُنہٕ تہٕ موثر
ضوابط رکھتہ دیتہٕ زن گوڈ واتن زیٛ قیٛد چھےٚ تمکی بیترٕ ادب تہٕ زِ تمکی بیترٕ اخلاق " (۱۹۶۶ء)

شاعری ہٕند اکھ مقصد ضوابط روٗد مت ، مگر یہِ مقصد چھےٚ نہٕ اخلاق سدار بلکہ :

" زباٛنی ہنزِ خصوصیاتس ورتاونہٕ سیتیٚ کانٛہہ شیٛقہٕ بدل ، خود دعویدار ، خود کفیل تہٕ
زِ ہلہ تو تجربہ یا کنی تخلیق کرنس لیس پرن واکس ، کُنی آنہٕ نورتہٕ عطا کرنہٕ سوٗر دتہٕ
نورتہٕ یتھ دُر تیٛتھ پنچ سنجیدگی وٕزان آسہٕ تہٕ سوٗر دار لیس غار تحصیلی تفکرس تھنہٕ

ہیوٚمٕت آسہ یمہ نوٗر تہٕ ہمہ سوٗر روٗ ریم اکھا اکس زٕنم دِتھ تہٕ اکھا اکس منٛز شٕریتھا اکہ تخلیقی کٔنٛہہ بنیٖمتۍ آسن "

رحمان راہی : کہہ ٹٕرِٹھ " ادبک مقصد ،

نوٗرُک تہٕ سوٗزُرُک یوٚہے تخلیقی کٔنٛہہ چھُ جدید ہٕ شاعری ہُند مقصد ۔

جدیدیتٕ مخالف یا کینہہ " پرٛزلوٗمُت " دانشوٗر چھِ عام پٲٹھۍ وٲلِس کاشُر شاعری منٛز جدیدیتھ پیٚٹھ یہ الزام دِتھ قٲیِل کران زِ جدیدیت چھےٚ حالاتن منٛز مغربس منٛز بارسس آمٕژ ، یم حالاتھ چھِنہٕ کشیٖرِ منٛز ۔ یہ پٲٹھۍ رُکیک پاسہ نٕرآدِتھ زٕ دُنی ہیٚکٕت واریاہ کٲتِھ پاپہ ادب چھُ یمہ شُہرُک (ANACHRONISTIC) اوسمُت ، چھینہ یم دانشوٗر یہ زانٛتھ ہیٚکان زِ جدیدیت دُنی ہیچہ جدیدیت سوٗچن ترابیہ چھےٚ کرتام سارِنی جگہ آمٕژ یی یکہ رکھ مانٛدھ تھاوِتھ تہٕ ازُک انسان چھُ دُنی ہیکس پٲٹھۍ کُنہِ حصس منٛز اکۍ ہے فکری ماحولس منٛز زوان ۔ ان پٔڑھ ۔ جاہل تہٕ پتھ پیٚرِ لوکن ہنٛز کتھ چھےٚ دکھیر تم یوٗرپس یا امریکہس منٛز آسن یا افریقہس منٛز ۔ جدیدیت تسلیم کرِتھ تہٕ کرِتھ چھُ اکھ فکری مسلہ تہٕ جدید شاعری ہند فکری نٔلِس ستی زہردس قریبی رشتہٕ لیش یہ صدی ہنٛد پوٚت ژٔری ٲری کِنۍ پیٚٹھ ازتام دوٚن دہلان روٗدُر یہ ہیکہ تہٕ جایہ جدید شاعری ہنٛدین فکری منظرس وٕ نُر ہنٛدے کرِتھ ، ووٚن گوو کینٛہن اہم فکرٕ کُن کُنہ ضروٗر روٗ راشارِ ۔

ڈاروِن ، فرائڈ تہٕ مارکس چھِ تم ترے اہم مفکر یمو دُہی مہ صدی ہنٛدس فکری تہٕ سوٗچ ماولس منٛز سارُو ہے کھوٚتہٕ اہم رول اداکوٚر ۔ یوٚدوے یمن اکِس اکس کتھ پیٚٹھ تنقید سپُد مگر تہٕ یمن ہٕ چھیر یم ازکِس سوٗچس پیٚٹھ غالب یمن نٕر شووٗنی چھےٚ بیوٚن بیوٚن وُنہ مگر منزل اکھے کُنے ۔ یانے تٕمی میون ساسہ بدیٚن وٕرین منٛز قٲیم سپٕدمٕژن قدرن تہراج کرُن ، زندگی ہنٛز بے ماے نیٚتھ ننگہ کرِنی تہٕ انسان اشرف المخلوق مقامہ پیٚٹھ لبون وائُن ۔ ڈاروِن ہیچھاوو ازی زِ انسان تہٕ چھُ اکھ حیوان یُس کروڑ بدیٚن وٕرین ہنٛزِ ارتقائی عملہ ہنٛد نتیجہ چھُ تہ ڈیکس تہٕ چھُ ارتقا پذیر پیٚٹھ کالس منٛز کیاہ آسہ انسانہ ہنٛز حالتھ سو چھنہ معلوٗم ۔ فرائڈن ہیچھ ساتھ زندگی

چھُ جدید شاعرن ہنٛد ردِ عمل یِہ زِ شاعری ہنٛد ذریعہ یِمہٕ اُزی چھِ بےٚ ماینہٕ شرکا تھٕہ مانے تلاش کرنہٕ۔ شاعری ہٕکیا متبادل قدرٕ یا کا تھٕہ مانے تلاش کرِتھ۔ یِہ چھُ الگ بحث مگر یِتھہٕ پاٹھۍ ملے ثبوت نےٚ وۄن، شاعری ہنٛد رشتہٕ چھُنہٕ حقیقتس سٟتۍ زِ کہ تحلیلس سٟتۍ تہٕ تخئیل چھُ تمہِ ساتہٕ زیاد تُھدی پرواز کران یِلہٕ امیک مرکز (UNKNOWN) "اُزون" آسہِ۔ اَزِ چھ بےٚ پناہ ذاتی کٲری چھےٚ انسس پننہِ اَزٕ آنی کٲری ہنٛد زیادٕ شدید احساس دِوان تہٕ اوکنِہ چھُ تھدِ پایہِ شاعری ہنٛدی امکان ہران یِہے ہرتیہ لپناِ چھےٚ شاعری ہنٛد مستقبلچ ضمانتھ۔

جدید مخالفن ہنٛد آخری تہٕ کمزور (ARGUMENT) چھُ یِہ زِ یِمن چھُ زِنگپہ کینہہ پھیر گژھنہٕ یِمہٕ جدید یتھہِ اَچھہِ سارےٚ شوٗر زہتھ رد کرنہٕ۔ مگر یِم دانشور چھِ یِہ ARGUMENT پیش کرِتھ زِکہ پننےٚ تنقیدی صلاحیتن پیٹھ شک کران تکیاز اگر تمن یقین چھُ زِ یمن لنشہِ چھےٚ شعار معکا نکوٗنچ کا تھٕہ قابلِ بروسہٕ کسوٗٹ، تیلہ گژھی تم امہِ شکہِ لنشہ آزاد آسنی۔ یِہ چھُ پوٗز زِ گیوچ شاعری یِہ آسن شوٗر ژُور پننہِ کینہہ مختلف زمانی خامیہ۔ ژکن چھُ لکہِ ہنزٕ تہٕ ریٚن بارسس مگر یِنہِ چھُ پرزر زِ جدید یتھہِ چھےٚ تخلیقی فنہٕ کینہہ اصلی اُدھولن تہٕ نبر یازن ہنٛد بازیاف یِم ازل تہٕ نبر یازٕ سپہٕ تہٕ پٕژمین ساسہٕ بدن وُری ین ہنٛدس تنقیدس معلوم۔ یوٗد وےٚ یتھہِ کالہِ تہٕ کینہہ شاعری ٲسر تھٕہ تخلیق کرنہٕ آیہ، لوسٕ بلاشک اَزی چھِ شاعری کھوتہٕ تہٕ عظیم چھےٚ۔ یتھہٕ پاٹھۍ فزکس، کمسٹری، بیالجی، اسٹرانمی تہٕ باقے سائنسن منز عظیم دریافت یِتھی وُہمہِ صدی منز سپدےٚ بلکل تتھے پاٹھۍ سپدیےٚ فنہٕ چن اصلی نبر یازن ہنٛدی تہٕ دُری یاف یِتھی صدی منز۔ جدید تخلیقی فنس چھُ تنقیدی عملی ملک اَکھ مضبوط ڈُوکھ حامِل یِمیچ نبر یاد جدید لغیاتس تہٕ باقے سائنسن پیٹھ چھےٚ۔ اوکنہِ چھُنہٕ جدید مخالفن جدید یتیس استقبال کرنہٕ رۄس کا تھٕہ چارٕ۔

موٗن زِ جدید شاعری ہنٛدین پرن والین ہنٛد تعداد چھُ سیٹھاہ کم تہٕ بروٗنہہ کُن تہٕ روزِ کمے ـــــ کینزِ شاعری چھُ پننہ دِکھ گژھتا بے پرن والی مشوٗر ورتھ آسی متیم لبقول ملٹن آسان چھُ:

FIT THOUGH FEW

شفیع شوق

# زبان تہٕ ادب

میٲنۍ کوٗشش چھےٚ اَندوَنہٕ روزمرٕ زٕسیٚود تہٕ ساد لفظن منز تہٕ مُبہم استیارٕ
درتاونہٕ ورٲے گوٗڈٕ تخلیقی عملہٕ مندٕ مطالعٕ مُمکن بَنٕ یِتھ رٕژٕ تہٕ خراب تخلیقہٕ
درمیان فرق بُد گژھِ سہل بنہٕ، تاکہ مہ لانکون سیدٕ انفرادی تہٕ اضافی ذوقٕ چہ
آمرٕ تُہِ نشہٕ آزاد۔ یِمہٕ مطالکٕ مقصد چھُ شاعری بہتر پاٹھۍ پرنک تہٕ زانُنک
تخلیقہٕ ہیچھناوُن نہ زِ شاعری کرنٕ ہیچھناوُن۔

Rs. 25